ISSN 2249-510X

# کأشُر افسانہٕ

## موضوعی تہٕ ہیتی تجربہٕ

کأشُر ڈپارٹمنٹ
کشمیر یونیورسٹی، حضرت بل، سرینگر

ISSN 2249-510 X

# انہار

## کاشُر افسانہٕ:
## موضوعی تہٕ ہیتی تجربہ




کاشُر ڈپارٹمنٹ
کشمیر یونیورسٹی حضرت بل سرینگر

ISSN 2249-510 X

# انہار

۲۰۱۲

## کأشُر افسانہٕ : موضوعی تہٕ ہیتی تجربہ

نگران

مجروح رشید

ایڈیٹر

قاضی ظہور

کأشُر ڈپارٹمنٹ

کشمیر یونیورسٹی، حضرت بل سرینگر

ناشر

مجروح رشید

صدر شعبہ کشمیری

انہار ۲۰۱۲

مول : روپیہِ

کتابت معراج ترکوی

## مجلس مشاورت :

| | |
|---|---|
| پروفیسر رحمٰن راہی | سابق صدر شعبہ کشمیری |
| پروفیسر رشید نازکی | سابق پروفیسر شعبہ کشمیری |
| پروفیسر مرغوب بانہالی | سابق صدر شعبہ کشمیری |
| پروفیسر رتن لال شانت | سابق پروفیسر محکمہ اعلیٰ تعلیم حکومت جموں وکشمیر |
| پروفیسر شفیع شوق | سابق صدر شعبہ کشمیری |

# ترتیب

# پیش لفظ

وُہمہِ صدی ہندِس اۆٹھمس ڈہلس تام اوس کاشُر افسانہٕ کاشرِ نثری باوژ ہُند اکھ معتبر وسیلہٕ بنیومُت، تاہم گو وائیک اد ہر گو ہر پتہٕ بین ترہن وُرین دوران زنتہٕ راۆسی۔ یہ چھنے الگ کتھ زِ کاشرِس افسانس لۆدد اکھ اَپزٕ کالس دوران تہٕ اختر محی الدّین، امین کامل، ہری کرشن کول، ہردے کول بھارتی تہٕ بشیر اختر ہوِن افسانہٕ نگارن ہندی تخلیقی خدمات بہم یِیمہِ کنہٕ اَمِچ حیاتی ہُند احساس قایم روُد۔ کاشرِس منز چھ افسانہٕ از تہٕ لیکھنہٕ یِوان، تاہم چھنے سو تیُتھ غاب یوت مذکورہ افسانہٕ نگارن ہنز پرژتھ چھنے۔

پرٛتھ کانہہ نوٚ تخلیقی ساخت چھنے پننہٕ معنویت تہٕ اہمیت تھیِتھ مانہٕ اُتھ ہیکان یِیتھ تمہٕ کس نامیاتی گرتس منز۔ تمہٕ خصوصیژ موجود آسن یہ تمہٕ انسانی ذہنس تہٕ منس گاشراونچ اہل تہٕ ضامن آسن۔ مذکورہ خصوصیژ ہیکن فنکارسندین فن پارن منز تیٚلہِ وتلتھ یِیلہِ فنکار بنہٕ "من کانِچھ" فنی شعبہٕ کین

لوٗازِمن تہٕ رموز واسرارن نہ صرف وأقف آسہِ بلکہ آسہِس تمہِ فنی شعبہٕ کِہن تعمیر کارن ہُند عرفان تہٕ فیضان تہٕ بدس۔ مطلب یہِ زِ کُنہِ تہٕ فنی شعبس منٛز ہینکہِ تیٚلی کانہہ فن پارٕ تمے ساتہٕ بارسس یتھ ییلہِ فنکار پنٕنہِ رِلوایٔژ تہٕ وأتھ اسہِ تہٕ ستی آسہِس پنٕنہِ SENSIBILITY تہٕ پنٕنہِ انفرادیٔژ ہُند ادراک۔ کأشُر افسانہٕ کِہن بأنی کارن تہٕ اُمہِ کِہن تعمیر کارن اُس (چھِنے) عالمی افسانیٚن تہٕ پأری زان تہٕ تمہِ کہِ شعریاتیٚن تہٕ وأقفیت۔ یُوہے چھُ وجہ زِ تِہندٮ۪ن افسانن منٛز چھُ تہٕ سوٗے موجود یہِ افسانس منٛز آسان چھُ یا آسُن گژھہِ۔ مگر سون أزیک افسانہٕ چھا مِ رٕنگو ہنا پرژھیوٚن ہیوٚ باسان تہٕ یہِ چھُنہٕ تہٕ یہِ یہِ آسُن گوٚژھ!

کأشُر افسانیٚن فنی اہمیت زیرِ نظر تھأوِتھ کوٚر سأنی شعبن پرُس کأشُر افسانہٕ: موضوعی تہٕ ہیتی تجربہ عنوانس تحت اکھ سیمنارُک سنتریتھ منٛز کأشرِ زبأنی ہندیو نامور نقادو پنٕنی مقالہ پیش کٔری۔ اہنارُک بدس شمارٕ چھُ تمنے مقالن پیٹھ مشتمل۔

مجروح رشید

صدرِ شعبہ




رحمٰن راہی

مُحترم سامعین !

کشمیر یونیورسٹی ہُند کاشُر ڈپارٹمینٹ چھُ اکھ کارگُذار تعلیمی ، ادبی تہٕ دانِش یار ادارٕ یُس پٔتمہِ صدیہِ ہِندِس اوٚڑمِس ڈٔہلِس منز وجوٗدس یِتھ پیٹھٕ برابر ازتام کاشِر زبان تہٕ ادب کشیرِ ہندِس تعلیمی نظامس تہٕ ثقافتی زندگیہِ منز پنُن معنہِ سوو رول پرزنہٕ پاٹھۍ ادا کرناوٕنہٕ موکھ اکھ تواریخی تہٕ مولی کارنامہٕ ہیتھے انجام دِوان آمُت چھُ۔

ڈپارٹمنٹہٕ چن رنگہٕ رنگہٕ کارگُذارین منز چھے اکھ پھرنی لایق کارگُذاری مختلف ادبی تہٕ علمی موضوعن پیٹھٕ وِزٕ وِزٕ سیمنار منعقد کرنی۔

خواتین وحضرات ! اَز چھُ أسی کاشرِس ادبس سٕتۍ وابستہٕ أکِس توجہ طلب موضوعس پیٹھ منعقد سیمنارس منز شرکت کرنہٕ موکھ یتھ جایہِ سمیمتۍ۔ موضوٗع چھُ ”کاشُر افسانہٕ :۔ موضوعی تہٕ ہیئتی تجربہٕ“۔

توقع چھُ زِ سیمنارس منز پرنہٕ یِنہٕ وٲلۍ مقالہٕ تہٕ تمن پیٹھ سپدن وٲجنیٖز تھُہنزٕ خیالہٕ باوتھ تہٕ جٔزرس مولانکہٕ وَن کٲری سپدِ ڈپارٹمنٹہٕ کین رٔہنہٕ من سیمنارن ہندی پاٹھی نوکتہٕ سنج قدر شناس تہٕ لابھ دایک ثابِتھ۔ ڈپارٹمنٹن چھِنٕے اکھ کار آمد رٕواتھ پھانپھلاوٕمٕژ، یعنے منعقد سپدن والہِ سیمنارچہ کلہٕم کار کردگیہ پیٹھ مشتمل "اہنہار" ناوی پننہِ رسالُک خاص نمبر شایع کرُن۔

أزِ کہِ سیمنارُک موضوع چھُ مےٚ ژورُے بہَن برِوقت باسان، بِکینژھا اَوٕ سیبہٕ زِ کٲشُر زبٲنی منز یوٚدوَے زن أز تہٕ افسانہٕ لیکھنہٕ کیو چھاپنہٕ یوان چھُ اَما یوٚز از چھِنٕے تِم افسانہٕ پرَن والین تہٕ پرٕتھ تمن پرٕ تہٕ پٲٹھی مولانکون کرَن والین ہنز۔ کمی ہِش باسان۔ یہِ باس ہرگاہ حقیقتس پیٹھ منحصر چھُ تیٚلہِ چھُ اَمیُک سیبب بدِ کڈُن ضرُوری۔

بوزوہے تہٕ اکھ کتھ چھِنٕے پھیرِ پھیرِ کتن گرٕژھان زِ کٲشُر لیکھنُک شوق تھاوَن وٲلۍ اکثر تازٕ وارد قلمکار چھِ نثر لیکھنہٕ بجایہ مثعر گنڈنس ستی آوری روزان۔ سُہ کار باسیو کھ ظاہرا سہل پیٹھ کرِ ساہو کینژٕ وہمکال سوخن ورد شعر ہوٕ تزِ نسبتھ بار بار ترٕژھ کتھ زِ شعر وَنُن باسیو و ترٕنہ ژکِ اکھ تگنگری۔ مثالے رٕوایژ نژٕ

مختلف تہٕ نادِر قافیہ بندی یہِ ہُند مشورٕ، زِیچھ زِیچھ ردیف سازی تہٕ
ناموٗنٕس وَزن لہرن ہُند ورناو، وغارٕ وغارٕ۔ چنانچہ کٕنہ تفرٕدی
یِرٛھنہِ ہشن تگنگرٕ دِین ستی آوری تہٕ آے تمنے منز ہیتہٕ۔ یہِ پیوکھنہٕ
چھیسے زِ یرٛھیہِ پھل تگنگرٕ یہِ کھوتہٕ اوس بہتر اکھ یا بیاکھ چیز
نثرس منز قلمبند کرُن۔

یتہِ من کینژن ڈہین دوران دراو کاشرس قلمی سوٗتھرس
پیٹھ بیاکھ اکھ رجحان توٗن، مطلب صوٗفیانہٕ کتھن شعر گنڈنُک
شوق۔ یتھ موٗلہٕ پرٛزرس چھ خال خالے کانہہ واتان زِ شاعری
چھےٚ دراصل تمہِ اُکتہٕ کوٗنڈ منز ووتھمُت اکھ نارٕ لمبکھ یُس کانسہٕ
منشس یینہِ وجودُک پے تہٕ اَندرٕ کھی عالمُک معنہٕ مطلب
ژھارنہٕ کنہِ مَنہِ منز وُہان چھُ، تہٕ یہِ ژینہٕ وَن تہِ چھکھنہٕ لگان
زِ شعر پرٛنس تہٕ موٗنٕس تہٕ چھےٚ تدکوٗرٕ نارٕ وُمن شرط۔

حال حالُک کاشُر افسانہٕ یوٗدوے وُنہِ ادبی تخلیقکی نَھنگی
سَرکرنکی دَم چھُنہٕ دِوان مگر امہِ نِشہِ بالکل موٗیوٗس سپدنُک
تہِ چھُنہٕ موقعہٕ۔ سانہِ ییٚمہِ سیمنارُک لگہٕ ہار بر تہٕ اہمیت نیرنی
ہرگاہ پیش سپدن والیو مقالو ڈسہ تہٕ تمن پیٹھ وَزتھ واکنجہ
سپدن واجنہٕ باوَژ تہٕ بحثہٕ ذریعہٕ تازٕ دم کاشرٕ ین افسانہٕ نگارن

نسبتھ کانہہ تہٕ بدخیالی منسأوِتھ تِمن بولہٕ سان وۄن ییٚہ دِنہٕ تہٕ زأنی کار آیہِ مولون سپدِ۔

جنابو! ہمکال ادبٕچ تنقیدی مولون تہٕ مولانکہٕ وَن چھِنہٕ اکثر صوٗرژن منز ڈنجہٕ روزان۔ اَتھ مۄہمہِ دوران چھےٚ پرٛانہٕ رایہِ ترٛایہِ أندری بنان تہٕ بھرِی تراوان۔ واریاہن منز بدلس واتہٕ باپتھ چھُ افسانوی اَدبہٕکِس نقادس تہٕ گوڈنیکُ ضروٗرت پیتہٕ وأنجہِ منز۔ سوے آتش افروٗزی تیٚمِچ بۄنز کھتڈ برونہہ شاعرِ ہندِس ضمنس منز کیتھ سپَز۔ مےٚ چھُ بہتھ زِ کأشر ڈپارٹمنٹ کرِ أزِ چہ لٹہِ کأشرِس افسانس متعلق سپدیمتِس کلہم تنقیدی سرمایس مولناوِتھ ٹارِ کھسُن لایق ہُرِ ہرِ۔

کأشرِ افسانوی ادبن کڈ ییٚمن کینژن ڈہن ورین دوران کینہہ غأر ربوأیتی خولہٕ خط نیٚز۔ مثالے یہِ زِ اکہِ طرفہٕ پرأو افسانن تجریدی ژھاے گرایے تہٕ بیٚنیہِ پاسہٕ ژھوٗٹیوس قد کاڈ۔ اَتھ ضمنس منز روزِ پۄتےٚ وَنُن شاید سیٹھاہ زِ نوٚتِ ترایہِ گرایہِ آزماونک تہٕ پانہٕ ناونکُ تقاضہٕ گژھِ خودِ افسانہٕ نویسی یہِ ہنزِ تخلیقی عملہٕ منزےٚ ووپدُن نہٕ زِ چھَ اکُنہِ نوٗبر ترأشی یہِ ہندِ شوقہٕ۔ افسانہٕ گژھِ بہر حال افسانہٕ آسُن، نہٕ زِ چاٹھ چُٹکلہٕ۔ پرتھ نوٗعیژ ہنزِ تخلیقی اَثر آفرینیہِ ہندِ باپھٹ

گرِٹھ افسانوی ادیٖک مُطالعہٕ تہٕ سۆ معنہٕ سوو خط پراوُن ییٚمیک بیاکھ ناو دیداگیٚی چھُ کیہنہٕ زانتک لبنُک مۄژر، کیہنہٕ ووٚن دی دی پرزناونچ ہۆلایِل۔ تہٕ حاصل تہٕ ہرٕ خوٚشی!

مےٚ آو اَزٕ چہٕ یتھ تقریبہٕ صدارتھ کرنُک ۱۰ء از بخشنہٕ۔ اَمہِ باپتھ چھُس بہٕ پنٕنس ٹاٹھِس معنوی فرزند یعنے کاشُر ڈپارٹمنٹہٕ کِس موجوٗدٕ سربراہ محترم پروفیسر مجروح رشید صابُن شُکرگذار۔ خوٚشی چھَم ییٚمہِ کتھہِ ہنٕز زِ زانن والین ہندی پاٹھی چھِ مجروح صابٕ تہِ ادب تخلیق کرنس تہٕ ادبی تخلیقن ووٚن دِنس تہٕ وونت وُچھِنس اکھ تعلیمی شوٗغل زانِنہٕ کھوتہٕ زیادٕ اکھ فکری تجھ تہٕ اکھ روٗحانی سرگرمی مانان۔ اَزٕکہِ سیمنارُک مذکوٗر موضوٗع مقرر کرُن چھُ ڈلِتھ ٹلِتھ اشارٕ زِ مجروح صابٕ چھِ کاشرس ادبی تنقیدس ترجمان بناوُن یژھان ٹیکنیکی زاوِیہ جارو علاوٕ اَزٕکہِ وقتہٕ کہِ فکری وُچھواژک تہٕ اَزٕ کِس انسانہٕ سِندِ باطنی دَرٕدَرٕک تہٕ وِگلن ہارٕ بہٕ ہُند۔ خُدا اَنِن تِہنٕز یژھا باعمل!

آمین۔

رحمٰن راہی

# ہمعصر افسانہٕ:
# موضوعی تہٕ ہیئتی تجربہٕ

شفیع شوق

اختر محی الدّین تہٕ ہری کرشن کول نہٕ وفاتہٕ پتہٕ چھُ از بروٚنہہ دۄہ وٕری افسانہٕ پرٛوٚن تہٕ یتہٕ مِنٕ وُہن وٕری یَن ہندِس تأریخی پسِ منظرس منٛز لیکھنہٕ آمتی افسانہٕ معاصر باسان۔ اَتھ ہِین زمانہٕ چھُ اَمی اندازٕ کینژن واقعن ہندِ حوالہٕ تأریخ بنان آمُت۔ تہٕ چھ از تہٕ یتہٕ مِنٕ ستتھن وٕریَن ہندی کیٛہہ افسانہٕ نگار تہٕ موجوٗد تہٕ پرٛن وألی تہٕ۔ میون یہٕ گفتگوٗ چھُ لہٰذا برابر ۱۹۵۰ء پتہٕ لیکھنہٕ آمُت افسانہٕ پیٹھ موضوٗع زانٕن بہتر زانان۔

کُنہِ ادبی صنفس منٛز تجربُک فہم تہٕ ادراک چھُ تیٚلی ممکن ییٚلہٕ اَسہٕ اَمہِ کہ روایتُک وقوف آسہٕ۔ اَوٕ کِنہ چھُ ضروٗری زِ تجربن ہنٛز

کتھ کرنہٕ برونہہ وُچھوٲسی زِ افسانچ روایت کیاہ چھےٚ ۔

عالمی سطحس پیٹھ تسلیم کرنہٕ آمتین افسانہٕ نگارن ہندِ فنہٕ کہِ حوالہٕ چھُ افسانہٕ اکھ جدید ادبی صنفہٕ کہ مفہوٗمہٕ یتھ روایتس پیٹھ قایم زِ یہ چھُ حقیقی انسانہٕ ہنز۔ زندگی نسبت کنہٕ مخصوٗص مختصر واقعچ ترتھ لسانی ترجمانی زِ پرن وول ہیکہِ واقعکُ بصری وقوٗف حاصِل کرِتھ، اَمیک حاصِل آسہِ تفریح، یا آگہی تہٕ اکثر دوٚنوے۔ واقعہٕ کِس انتخابس منز تہٕ اَمچہِ پیشکٲری منز چھےٚ لیکھن وٲلی ہنز شخصیت لازماً شامِل۔ یتھ کنِہ لیکھن وٲلی ہنز شخصیت چھےٚ مخصوٗص زمانہٕ کہ کلہم مزاجکہِ حوالہٕ تہٕ تسندِ قومہٕ کہ تمدنہٕ کہِ حوالہٕ مرتب سپدان ، افسانس منز چھ زمانہٕ تہٕ تمدن بے شوٗنکی یا ٹھی امہٕ کین ترکیبی جزن تہٕ جزیاتن منز وۄتلان ہٕ لہٰذا چھ افسانس منز زمانہٕ مکانک حال ناگزیر۔ اَمہٕ روایتہٕ سفر کرِتھ چھُ افسانہٕ ساسہ بدن وٚریین دوران دلیلوٚ داستانوٚ، قصوٚ تہٕ حکایتوٚ نِشہٕ الگ سپدِتھ ادبُک اکھ مصدقہٕ صنف بنتھ قایم سپدیومُت۔ افسانک یہ مفہوٗم مدنظر تھوٗتھ چھےٚ افسانس تہٕ باقی بیانیہ ادبس درمیان بُنیادی فرق یی زِ یتہٕ پرانس بیانیہ ادبس منز واقعہٕ تہٕ اتھ منز آیہ ری کردار قدرن ہندی ناد آسی، افسانس منز چھ واقعہٕ تہٕ کردار زمانہٕ کہ وسیلہٕ وجوٗد پراوان.

تہ زمانہٕ چھُ واقعن تہٕ کردارن أندۍ کِنۍ اَمہِ یِمہِ چیزن ہُند تالیف
تہٕ چیزن درمیان رشتن ہُند ناو۔ چیزن ہُند تالیف تہٕ تِمن درمیان
رِشتہٕ چھِ تِتھ اہمیتہٕ تابین یوسہٕ افسانہٕ نگارس مدِ نظر تجربس منٛز درینٛٹھ
آسہِ آمژ۔ فضا ساز جُزیاتن منٛز گژھِ نہٕ منظر کشی یا صوتی موسیقی
ہُند مقصد آسُن۔

افسانکۍ یِم حد تسلیم کرِتھ تہٕ حدن منٛز رُوٗزِتھ زیادٕ کھوتہٕ
زیادٕ آزادی تلاش کرِتھ گوو کاشُرس منٛز افسانہٕ وُہمہِ صدی ہندِس
شیٛیمس دہلِس منٛز شُروٗ۔ مدٕ سان شروع شروع گژھان گژھانے لگۍ
سأنۍ افسانہٕ نگار تجربن ہندِ ندرتہٕ مطأبق روایتہٕ نِشہِ گریز
کرنکۍ تجربہٕ کرنہٕ۔

ترجمأنۍ چھےٚ افسانچ بُنیأدی روایت تہٕ اَتھ منٛز اوس
گوڈنیکۍ تجربہٕ افسانک ہر کانہہ جُز سیأسی تصورکِس خدمتس منٛز
آینس تھاون نہ زِ افسانہٕ گوٚژھ شہ کُونچھُت سیأسی تصور تجویٖز
کرُن۔

تاجلی چھےٚ کام گژھِ اندنی۔ بہٕ تہٕ گرِتھ آزاد۔ ژُونگ
سوٚتہٕ تہٕ اَدٕ تیلہٕ دادِ۔ انگریزٕ ژوٚل تہٕ شیٖن کوٚہ تہٕ گول۔ لالہٕ
چھُ بوڈ تہٕ أسۍ کمۍ بناوی لوٚکۍ۔ لوٚکۍ تہٕ گژھن بڈٕنۍ۔ منٛز لکۍ مارٕ رُوٗدی

منزلی ! سُلہ تہٕ گرٕتھ پانے یوٚڈ... ییلہِ زندہٕ روزہٕ ..... ہا ہا۔ تمِس چھُ زندہٕ روزنُک حق۔ آزادُ کِھ چھِہٕ جل جل مران۔

(سومناتھ زتشی ییلہِ پھوٚل گاش)

اَتھ تجربس لَراوس بیاکھ تجربہٕ واقعس منز۔ شامل کردارن ہِنٛزِ جذباتی سطحس پیٹھ وابستگی اظہار یوسہٕ زبانہٕ اشارآمیز۔ چھِ بناوان: یِمہٕ دوہ زوٗن دیٖد ہچُو بندوق ہتھ کور کِپرُک پوژھ زِہنتھ تہٕ ہوٚل گنٛڈتھ دژایہٕ تمہٕ دوہ اَس گامی گامس دِہی ژھتے۔ تمہٕ دوہ اوسہٕ کاوِ پورِ شُر تہٕ نہ اوس کُلین پیٹھ کُنہٕ کانہہ کاوٹاوٹاو کران۔

(دیناناتھ نادم: جوابی کارڈ)

زمانہ نسبتہٕ واقعن ہنٛزِ ترجمانی منز چھُ ایرنی ہُند زوٗیہ دریدہ ڈرامہس خود مختارتہٕ بناوان: کُنے گرزہٕ ووٚتھ کہ یِچھنہٕ وارِ منز۔ زن گےٚ اکِہہٕ گگرہٕ گگراے۔ دوٗرِ آو ذالدار سنز۔ دارِ پیٹھ کس تام یہ یوٚزتھ اُسن۔ ظاہرا اوٚکی زِ گریستین کاژاہ تھرٕ۔ کریکھ تہٕ ڈراڈچ چھے۔

(امین کامل: یادوستو، گگوگو)

ترجمانی چھےنہٕ تیٚلی منٛز بنان ییلہِ کردار، واقعہ، فضا تہٕ بیانہٕ نشہٕ عقیدہٕ، وابستگی، جذبات تہٕ نکرالگ کرٕتھ افسانہٕ نگار زندگی منز موجود لاابدی غیریقینیت دریافت ہیکہِ کرِتھ۔

" اڑاوس سیٚہ اپرٕنٛے وَنان زِگرس منٛز ہے گرٛشِھ تہٕ دندوزُن

آسُن - اَمہِ سِتیٖ ہے چھُ شُکس یوان"

اشم وُژٕھس - "کتھ پاٹھۍ کھیٚیہِ اُمہِ گُلہٕ بدمعاشن یہِ پاچہِ تیٚج !

دُیتمہٕ چاتہٕ بلایہِ رتہٕ چھیٚپہٕ تہٕ کتہٕ کُنہٕ"

(اختر محی الدین : دندوزُن)

تیٚبھ پتہٕ کیٚس افسانس منٛز چھےٚ ترجمانی کرِدارس کُنہِ زمانی تہٕ

مقامی آرس منٛز . اُتھ کرِدارن ہندیٚن داخلی صوٗرتحالس پیش کران -

یہِ عمل ہیکہِ موزوٗن نوکتہٕ نظر اختیار کرِتھ ورگہٕ ورگہٕ وَلو ستیٖ ممکن سپدِتھ .

بُنیادی شرط چھُ یہِ زِ ووِل ہاوِ تہٕ تہٕ باوہٕ آمتس صورتحالس پیٚٹھ

یقین کرناوُن - تضاد چھُ اَمہِ باپتھ گوڈنیُک لازِم - تضاد کرِدارس

بنیٚس یا بیٚین کرِدارن ستیٖ آسہِ ، یا آسہِ س پننِسے ذہنس اندر مختلف

دِشاین کُن حرکتس منٛز . قدرن ، احساسن تہٕ جذباتن درمیان -

گووِ یٚتہٕ تہِ چھِ مسلمان ! کیاہ آسہِ یم بُرقہٕ پابند چاندنی چوکہٕ

منٛز دُکانن ! یمن تہٕ ما آسہِ یٚتہِ تتھےٚ پاٹھۍ پھٕرِ کھڈ گرٛشھان یتھ پاٹھۍ

اَسہِ چھِ تیتہِ گرٛشھان ! گوڈٕ مارکھ اُسی تتہِ تہٕ زیمن مارن یٚتہٕ ! مگر دلہٕ کٔس

وہمس کیاہ کرِو تہٕ !

ہری کرشن کول : تاپھ

کردار چھ بعضے پَتھٕ عملہٕ سٟتۍ تعمیر سپدہٕ بجایہ کُنہٕ کیفیتس منز گیر
آسنہٕ پَتھٕ کلامہٕ سٟتۍ تہٕ نوٚن تیران۔ لفظ، کتھہٕ ہُند تُل تراوٕ تہٕ لفظو
سٟتۍ بیٚن مطلب پیٚس اظہار تھاونچہ کوشِشہٕ سٟتۍ چھ کردار بروٚنٹھ
کُن یوان۔ ہمہ آگاہ راوی چھ کردارن کُن دِوان تہٕ تہٕنٛد کلام
مکالمن منز انان۔ منٛزۍ منٛزۍ چھ افسانہٕ نگار تہٕ راوی سُند کردار
اختیار کٔرِتھ بیاکھ یہس منز داخل سپدان۔

"ژٕ چھکھ سأے اَتھ سٟتۍ مُت زانہہ؟ یہ پہاڑ
چھُنا باسان زنتہٕ چھُ خود رنگ دُسہٕ پٹاہ وٕلتھ تہٕ
تایہ دستارا گنٛڈِتھ کیاہتام گمبیر کلامہٕ کرتہٕ بیوٚٹھمُت؟"
سو آس ہردِ تایہ دوہ دہٕ دارِ پیٹھ یہتھ پان سَرٕ اپور
بالہٕ تھَنگَس پیٹھ نظر وٕسٟتۍ کیاہ تام ساران ہِش۔ ......

(رتن لال شانت: تہٕ درتھہٕ بُتراتھ)

شدید ذہنی تناوس منز چھ کردار بیاکھ شخص بٔنِتھ فریبہ چہ شکلہٕ منز
بروٚنٹھ کُن یوان۔ یہ بیاکھ شخص چھُ سماجی، تمدنی تہٕ فکری رشتو نِشہٕ
موکُل، مگر موزوٗن پسِ منظر وراے چھُنہٕ یہ وجوٗد ہیکان بٔنِتھ۔
لیکن وول چھُ خارجی منطق تراوِتھ موقعہٕ چہ نزاکتہٕ مُطابق بالاعقلی
فضا تعمیر کران، مگر اغلبک خیال تھاوِتھ۔

کوٗڈی کدِس نشِ وأتِتھ لۄزِن بێیہِ سوٚے آواز ۔ ۔ ۔ ۔ ۔ ۔
پیٚتھ کُن وُچھُن ۔ رۄدِ شرٛانٛہٕن منٛز اوس بێیہِ سُے شُرٛ پاژھ زٕٹ
لاگِتھ اَکِس وِپرِ ژھایہِ رأسے وُچھان تہٕ بریٚڈی کران ۔ تس اَس
تٕرٛسٕتی نٕٹھ ۔ بێیہِ کوٗرٕنس آکو ۔ وۄلا یۄری، مےٚ سٕتی کو نا
ژھکھ پکان ۔ کھوژِما، یہ ہا نُمِتھ پانس سٕتی ۔ ۔ ۔ ۔ ۔ ۔" تمِس اوس وُنہٕ
وَنہٕ نےٚ زِ شُرٛ گوو بێیہِ غأب ۔ تس گوو خوف ۔ اَدرِیمٕ ژٕمِہ ہنٛدی
جرٕ وال ڈٕٹھِس گنٛڈی ہوی تھوٚد ۔ بامبرِ ہوٚت توٚر کانٛس تہٕ ووٚتھ
رٕکنہٕ دارو تہٕ ۔ رَبہِ منٛز گوس اکھ چیٚپہٕ کھور بند ۔ بیا کھ چیٚپہٕ کھور
تہٕ کوڈُن تہٕ لۄگ رَبہِ منٛز پھیسومُت چیٚپہٕ کھور کڈنہٕ ۔ تمِنہٕ سٕتی
گوس چنٛدس منٛز عأنٛکس کرٕژھ ۔ شرٛانٛہٕن منٛز اوس تہٕ تس فکری ترٛان زِ
کتھ کتھ کرٕ راچھ ۔ تمی تُل کھوژی کلہٕ تھوٚد ۔ دند ڈۄن بێلہِ شرٛانٛہٕن
منٛز سُے گنٛے شُرٛ بٔٹھس ہیوٚرداں کھہس اَپارِ دلوٗأرِس پیٹھ دند ٹکان
اتھرایہِ وداں وُچھ ۔ گاش اوس تیوٚت کم زِ وۄنی اوس نہٕ شُری سُند
بُتھ وَنہٕ یِوان ، بَس یہے وۄدرُنہٕ کریٚہتی ژھاے ۔

تس گیہِ خوفہٕ سٕتی کھرتہٕ مسامسا بچو وآبہ ڈونچھس منٛز گرٛچھنہٕ
نشہٕ ۔ مگر پلو گیس رَبہِ دأوی ۔ چیٚپٕز اتھس کیتھ تکتھ لۄگ ٹینٛڈی
ڈٕٹھ نٔنہٕ وورُے وَژھ وژھ پکنہٕ ۔ زنگہٕ آسس گوبہٕ ہٕ ۔ وۄنی

اوسۍ نہٕ پکان، بلکہ اوس پانس پکناوان۔ ......

(شفیع شوق: اکھ شُرۍ ؤدِ شرانِن منز)

یتہٕ چھ بنان زِ افسانہٕ نگار کرِ پیرٛبل (parable) اختراع یتھ منز کردارن ہُند آسُن وۄشُن باسہِ۔ ہری کرشن لا زوال افسانہٕ "پھر" چھ اَمِچ اکھ مثال۔ اوٗن، ژوٗر، لوٗگ، کون، کوٚل، ٹُنڈ، دولہٕ، وۄنگ، کھوسہٕ تہٕ پھوٚہ۔ کاہ کردار اکس پتھرِ منز گاڈٕ زٕٹھ اَمہٕ سان دِپن گُذاری کران۔ کانٛسہٕ نہٕ کانٛسہِ ہُند عنادٕ ساریتے کانہہ تیٚہ کانہہ عاب ہہٕ سارنے سفید پاژھ نالی۔ مگر تِہند یہ سوکھ گو ختم ییلہِ اَتھ پتھرِ منز کرٛشن پوژھ ژِھنتھ کُستام آو تہٕ دیتنکھ اکھ اَکس لنشہِ بیوٚن بیوٚن آسنُک ظوٗن۔

کھوٚشی کُملاوی وُدٕ تہٕ پھُچہٕ مُزرووُن گنڈ۔ کرٛشن پوژھو چھُ ژوٗل پھوٚہ پتھ۔ دوٚپُن وَلیٚس پاژھ کس رنگس ہہٕ گاڈن کیاہ چھ پانہٕ وانٛی واٹھ۔ گاڈن چھُ واٹھ یِڈ ستی۔ یِڈ ہنز بوچھِ ستی۔ یہ مِن کرِ تِہنزٕ پاژھن تل چھُ تی چھ مٔے یتھ سفید پاژس تل کرٛشن پوژھ، سفید پوژھ۔ نہٕ اکھ اَکس نش بیوٚن نہٕ اکھ اَکی ہندِ کھوتہٕ بہتر۔ نہٕ ہیکن تِہندی کرٛہنٛی پاژھی تِہند عاب غاب کٔرِتھ نہٕ ہیکہِ میون سفید پوژھ میانہِ زندگی ہُند کوس کاسِتھ۔

مگر ستی پیوس ظوٗن زِ تس چھِنہٕ لگان زٕ لفظ تہٕ ٹھیک پاٹھۍ
بوٚلنۍ۔ پٔننہِ پھِچھ زیوِ ستۍ کیتھ پاٹھۍ پھورِ تس یوٚت زیٚوٕ کھٹ کلامہٕ۔ تسند
پوٗرٕ کلامہٕ بوزٕ نہٕ برونہہ ترٛاوٕن تمِ اَسہِ بیٚٹھ اُسن۔

(ہری کرشن کول: پھِر)

پلاٹ کِس ارسطویی تصورس ستۍ آیہِ رنگہٕ رنگہٕ طریقہٕ رعایت نہٕ۔
ترقی پسندی ہندِ دورٕ پتہٕ کِین افسانن منز چھُ پلاٹ برونٹھے معین
مفہوٗمہٕ باپتھ افسانہٕ کِین سارنے ترکیبی جُزن ہُند تیٚتھ ترتیب
تہٕ تالیف یُس متحرک ساختس تعمیر کران چھُ۔ بعضے آسہِ یہِ اَکۍ سے
کِردارس أندۍ پکھۍ باقی کردارن ہُند وۄتھُن بہُن تہٕ تس ستۍ تہند
بدلوٗن رشتہٕ۔ مثلاً اختر نس 'پرالب' افسانس منز ڈوگرٕ دورٕک
رامہٕ ژٔندر انگریز صٲحبن تہٕ میمن تہند ہون رٕچھنُک وعدٕ دِتھ پتھ
سانکراژ دوہہ داہ ڈیل رٔژھتھ عاش کرنہٕ چھِ یادن پھُر دِنس منز
آوُر تہٕ تسند نیچوُ پی این تہٕ پی این نیچوٗ بنٹ تس نشہِ مشوورٕ ژھاران
تہٕ نا اُمید سپدان۔

پی این دراو دزان دزان۔
پنڈت رامہٕ ژٔندر پھیوٚر بنٹس کُن تہٕ عدرِ ہیٹہِ ووٚننس،
برسائے مالیا چلمہِ تموک۔ (اختر محی الدین: پرالب)

بعضے آسہِ افسانس منز پلاٹ دون کردارن ہندین مکالمن ہُند ترتیب۔ مثلاً اخترٕنؠ یار کیاہ بوِ، افسانس منز شاعر یارس تہٕ تس منز آشنہِ درمیان کتھ باتھ زِ اختر محی الدّین مود تہٕ ریڈیو کشمیر والیو چھُ تس پیٹھ پروگرامک ستر کوٚر مُت۔

اگر افسانہٕ نگارن افسانکُ کُلی مدعا تہٕ مزاج نظرِ تل تھوٚتھ متکلم سُند نقط نظر ورتاونکُ فیصلہٕ کوٚر، پلاٹکُ متبادل ہیٚکہٕ اکی سے کردارہٕ سندی مکالمہٕ آسِتھ تکیاز متکلم راوی ہیٚکہٕ تہٕ ہمہ آگاہ آسنکِ اعتمادٕ باقی کِرداران ہُندؠ تم ہرو ٹھم عمل تہٕ تہندین ذہنَن منز رونما سپدن والین کیشر سمت وو لہرن زانِتھ تہٕ بیان کرِتھ۔ امین کامل نس "سوال چھُ کلُک" افسانس منز چھُ اکھ زانہہ نہٕ اندن وول نیاے۔ سوٗرے مسلہٕ چھُ سگریٹ پھونکان تہٕ تُرکھِ ستی کھمان تھاہہٕ دار افسانہٕ کِس متکلم راوِیس بوزنا وان تہٕ ونان:

"یہ بڑا نازک مسلہ ہے۔۔۔۔ یوز کتھ چھُنہٕ جیمچ۔
یہ دھڑکی بات نہیں، یہ چھُ کلُک معاملہٕ، مےٚ کیاہ
چھُ تہندِس مسلس تہٕ مازس کرُن۔ مےٚ چھُ مسلہٕ زِ
لاشئے کلہٕ اوس تہٕ کور کُن اوس۔"

ہیتی تجربہٕ چھِ تِلی ضروری تہٕ روایتلہٕ موضوعی جدت اُرچ

منگ کران آسہ، تہٕ باسہ افسانہٕ کھوٗکھ ہیوٗ، ترشہٕ ہرن پیٹھ پھیرن۔
یہ چھُ تمن سارِنے افسانن گوٚمُت یمن منز ساسہ پھرِ وتنہٕ آمِژ لولہٕ
دلیلہٕ یا تہٕائی متعلق روایتی کتھہٕ اساطیری پسِ منظرس منز بے ربط
واقعن ہندِ جونکھرِ مبہم پاٹھی وتنہٕ چھےٚ آمژ۔ علامتیت چھےٚ بجا،
مگر عامیانہٕ واقعہ علامتن الوندی تراوُن چھُنہٕ کانہہ فن۔ سون دورٕ
یعنی یِتھ مِن اکوہن وُریُن ہُند دور چھُ تھقن غیر معموٗلی واقعن
ہُند تواتُر یا ترانتشدہ یمو کاشرِن متعلق قایم کرنہٕ آمتی ساری مقبوٗل
مفروٗضہٕ اکزی ثابِتھ کٔرِی تہٕ ہووٗکھ زِ سون وطیر تہٕ ردِ عمل تہٕ چھُ
باقی انسانن ہندی پاٹھی بے باورٕ، ادرٕنیٹھی تہٕ ناقابلِ اندازٕ۔ یہ چھُ
سُہ زمانہٕ یِیلہِ گُلن بلبلن، شمع تہٕ پونپرن ہنز کتھہٕ جاری پاٹھ بنیوو تہٕ
افسانہٕ نگار گوو حقیقی زندگی ہندِن وردارمسلن تہٕ تلخ پزرن ستی
دوبدوٗ۔ ازیک حساس انسان چھُ لول تہٕ دے، اقرار تہٕ احتجاج،
معصوٗمیت تہٕ تجربہ تہٕ زُونس تہٕ مرنس درمیان پیچیدٕہ تہٕ بدلوٚتن
دوگونہٕ رشتن ہندِس جدلیاتس منز ہینہٕ آمُت؛ افسانہٕ نگارس
چھُ یِی زانُن، ژھینُن تہٕ پیش کرُن۔ یہ موضوٗعی تبدیلی چھےٚ اَزی کس
ترجمان افسانس منز مناسب تہٕ نوٚکھوتہٕ نوٚی ہیتی تجربہٕ چھُ ضروٗری۔
اکہِ افسانٕچ ہیت ہیکہِ نہٕ بیٚیہ افسانٕچ ہیت بنتھ۔ مثلاً موتک موضوٗع

چھُ "ژھین" افسانس منز۔ روشن لال کرداہ سُند سُہ وٲراگ یُس جوٚمہ
کِہن مایگرنٹ کیمپَن مُہنٛد لگی لون چھُ۔ تمام رشتہٕ ژھینِتھ پیتہٕ ماجہِ
ہُندمرُن چھُ مکمل ژھین۔ روشن لال اوس ٹینٹس نیبر کنہِ کھڑا
ژو وایارِ ی نظر تراوان تہٕ کیاہ تانی پرزناونچ کوشش کران زن تہٕ
اَچھن ژھاپیتھ بہتھ آسس یوسہٕ موکلاوان اوس۔ تِمس پیٹھ اوٗس
بدلےٚ تیز۔ ہیوٚ۔

اَگی لَفرن کر ہمت تہٕ چھُس یڈ یڈِ ونان۔۔۔۔۔

روشن لال سُہ کتہٕ کاکھ؟ ژٕ کمہٕ کتھ چھکھ کران؟ کاکس گیہ وٕہ
وٕری سورگہٕ واس گامتس، از موٚیی ماج۔ بوزتھ ماج موٚیی۔ اَزِ
موٚیی۔ مٲلی اوسے صرف تھٕل گام وُچھمت۔ ماجہِ وُچھے گامُک شہجار
تہٕ تہٕ جوٚمیک تارصحراوتہٕ۔ ژٕ گوکھ از دوشوٚنی نشہٕ آزاد۔ ژٕے گوٚے
ژھین مکمل۔۔۔۔"                (رتن لال شانت: ژھین)

یوٚہے موت چھُ "گدی" افسانس منز۔ تشدد پرور سُلہٕ بٹ
زٕ یاہٕ ہلاک سیدتہٕ برہہ بے مال شہوتس منز پناہ نیٚن بنان:
ڈوکس منز آسہٕ مانشہٕ درامُن کران۔ مانشہٕ روزہٕ راتی راتس
درامُن کران تہٕ منزی منزی تھکہ کڈِتھ زیٹھی ووش ہوی تراوان۔
ڈوکس منز آسی گگر راتی راتس دورِ دور کران۔ تمن اوس

یوٗ ہے کیاہ تام شادی یا نہٕ ہیوٚ۔ لو تہٕ وٲے لو تہٕ وٲے آوازن ہُند
سِلسِلہٕ رُوٗد جٲری۔ یوٚتام شُلہٕ ٹٔنس پانژاہ وُہرِس جسمس بٔنیہِ کیہنہٕ
سَکھتے روٗزنہٕ۔ یَتہٕ پَتِس مَرِژ نیٚندرِ ساٲرے دگ ژٕ ہِتھ۔
گاسہٕ گیٖجہٕ تٔلہٕ گوژ رکٔڈھِ ژٕ وزیرا برآرہِش شرُسن نِش وایس۔

(شفیع شوق: گٔدی)

# عالمی معیارٕچ کأشُر افسانہٕ

رتن لال شانت

انگلستانس منٛز لیکھنہٕ یِنہٕ وول انگریزی ادب چھا عالمی انگریزی تخلیقہٕ خاطرٕ تھٔدی معیار قایم کران کِنہٕ نہٕ، یہِ ہیٚکہِ انگریزی عالمن تہٕ لیکھارٕن ہنٛدِ خاطرٕ بحث طلب آسِتھ۔ مگر یہِ کتھ چھےٚ مانٛنہٕ آمٕژ زِ انگلستانُک نمایاں ریڈیو یعنی "بی بی سی" چھُ نہٕ صرف نشریاتن کِس شعبس منٛز تھٔدی معیار قایم کران یِم کُنہِ تہٕ ملکس منٛز اَمہِ شُعبہٕ خاطرٕ قابلِ تقلید مانہٕ تھٕہکوٚ بلکہ انگریزی زبانی ہنٛدِ صحیح بامعنے تہٕ تخلیقی استعمالہٕ خاطرٕ تہٕ چھُ قابلِ قبوٗل معیار قایم کران۔ بی بی سی چھُ پرٛتھ ؤری یہِ انگریزی افسانہٕ مُقابلہٕ منعقد کران یٚمیُک فٲصلہٕ کرنہٕ خاطرٕ کیہنہٕ کُہن مشق صحافی ماہر نشریات ادیب تہٕ تنقید نگار تعینات کرنہٕ یِوان چھِ۔ ۲۰۱۰ کین مقابلن منٛز آو تمن وٕنہٕ زِ یِمانٛز بہترین تہٕ عالمی معیارٕکی افسانہٕ ژٲرِیوکھ تہٕ ژارنُک وجہ تہٕ کٔرِو بیان۔ مصنفو یِمن افسانن پیٹھ اتفاق کوٚر تِمن متعلق آسہٕ سارِنٕے

کُنی یا ہِشی راے۔ تہٕ گوو زِ مختلف مُنصفو کٔرؠ پننہٕ انتخابکی مختلف
دلایِل پیش۔ تِمو کم افسانہٕ ژٲرؠ تہٕ زانٔنہٕ کھوتہٕ چھ سانہٕ باپتھ یہٕ اہم
زِ تِہندی دلایِل وُچھو۔

اَکی ووَن زِ یِم افسانہٕ چھ اَسہِ منز مختلف قسمن ہندی جذبات
ووتلاوان تہٕ ژٕ بتہٕ وُنزِس زیر دوان"۔

بیٚیے ووَن زِ "یِم افسانہٕ چھ اَسہِ افسانہٕ نویسن ہندؠ بیٚیہِ افسانہٕ
پرٕنچ ترغیب دِوان۔ بیٚیے اَکی ہنز راے اٲس زِ "یِمن افسانن اندر
ووتلاونہٕ آمُت تناو TENSION چھ پٔرن والیس زبردس آوراوان"۔

لندنکہ مشہوٗر اخبار سنڈے ٹایمز "کِس ۲۰۱۱ باپتھ منعقد کرنہٕ
آمتِس بیٚنِس افسانہٕ مقابلہٕ کِس منصفو ووَن زِ منتخب افسانن منز
اوس اکھ جذباتی PUNCH یُس دِلس تھپھ دوان اوس۔ اَمہِ باپتھ اٲی
ادیبو اَتھ صِنفِہ ستی مختلف تہٕ دلچسپ تجربہٕ کٔرؠ مِتی۔ اَکِس مُنصفہٕ
ہنز راے اٲس زِ افسانہٕ بامے کیٚہنہٕ تہٕ اٲسی تن مگر بیٚنوہے قایدو مطابق
تہٕ یہٕ نِہنے شرطن پیٹھ وُترِتھ گژھہِ اعلیٰ درجک EXCELLENT آسُن۔
یِتھے کٔنز کٔرؠ تتہٕ کِس لایبریری ریڈنگ گرٛوپو انعامہٕ خاطرٕ کیٚہنہٕ افسانہٕ
منتخب۔ تِمو ووَن زِ افسانہٕ اٲسی موضوع تھیٖم تہٕ اسٹایلو لحاظٕ سیٚٹھاہ
الگ تہٕ مختلف تہٕ کیاز یِژھ افسانہٕ نویس چھ پننِس مشاہدس تہٕ تجربس

وحاطہٕ کران۔

یہِ صوٗرتحال چھُنہٕ صرف انگلستانٕکین نقادن تہٕ ادیبن ہُند تہٕ نہٕ صرف انگریزی افسانُک۔ دُنیہکہِ کُنہِ تہِ ادبُک تنقید نگار تہٕ عالم چھُ تمہِ وِزِ یِتھے مختلف ہٕتہٕ عجیب رایہِ دِوان۔ حقیقت چھے یِزِ ادبہٕکین معیارن متعلق کانہہ تہِ سنجیدٕ صحیح تہٕ ورٕثوٗنی رایہِ آسہِ مُروج تہٕ ہر دلعزیز رایہ نِشہِ الگ تہٕ عجیب۔ معیارن ہُند سوال چھُ یِتہٕ ووتھان۔ بُنیادی ڈیفی نِشنن پیٹھ تہِ ہیکو نہٕ اتفاق رایہِ قایم کٔرِتھ۔ مگر یِتہِ چھُ یِزِ زِ کُنہِ صِنفہِ ہندی بُنیادی تہٕ اضافی تعریفہٕ چھِ تِمکی اعلیٰ معیارٕ قایم کران ہٕتہٕ افسانہٕ چھُنہٕ کانہہ اِستثنا۔

افسانس متعلق آو یِہ ہمیشہ وَننہٕ زِ یہِ چھُ صرف اکھ جذبہٕ اکھ صوٗرتحال اکھ ادبی ردِ عمل موٗخصر کھوتہٕ موٗخصر لِسانی قالبس منٛز پیش کران۔ مگر یِتی کوٗرُکھ یِتہٕ اعلان زِ یہِ چھُ ہیٚنٛس عالمِ اصغرس اندر اکھ مکمل دُنیا شروٗ پرٛاوِتھ آسان۔ اَمہِ کِس موٗخصر آسنَس متعلق تہِ چھُنہٕ اتفاق ممکن تہٕ کیازِ گوڈٕ گوڈٕ اَسِس واقع نگاری ہنزٕ زیٚٹھ کیفیت افسانکُ حُسن ماننہٕ یِوان ہٕتہٕ یِتہٕ آو کردارٕ سُند اندرٕوٗن تہٕ نفسیات زیٹھن دلیلن ہٕندِ تفصیلن اندر دِنہٕ۔ بالزک، ٹالسٹائے، جیمز جوائیس تہٕ ورجینیا وُلفہٕ ہندی افسانہٕ چھِ

اَسہِ برونہہ کنہِ ۔ فرانز کافکا یا سارتر ہندی کیہنہ افسانہ چھِ زیٹھو تفصیلو کنی ناقابلِ فراموش ۔ پریم چند، قرۃ العین عصمت چغتائی تہٕ نیر مسعود ہندی کیہنہ افسانہ چھِ طوالتہٕ باوجود بلکہ طوالتہٕ کنی سُہ جذباتی PUNCH دِتھ ہیکان ییمیک ذکر ہیٚر کنہِ کرنہٕ آو ۔ ییٚتھ ضِمنس منز ہیکو اَسہِ اختر محی الدینٕنٛ "آدم چھُ عجب ذات" ہیٚو افسانہٕ تہٕ گنزرٲوِتھ ییمہِ ادبی حلقن منز اکھ خاص سرگرمی پاداہ کرے یہِ ییٚتھ کاشُر افسانہٕ کٔس تواریخس منز تمہِ پتہٕ زانہہ نموٗدار گٔیہ نہٕ ۔ بطورِ اکھ مکمل منصوٗبہٕ بند افسانہٕ چھُ "آدم" وُنہِ تہٕ اکھ نفیس مثال مانہٕ یوان ۔ ظاہر چھُ زِ طوالت یا اختصار چھِنہٕ بذاتِ خود افسانُک ہُد کھاران یا والان ۔ واریاہ افسانہٕ چھِ صرف موختصر آسنہٕ کنی تھدِ پایکہٕ تہٕ کیازِ حقیقیچ یوسہٕ جھلک تِم ہاوان چھِ سو ہیکہِ غارضروری تفصیلن منز رٲوِتھ ۔

گو وکہِ افسانیچ حقیقت تہِ چھےٚ زِ کہِ اکہِ ذیٚہنہٕ کہ انفرادی زوٚیِچ (approach) پیداوار آسان تہٕ شاعری ہندی پاٹھی چھےٚ یہِ افسانہٕ نگارہ ہندِس تخیل سازی ہندِس فنس طابع آسان مگر یہِ صنف ہیکہِ نہٕ قٲری ہنز حاضر یا غارحاضر حصہ داری نِشہِ لوٗب ہیٚتھ ۔ قٲری یس ستی افسانہٕ نگارہ سُند لابوٗدی رِشتہٕ چھُ انفرادی آسنہٕ باوجود اجتماعی

نوعیتُک آسان۔ کأشرِس اندر جدیدیتُچ رَوِ یِنہٕ ستۍ لوگ افسانس
منز ۱۹۷۰ – ۱۹۸۰ اکِس ڈٕہلِس منز انفرادی علامتن تہٕ پرائیویٹ
تلازمن ہندِس ورتاوس زیادٕ چلے جاو۔ اَتھ وقتس دوران آیہِ "نرگند
مٕتے چھِ پنڈرایہِ ہُند انتظار" تہٕ "پتہٕ لاران پرچھ" ہوی افسانہٕ لیکھنہٕ
یمن اندر قأری ہنز حصہ دأری نظر انداز کرنہٕ آیہِ مگر سِریہ روٗس
"یگاہ کوہِ کافس پیٹھ پری جمن تہٕ ہیروٗ"، "نوتن خاموٗن" تہٕ "نکھہِ تلکُ وُہ پر"
ہوی افسانہٕ تہِ آیہِ لیکھنہٕ یِم نہٕ صرف پننِس زمانہٕ تہٕ مکانس منز قایم
اُسی بلکہ حقیقتِچ وسیع تر جہت تہِ پراوان آسی۔ کأشر افسانہٕ کِس ضِمنس
منز چھِ پرَن والی ہنز شرکت سیٹھاہ اہم۔ پرَن والین ہُند تعداد کم
آسنہٕ تہٕ تِہند رَدِ عمل نہٕ یِنہٕ کِنہ آو پرَن وول تقریباً نظر انداز
کرنہٕ تہٕ کہانی تہٕ افسانُک بحث وُہ زُم اُتھ افسانوی تنقیدس
پیٹھ لاگو کرنہٕ۔ بقولِ نارتھرپ فرائے۔ فِکشنُک لیکھن تہٕ پرَن
وول چھُ اکھ اَکِس نِش کھٹتھ آسان یِلہِ زن رزمیہ ہِس منز مصنف
پرن بوزن والِس سِندِس سیوٚد مخاطب آسان چھُ نغماتی شأعری
منز چھُ پرَن وول الغایہ بوزان نہٕ تہٕ چھُ شأعر پانَس تام محدوٗد
آسان۔ فِکشن تہٕ ڈراما چھِ شأعری نِشہِ اوکِنہ مختلف تہٕ کیا زِ یِمن
دوشوٕنی صنفن منز چھُ پرَن وُچھن وول کھٹتھ آستھ تہٕ حاضِر۔

ظاہر چھُ زِ قبوٗلیتکی معیار ہیکن نہٕ نظرانداز کرِتھ یتھ تہٕ افسانہٕ یا ڈرامہکی قبوٗلیتکی معیار چھِ تنقیدس منز ہمیشہ اُسی متی۔

کیاہ وجہ چھُ زِ "آدم چھُ عجب ذاتھ"، "دریایہٕ ہُند یپارٕ ژس" "تاپھ" "یتھ راز دانے" کھشرٕ ہوٗنی ہنٛدس اردلس منز کوکرجنگ" "ہم زاد" "سریہٕ روٗس پگاہ" "ژٕنہ ژوٗر" "سقریتہٕ سیتی واکی"، "ووٗنی کہٕ چھے واری" "میون مرُن" ہیوی افسانہٕ یتھے تنقیدچ کہوچ کھاران چھکھ یم چھِ پاسہ سونٛکی یا گٹھی پرٕزلان؟ یمن افسانن میوٗل نقادن کیو عام پرٕن والین ہُند قبوٗلِ عام تہٕ یم چھِ رنٛز ناوان تہٕ تہٕ سنجیدہ سوچس تہٕ وُتش دِوان۔ اُسی ہیکھوکھ یم بطورِ جان (تہٕ معیاری) کاشرٕ افسانہٕ گنزراوِتھ۔ اکھ وجہ چھُ صاف زِ یم چھِ موٗلہ کاشرس تناظرس عکاسی کران۔ یم چھِ کاشرِ ابکِ رنگ تہٕ ووتلاوان۔ دوٗیم وجہ چھُ یہ زِ یم افسانہٕ چھِ تتھ کہوچہِ تہٕ کھستھ ہیکان یوس رِوایتی یا کلاسیکی افسانوی تنقیدن بدگُڈتھ کھرکرِمُت چھے۔ تہٕ گوو یمن اندر چھُ واضح پلاٹ بندی کشمکش عروج کردار نگاری زبانی ہنز موزوٗنیت وغارٕ جزیاتن کُن پوٗرٕ توجہ دِنہٕ آمُت۔ یعنے یم افسانہٕ چھِ پرِتھ رنٛگہٕ مکمل۔ یموٗ منز یُس اکھا بیٛیہ کِنہٕ زبانی منز ترجماونہٕ آو تتھ سیٛتھاہ پذیرائی۔ کانہہ کانہہ ترجمہٕ آو

کُنہِ بدیشی ملکس منز تہِ شایع کرہ تہٕ کُنہِ کُنہِ افسانُک ذکر کوٚرُکھ
یوٗرپ یا امریکہ کِس کُنہِ رسالس منز تہِ۔ کُنہِ جایہِ ذکر یا ترجمہٕ سپدُن
چھُہنہٕ صرف اتفاق آسان۔ افسانُک بتر یا اَہم قوت چھے تمہِ خاطرٕ
ذمہٕ وار آسان۔ شاید چھُ یوٚہے بتر یا قوت تمہِ خاطرٕ معیارٕ تہِ کھر
کران تہٕ مقابلچ صوٗرتحال چھےٚ پاہِ دِ گژھان۔ مقابلس اندر رُوتنے
گوٚ معیارس واتُن۔ عالمی معیارکین افسانن اندر تہِ چھُ بنیاًدی
طورتہِ انسانی مسلہٕ تکُنہٕ آہتی یِم سانین وارین مقامی افسانن اندر
آسن مگر ہٕ چھُ ہیتہِ توانائی کِنۍ اَسہِ قایل کران بیکہِ زن مقامی افسانہٕ
لعضے غار متعلق متبادلن ہترٕ choice تہِ ممکن بھوان چھُ۔
یَرِن وول چھُ مصنفہٕ سِند مقصد تہٕ مفہوم کہ یلغارٕ نِشہِ آسانی سان
بچتھ ہیکان۔ عالمی افسانہٕ چھُ اَسہِ تحریک دِوان نوٚ سرٕ سوٚنچتھ زندگی
تہٕ رِشتن ہندی نوٚی زاوِیے نظر پرٕ نہ ناوُنٕچ تہٕ سمجھنچ۔

فِکشن چھُ اکھ قایمقام تہٕ فریبی واقعاتی ہیت STRUCTURE
اَسہِ برٕ ونتھ کُن اَنان مگر یہِ قایمقام صوٗرت اگرے حقیقتُک
زیادٕ موثر تہٕ بہتر رُوپ ہاوِ، یہِ پُرفریب تصویر اگرے انسانی
رِشتن ہُند زیادٕ وسترٕ وُن میچھر یا کرِ یچھر وُزناوان باسہِ، افسانہٕ
آسہِ تھدِس معیارس کُن لمان۔ معیار چھُ نہٕ کیتھ ہترٕ گوجرٕ منزٕ گبتھ

کانہہ سِریتہٕ نہ کُنجہِ ہنٛز نرمی یا دردٕ رس منٛز عیان آسان ۔ یِتھٕ اہم
گۅژ چھِنہٕ نیٛرِتھ اہم پھِنےٚ تیمے راچھدر کُنڈٕ تہٕ ۔ "کوکر جنگ"، "ظاہر باطن"
"تاپھ"، "راگ وٲراگ"، "کوہِ قافس..." "چھا کانٛسہِ سام تہٕ" افسانن
اندر چھُ مُصنِف تجربہ چہِ ایمانداری راچھ کرِتھ ہیوٚکمُت یِتھ زیٚمن
افسانن ہُند ورتاو، بہترٕ کردار نگاری پھِنےٚ اَسہِ قایِل کران زِ تہِنٛد
اوٚند پوٚکھ وُچھنک مُستند نوقطہ نظر چھُ UNIQUE ۔ اَسہِ چھُنہٕ
یِمن افسانن ہندِن مُتبادل معنہِ ین واتنُک طلب روزان ۔
سوے تہِ چھُ یِم پرِن وٲلِس توجہس دِوان یِمیک ذکر ہیٛرکنہِ
کرنہٕ آو ۔ یِم افسانہٕ چھِ اکھ معیار قایم کران تہٕ کیازِ یِم چھِ ثابت کران
زِ یِم چھِ توانا احساسکی توانا اظہار ۔ مگر امیُک مطلب گوو نہٕ زِ بسیار
یا متبادل معنے ووتلاونکہِ غرضہٕ لیکھنہٕ آمتی افسانہٕ چھِ کم ۔ ور یا
کم اطمینان بخش آسان ۔ سوال پھِنےٚ سُے ۔ افسانہٕ نگارہٕ سُند مقصد
چھا ہیوٚکمُت فنی کمالس واتِتھ ۔ تِسٕند لفظ محاورہٕ لسانی گرُت
تہٕ اظہارک انداز چھا صحیح انتخاب کرِتھ ہیوٚکمُت ۔ تِمی چھا زبانی
بیٚنِ معنے دِتھ ہیوٚکمُت ۔ مثالے "ژٕس" افسانس منٛز چھُ راوی
پوٚتی وٲلِس avoid کرنہٕ خاطرٕ تس گرا تہِتھٕ ۔ "قووت" ونان
گرا روزِ تہِنٛد ناو" جواب دِوان مگر ژکہِ چھُ سُہ شعورس

آد رِتھ ہَتہ تحت الشعوٗرس منز۔ موجوٗد یعنے راوی یینہِ دِس وسواسس
ظاہرن خنہ کران چھ تِیتھ جِہ جِہ ایمانداری بیٹھ چھُس نہ شک
بالکل معنے تہ لسانی اظہارک یہ سطحی ضِد چھ افسانس پانے اکہ
کھوتہ زیادہ معنے دِوان۔ یی چھ امہِ افسانہ لیکھنک مُدعا تہ امی کنہ
چھُ یہِ افسانہ اکھ معیارہ قایم کران۔

جدیدیتہ کس اثرس تل گوو زندگی ہندِ سائنسی تجزیک
رجحان عام مگر یِم جدیدیتن تمہ زندگی متعلق نظرین ہندِس سائنسی
تجزیس تہ مشینی ردِ عملس متعلق سوال۔ دُنیا شروٗ کنہ ستی تہ اطلاعاتی
انقلاب یِنہ ستی چھ علم تہ سونچن رُوِشن راتوں رات وُترہ بنیل
ووتھان۔ ییلہِ "ہال" "مسلہ" یا "داوک" ہوی افسانہ لیکھنہ
آیہ اَسہِ باسوزِ کُنہ اعلانہ ورائے چھ یِس جدیدی فکرکا شرس
افسانس توجہ دِوان۔ تہ ووُنی ییلہِ افسانس (دراصل ساری
ادبس) لسانی تجزیہ کرِتھ ساختیاتی بُنیادن پیٹھ مولانکون ییدان
چھنے سون افسانہ نگار تہ چھُ موحتاط گومُت۔ سُہ چھُنہ روایتی
جزیات نگاری یا مقامی رنگ ووتلاونس پیٹھے اکتفا کران
بلکہ نہایت ژُرکہ تہ شعوٗری پاسداری سان پانس تہ بینِس
اوٚندپوکھس نظر دِوان۔ ظاہر چھ زِ "جوٗٹھ گوو پادشاہ"، ممکن

یا بلا عنوان ہِوبن افسانن اندر چھِ نوبن معیارن واتنچ کل عیاں تکیاز زِمین اندر چھُنہٕ موضوعکہِ انتخابُک یا ورتاوُک کانہہ تعصب بروے کار۔

ادبس منز چھِنہٕ تیُتھ کانہہ امتحان کانہہ ٹیسٹ کانہہ کھوٹ یُتھ کھاُتھ کانہہ ادب پارٕ معیارٕی مانہٕ یِیہ۔ مگر تیتھی تخلیق چھِ واریاہ یم پرٕتھ لحاظٕ ممتاز یا OUTSTANDING چھِ تہٕ یِہنز برتری پرٕتھ قسمکہِ فکرُک نقاد مانان چھُ۔ اگر ے تِم افسانہٕ چھِ تیٖلہٕ چھِ تِم ضرور انٛدی پکھس تہٕ رِشتن متعلق پنُن وِچھن پیش کران۔ وِچھن یا آگہی چھُ افسانہٕ نگار ذہنی تہٕ جذباتی طور سیٹھاہ حقیقی تہٕ ہمدردانہٕ شرکت کرِتھ پاد کرِتھ ہیکان۔ آگہی ہیکہِ تس پننی زندگی برباد گژھنہٕ کِس حدس تانی متاثر کرِتھ۔ تی تہٕ چھِ اَسہِ وۄستاد افسانہٕ نگارَونان۔ ہر مَن میل وِل چھُ سماجی رشتن منز۔ شرکت کرنُک مطلب سمجاوان ونان زِ تصنیفس منز گژھِ انتہائی صاف گوئی آسنی یتھ نہٕ کُنہ قسمچ شیر پارٕ ہند ضرورتھ آسہِ۔ کردار گژھِ توہہِ خاب تام یِہ ڈیپ زِ تہٕ ٹُندی کڈُن تہٕ پرٕژھ گارلاگن زِ سماجس منز۔ شریک روزُن کیا مطلب چھُ تھوان۔ بیٚیہ توہہ یِہ پرٕژھ ناوُن زِ " سماجس منز شرکت کرنہٕ نِش انکار کرُن یا انکار کرنس ترجیح دِنُک مطلب کیاہ چھُ "یتھ

انکار کرنک مظاہر (بہ ونہٕ جرٲت) چھُ ہری کرشن کول "شمشان واراگ"
تہٕ گلشن مجید "کھشر ٲلد ہوٗنی سٕندِس اردلس منز" افسانن
منز کران ۔ یمن منز چھِ بے حد صاف گوٗیی یمہِ خاطرٕ افسانہٕ نویس
تھیم تہٕ تکنیک دوشوٕنی ہندی خطرٕ شعوٗری طور تُلان چھُ ۔ یمن
افسانن اندر چھےٚ حقیقت ژینہٕ نٕچ تہٕ وَنہٕ نٕچ زبردس URGE
(تحرُک) یوسہٕ مصنفو اکِہ قسمکہِ خود فنائی ہندِ ژُوِیہِ ستیٚ حاصل
کرٕمٕژ چھےٚ ۔ کافکا اوس پانس متعلق ونان زِ "مےٚ چھِ پننہِ وقتکی
منفی روخ تہٕ روٗپ پانس اندر زبردستی شروٗبراوی متیٚ ۔" تٔمسند
مشہوٗر افسانہٕ METAMORPHOSIS چھُ بنیادی طور تٔمسنزِ تخلیقی
توانایی ہند غماز ۔ اَوے چھُ سُہ عالمی افسانہٕ بابتھ اکھ تھوٚد معیار
قایم کران ۔

# کأشُر ترقی پسند افسانہٕ

غلام نبی خیال

یِیٚمہٕ محفلِ باپتھ میانہِ یِیٚمہٕ مقالہٕ خاطریُس موضوع اوس تجویز آمُت کرنہٕ سُہ چھُ ترقی پسند کأشُر افسانہٕ۔
بامے افسانہٕ آسن، ڈراما آسن، ناول آسن یا ادبچہ کُنہِ تہٕ ذاتُچ ہُند کانہہ تہٕ فن پارٕ آسن تتھ نہٕ ہکو ترقی پسند وَنتھ تہٕ نہ رجعت پسند۔ ادب چھُ ادب آسان تہٕ یہ چھُ تیٚلہِ آفاقی تہٕ ادبی مرتبہ پراوان ییٚلہِ یہِ زمان و مکانچہ حدبندیہِ نٟٹھ ہمیشہ ستاز تہٕ شاداب روزِ۔
اما پوز یہ چھے ضرور اکھ حقیقت زِ کأشر زبأنی منز بیو وافسانہٕ تمی ساعتہٕ تھٲنہ یٚیلہِ تہٕ ترقی پسند ادبی تحریکِ ہُنز جہار آس ہاوان۔ وُہمہِ صدی ہندِس سبہ منزس منز آو گوڈنیُک کأشُر افسانہٕ لیکھنہٕ۔ یہ اوس اکھ حُسنِ اتفاق زِ یِم زِ گوڈنگی افسانہٕ آے ''کونگ پوش'' رسالہٕ کِس اُکِس شمارس منز یعنے اَتھ ۲۰۰۶ بکرمی مطابق اپریل

۱۹۵۰ ءیس منز شایع کرنہٕ کینژھس کالس رٗود اتھ سلسلس منز یہِ بحث تہِ چلان زِ یمو منز کُس افسانہٕ چھُ گوڈنی آمُت لیکھنہٕ۔ یم افسانہٕ اُسی دینا ناتھ نادمُن جوابی کارڈ تہٕ سوم ناتھ زتشی یُن ییلہِ پھوٗل گاش۔

پتہٕ آیہ نہ اتھ بحثس کانٛہہ اہمیت دِنہٕ اما پوٚز یہِ تارِٟخی حقیقت چھِ از تہٕ سائنس ادبی دنیہس پسرو چشم تسلیم زِ یم دوشوے افسانہٕ یا پتہٕ یم باقی نثری فن پارہٕ ساننہٕ زبٲنی منز تخلیق آے کرنہٕ تِمن ہند آگرُ اوس کشیر ہنز ترقی پسند ادبی تحریک۔ اما پوٚز امیک مطلب چھُنہٕ یہِ زِ صرف ییمہٕ ترقی پسند ادبی تحریکے سائنس افسانس بارسس اننس منز بُنیادی طور مددگار ثابت ہرگاہ سون افسانہٕ صرف ترقی پسندی ہندِ ہسے محورس اندی اندی گژھ آسہِ ہے کران تیلہِ آسہِ ہے نہٕ اختر محی الدینُن ''جلہِ ہندی ڈندِ ہٕلی'' ہیو افسانہٕ پتہٕ من کینژن وٗری ین منز لیکھنہٕ آمُت۔ یہِ مختصر ترین افسانہٕ یوٚدوے زن اکہِ خاص سیاسی صوٗرتحالُک ترجمان چھُ یُس کشیر منز ووٚنی دہ یوٚدی نسو کھوتہٕ زیادٕ کالہٕ پیٹھٕ موجود چھُ۔ مگر امیک ابدی تہٕ لافانی آنگ گواہ روزِ زمانہٕ تو تام یوٚتام سائنس سماجس منز مظلوم تہٕ ظالم موجود چھُ۔ یوٚتام زوراوار تہٕ کم زور دون خانن منز باگرتھ چھ تہٕ یوٚتام زور زبردستی برونٹھ کنہِ انسانی شرافتُک ہتھیار موٚنڈ چھُ۔

یہ چھُ مو خصر افسانہٕ پھِری پھِری زن خیالَن وُتش دِوان تہٕ یہ کرٕ ازیہ بُنیہ

اکہٕ پھِر تھٕہندِ اجازتہٕ یِیتھِ پیش۔ یوزُو اختر س ہِوس ممتاز کاشرِ س

افسانہٕ نگار سٕند یہ شاہکار۔

رٕسُل کھر والنہٕ زٕچھِ کورِ جلہٕ اوس گوڈٕ ژوداہمہٕ جمانژ ہُنٛد

امتحان پاس کوز مُت تہٕ پتہٕ ہُنٛد۔ پرانہٕ کھوپرِ ہتٛدس درزِ س واس

اوس وونی لوکُٹ بورڈ الوند : جلیلہ رسول بی اے ایل ایل بی

رٕسُل کھر واٮ۪س اوس یہ بورڈ زٕنتہٕ یٮ۪نتِس ڈٕکس پیٹھ نیہٕ نیہٕ

کرٕوُن تارُکھ باسان۔

اَمہٕ دوہ اوس کرفیو، تہٕ سڑکن پیٹھ اوس صرف فوج، جُل دراٮ۪ہ

دروازٕ نیبر تہٕ ووٚنُن فوجی افسرس " بھائی صاحب میرے تیاجی سٹرک

کے اُس پار جائیں گے آپ کی اجازت ہے ؟ ان کو پھر واپس بھی آنا ہے "۔

فوجی افسرن ترٲو رٕسُل کھر واٮ۪س ہیر بونہٕ نظراہ تہٕ کینژہ کاہ جلہٕ ہتٛدِ حُسنہٕ

تہٕ کینژہ کاہ رٕسُل کھر والہٕ بنہٕ بجُرِس تی کمٕلِتھ ووٚنُن رٕسُل کھر واٮ۪س۔ ہاں

ہاں ۔جاؤ ۔ جاؤ ۔ چاچا ۔ جاؤ "

رٕسُل کھر وول تورٕ الور تہٕ جُل کھٕرُن پھولہٕ ونہٕ بُتھِ واپس۔

گانٹہٕ کھنڈ گو وتہٕ نیبرِ کنہٕ گو وکیاہ تام کرِتھ نادٕ ہیٚو۔ او بوڈھے

ادھر آؤ۔ اَمہٕ پتہٕ وَدن کرِتھ۔

ژُل وُزِتھ کُنی دَوِتھ سڑکِ پیٹھ وُچھُن بیاکھ فوجی افسر رُسُل کھر وائِس مار دِوان۔ ژلہِ تیٚ دَو۔ مارِس کرُن نرٕ تھَپ تہٕ سخت ژِکھ سان وۅنُن فوجی افسرس" کیوں مارتے ہو میرے پتاجی کو۔ تمہارے ہی افسر نے اسے سڑک پار کرنے کی اجازت دی تھی؟"

"جاؤ لڑکی بکواس بند کرو۔ چلی جاؤ۔" فوجی افسرن دِژ حقارتہٕ سان کریکھ۔

ژلہٕ گونڈُن ہیٚر بوٚن نار تہٕ کھور ٹھیکرا اوِتھ وۅنُنس"تمہارے ماں باپ نہیں ہیں کیا۔ بکواس تُم کرتے ہو"

ہنگہٕ تہٕ منگہٕ ژٔن نیلہ نبہٕ ترٕ کھٕ ٹینٛیہٕ۔ ژُل آیہٕ پتھر وکراونہٕ۔ اُمس آسی سینس، گردنہٕ تہٕ ہونگہٕ پٕرزٕ وُڈمتی۔

پگاہ ییلہٕ کرفیو ووٚتھ رُسُل کھر وول اوس سڑکِ پیٹھ اوٚش ہاران تہٕ کیاہ تام ژھاران۔ ستی اوس کاتسہٕ ہندِ پرٕژھنہٕ ورائے وَنان۔"اُمس ہا ژلہٕ ہندی دَندٕ پھٕلی ییٚتی آسنس پییمتی۔"

یہ افسانہٕ نہٕ چھُ ترقی پسندٕ تہٕ نہٕ چھُ کُنہٕ خاص نظریُک عکاس۔ یہ چھُ اکھ معتبر تہٕ برمحل فن پارٕ یُس توٚتام موجوٗد روزِ یوٚتام زمانہٕ ہندی زمانہٕ سماجی بے انصافی ہندی شکار روزن سیدان۔

کاتسہٕ س افسانس پیٹھ مجل پاٹھی راے دِنہٕ وِزِ یوٚد وۓ اَمیُک

نمائندہ کِردار واضح آسہٕ کرُن تیٚلہِ چھِ کم ازکم ترٛےٚ ناو اختر محی الدین، امین کامل تہٕ ہری کشن کول یہِ دعویٰ کرِتھ کاشُر افسانُک تھزر تہٕ بجر تسلیم کرنہٕ باپتھ کافی۔

اُردو شاعری ہُند خزانہٕ چھُ سانہٕ بَدن سخن وَرن ہندِ کلامہ سٍتؠ مالامال امہِ پوٚز امچہِ پوٗرِ پوٗر ترجمانی باپتھ اگر صرف میرؔ، غالبؔ، اقبالؔ تہٕ فیضؔ نِنہ ناوین ہیٚنہٕ تیٚلہِ تہٕ چھُ اردو شاعری ہُنٛد کمال تہٕ جمال برونٛہہ کُن یوان۔

اَمیُک مطلب گوو نہٕ ہرگز یہِ زِ اَسہِ نِش چھُنہٕ باقے افسانہ نگارن ہُند کانہہ دیُت۔ اَتھ ادبی ذاتس خوٗنِ جگرٕ سٍتؠ سگوون والین تہٕ اَتھ وُسہٕ جارِ دِنہٕ والین منٛز چھِ سوم ناتھ زتشی۔ علی محمد لون۔ بنسی نِردوش، دیپک کول، عزیز ہارون، شنکر رینہٕ، امیش کول، اوتار کرشن رہبر، رتن لال شانت، غلام رسول سنتوش، غلام نبی بابا، تاج بیگم رینزو، بشیر اطہر، بشیر اختر، فاروق مسعودی، عباس تابش، ہردے کول بھارتی، محفوظہ جان تہٕ چھیکرس پیٹھ ویریندر پٹواری تہٕ بیٚیہِ کیٚنہہ افسانہ نگار تہٕ شامل یمن سارنٕے ہُند ناو ہیوٚن ہیٚتن ممکن چھُنہٕ۔ ویریندر پٹواری روٗد عُمر عُمرٕان اُردوٗ افسانہٕ لیکھان مگر پتہٕ لاگن بھیوٗر ہیٚنی ماجہِ زیوٚ کُن تہٕ تسُند کاشرِن

افسانن ہُند مجموعہ "علم" چھُ حال حالے چھاپ سپد تھ آمُت۔

کأشرِس افسانس تجزِیہ کرن وِزِ چھِ یہِ حقیقت پأنی پانے نۆن گژھان زِ یتہٕ آو نہٕ دند وزُن، "ڈٔری یا یہِ ہُند یژار" کو کر جنگ" یا "جلہٕ ہندی دندہ کھٔلی" ہیو کانہہ افسانہٕ لیکھنہٕ۔ اَتھ سلسلس چھِنہٕ کُنہِ تحریکہِ یا کُنہِ خاص نظریُک اثرس ستۍ واسطہ بلکہ چھُ یہِ صرف اُکس افسانہٕ نگارِ سٕنزن ذأتی صلاحیژن۔ فنس پیٹھ تہٕ تمہٕندِ عبورُک تہٕ موضوٗع ورتاونہٕ کِس برمحل طرزس پیٹھ دارومدار تھاوان۔

برصغیرس منز گیہِ ترقی پسند ادبی تحریک باضابطہٕ پأٹھۍ ۱۹۳۶ء یس منز کلکتس منز شروٗع تہٕ ۱۰ اگست ۱۹۳۶ء یس منز آیہِ لکھنوس اندر سید سجاد ظہیرن سربراہی منز "ترقی پسند مُصنفین" ناوٕچ تنظیم عملہٕ منز انہٕ۔ یہِ تحریک سپز پتہٕ سر سید احمد خانٕنہِ تحریک برائے فروغ تعلیم پتہٕ سارۍ وٕے کھوتہٕ بامقصد تحریک ثابت یتھ ستۍ منشی پریم چند، ڈاکٹر رشید جہاں، تمُند خاوند محمود الظفر، پروفیسر احمد علی فیض احمد فیض، احمد ندیم قاسمی ہیوۍ ممتاز قلم کار تہٕ ادیب تہٕ شامل گے۔ اَمہِ برونہہ یہن اوس اَتھ تحریکہِ یہِ ڈۄلِ زِ تہٕ ولایتس منز سجاد ظہیر، ڈاکٹر محمد دین تاثیر تہٕ ملک راج آنندن کیٚنہہ دیٚتمُت یِم تمہِ ساعتہٕ لنڈنس منز تعلیم حاصل آسی کران۔ یمہٕ دوہن سپز "انگارے" ناوٕچ ترقی

پسند ادبن ہنز اکھ افسانہٕ سوٚمبرن اردوٗ پاٹھۍ شایع یتھ ڈاکٹر رشید جہاں
ترتیب کار اٲسۍ۔ سرکارن لاج اتھ کتابہِ پیٹھ یہِ وۄنتھ پابندی زِ اتھ منز یِم
خیال افسانوی رنگس منز باوتہٕ چھہ آمتۍ تِم چھِ حکومتی مفادن خلاف۔

ہندوستانس منز برطانوی نوآبادیاتی نظامس خلاف تحریکہِ
دوٚیت ترقی پسند ادبی تحریکہِ تہٕ اکھ جوش تہٕ جذبہٕ تہٕ اوٚے رۄٗدی
مُلککۍ سرکردہ مجاہدِ آزادی جواہر لال نہرو، مولانا برکت اللہ بھوپالی
آچاریہ نریندر دیو تہٕ حسرت موہانی اَتھ سرپرستی کران۔ امی
ہندوستان چھوڑ دو تحریکہِ ہُند اثر ژٹھ یمو اُردو افسانہٕ نگارو
پتہٕ ساریہے مُلکس منز ییٚن ناو تہٕ پنُن فن متدنکہِ سرکۍ پاٹھۍ گاشرو
تِمن منز چھہ کرشن چندر، مہندر ناتھ، راجندر سنگھ بیدی، خواجہ
احمد عباس، سعادت حسن منٹو، قرۃ العین حیدر، عصمت چغتائی
پرکاش پنڈت، اوپندر ناتھ اشک، سجاد ظہیر، احمد ندیم قاسمی
کنہیا لال کپور، فکر تونسوی، ممتاز حسین، اختر حسین رائے پوری
تہٕ ہاجرہ سرور سرس۔

کشیر منز تہٕ رۄٹ ترقی پسند ادبی تحریکہِ دراصل تمی ساعتہٕ
اکھ طرح ییلہِ اکہِ بیروکار ہندوستانچہِ آزادی ہنز لڑایہِ سیتۍ کشیر منز
تہٕ "کشیر چھوڑ دو۔ بیع نامہ امرتسر کو توڑ دو" کہو تعروَ سیتۍ کیٚٹ کشیر

موو منٛزکی علم بر دار بنیاے ۔ اَتھ ثقافتی انقلابس آکہٕ نو و مولانا محمد سعید مسعودی،
مخدوم محی الدین تہٕ پریم ناتھ پردیسی یَن تہٕ بیٚن قلم تہٕ مہجور
تہٕ آزاد تہٕ رۄدی اَمہِ کیٚن صفن منٛز۔ یکٕت پأدٕ کٔرِتھ اَمچہِ وسواری
باپتھ پے در پے کوشِشہٕ کران۔

ترقی پسند ثقافتی تحریکہِ ہندس زندگی بخش تہٕ حرارت آمیز
ماحولس منٛز۔ ییو وا کہِ طرفہٕ گوڈنچہِ پھِر کأشُر افسانہٕ تھٔنہٕ تہٕ بستی آوا تھ
ادبہٕ ڈأرِ بیٚین زبانَن ہندی افسانہٕ ماجہِ زیٚو منٛز۔ تارٕ تہٕ بستی نوو وُسعت
دِتہٕ ۔ جن چنگ چو تہٕ لنگ سین ہندِ ین چینی۔ گورکی تہٕ چیخوف
ہندِ ین رۄسی، راج رتنم سند تامُل تہٕ کرشن چندر تہٕ خواجہ احمد عباسٕ
اردو افسانہٕ پھِری کأشرِس منٛز۔ زیادٕ تر عزیز ہاروَنَن تہٕ ژتشی یَن تہٕ
کوٚر کینٛژن افسانن ترجمہٕ۔

ہندوستانچن باقے علاقائی زبانن نسبت چھُ کأشُر ہم کال
افسانہٕ اکھ خاص اہمیت تھاوان اَمیُک اکھ وجہ چھُ یہِ تہٕ زِ یِمن
افسانن ہندی کردار چھِ عام پأٹھی لیکھن والیو یانہٕ اَندی پکھ زندٕ زُو
ذاژن ہندِس اَکس منٛز۔ وُچھمتی تہٕ یِمن اکھ افسانوی
شکل دِتھ چھکھ اوٚہندٕے ماحول تہٕ زندگی گُذارنُک مخصوص اندازہ
پنٛنہِ قلمہٕ کہ ذریعہِ پیش کوٚرمُت۔ یوٚد وَے زن اُردو افسانس منٛز

یہِ مقامی رنگ ویوٗد چھُ مگر چونکہ تمیک کینواس چھُ سٹھاہ وسیع
تہٕ باڈو دار توٕے اوس کرشن چندرٕ کشیرِ پیٹھ تہٕ لیکھان تہٕ لنڈنُک
اوحال تہٕ پننِس افسانس منز بیان کران ۔ اُردو افسانن دِژ
انتظار حُسینَس تہٕ اُچھِن منز جاے یُس پاکستانس منز روٗزِتھ تہٕ
لُستھ لبِستھ تہٕ پننین افسانن منز ہٕندی ناو تہٕ کردار تہٕ سنسکرت
اصطلاح برابر استعمال چھُ کران ۔

ادبس منز مقامی رنگ اَکِس عالمی تناظرس منز پر برزاوُن چھُ
ہر رنگہٕ کمالِ فن ۔ اَوے موکھ ییٚلہِ دِلہِ منز ساہتیہ اکادمی ہندِ طرفہٕ
ہندوستانی زبانٕ ہندین افسانن ہٕنز گوڈنیچ سوٚمبرن انگریزی یا تھٕ
شایع سپز ۔ اَمہِ زبانٕ ہندی اَکی معتبر نقادن دِژ یہِ راے زِ اتھ سوٚمبرنہٕ
منز شامِل سارِوٕے افسانو منز چھُ اختر محی الدینٕنُ BRIDES PAJAMA
یعنے ڈرییایہِ ہُند یزار سارِوٕے کھوتہٕ بہترین تخلیق ۔

موضوع ، اسلوب ، کردار سازی تہٕ ہیٚرِژ کنہِ ہیٚکہِ کأشُر افسانہٕ
ہندوستانچین الہٕ پلہٕ سارنے علاقائی زبانن ہندِس افسانوی ادبس
ستی مقابلس وُترِتھ یوٗدوٕے زن اَکھ وأنس مسامسا تیشٹھ ستتھ
وری چھنے ۔

افسانس چھےٚ اکھ خاص شکل وصوٗرت تہٕ ورتاو آسان۔
گوڈ نیتھے گوو امیک موضوٗع ژارُن تہٕ پتہٕ تتھ ستۍ برابر ہیشر تھاون
وأجٕلۍ وکھ کردار تلاش کرٕنۍ تہٕ تو پتہٕ یہِ موضوٗع پننہٕ فنکارۍ ستۍ
ورتاوُن۔ افسانُک شروٗع چھُنہٕ پوٗرٕن وألس یا پرٕن وألس زیادٕ
مُتأثر کران۔ اما پٔیلہِ سُہ اَمہِ کِس سیٖیہٕ منزس منز واتان چھُ تَسند اشتیاق
چھُ ہُران تہٕ اَمہِ پتہٕ چھُ تَس یہِ دلیل سٔر توٗ ہوٗت۔ پوز نیٖح کل گنان۔
افسانہٕ چھُ وارٕ وارٕ سیرٕ اسرارن رٕسہ رٕسہ پرٕدٕ تُلتھ پننس انجامس
کُن پیٚوان climax کس کُن واتان تہٕ پٔیلہِ افسانُک نتیٖم
حصہ اند واتتھ اَمیک اختتام چھُ سپدان تَمہِ ساعتہٕ گرٕژھہِ پوٗرٕن
وألس یا پرٕن وألس ذہنَس اکھ دٕنَ ہش لگنۍ۔ سُہ گرٕژھہِ کتھ تام سوٗنچن
پیوٚن تہٕ پتہٕ گرٕژھہِ سُہ پانسے ستۍ کتھ کران کران یہِ پرٕژھن زامیک
اندٕ ہے یوٚدوے بٔیِہ پأٹھۍ یا بیِتھ پأٹھۍ آسہ ہے یا یہِ ژامہِ پتہٕ
کیاہ سپُد چھیکرس؟ اَتھ منز بس یوٚدوے پرٕن یا پوٗرٕن وألس وُتشس
لوٗگ تیٚلہِ چھُ یہِ افسانہٕ اکھ کامیاب فن پارٕ ییوان مانٕنہٕ تہٕ کأشر زبأنۍ
ہند بِن کیٚتن افسانن چھُ یہِ شرف حأصل ژٕتم چھُ اَتھ کہو چہ بٔتھ
پاسکی پأٹھۍ پننۍ اصل تہٕ صاف آسُن ثأبت کران۔
دُنیہکِس افسانوی ادبس منز یم میزان تہٕ معیار افسانہٕ بابتھ

مختص چھُ آمُت کرنہٕ کاشُر افسانہٕ چھُ تمن بیٚٹھ پوٗر پوٗر دُتران
مگر یہِ تہٕ چھےٚ اکھ تکلیف دہ حقیقت زِ ہم عصر افسانہٕ زن چھُ کیٚنژھ
منز ژھوکیومُت تہٕ اکھ ژھبونس ژانگس نوٚو تیل تراونچ تہٕ اکھ تازٕ
ریٚہہ دِنٕچ چھیَنہٕ کانہہ وَتھ دریٚنٹھی گژھان۔ اَوے چھُنہٕ یِتی مین دیَتہٕ
ترٕہن وُرِیَن منز کانہہ تِتھ کاشُر افسانہٕ تخلیق آمُت کرنہٕ یُس
پرٕتھ اَسہِ باور سپد ہے زِ اختر محی الدین، ہری کشن کول تہٕ امین کامل
چھِنہٕ لاوارِث بلکہ تہنٛد دیُت چھُ تہنٛد لوکٕنیو نہ صرف رٔژھ ومُت
بلکہ چھکھ تتھ منز برٔزر تہٕ کوٚرمُت۔

وُنی کیٚس ییٚلہِ زَن کاشرِ شاعری نام نہاد صوفی شاعری تہٕ
ریڈیو بابتھ گیوٚن شاعری ہندِس زالس لگتھ ژھرٕ ژھٹ چھِ
کران۔ کاشرِس افسانس تُوجہہ تہٕ نوٚو اظہار ہیکہِ کاشرِ زبانی زنٛدٕ
تھاونُک تہٕ اتھ ترقی دِنُک اکھ کارگر ہتھیار ثابت سپدِتھ۔ سانہٕ
افسانُک وجوٗد زَن چھُ ہانیومُت تہٕ ہُندرِیومُت تہٕ اَمیُک وجہہ ہیکہِ
یہِ تہٕ آسِتھ زِ وُنکیس ییٚلہِ زن ژِلہِ لارِکھیوٚمُت وقت۔ انسانس تہٕ لمہِ
لم چھُ کران افسانہٕ ہیکہِ شوقہٕ والین قلم کارن تہٕ پرَن والین
دوشونی ہندِ بابتھ اکھ صبر آزما عمل آسِتھ یِتھ مقابلہٕ شاعری موٚختصر
تفریحی سامانہٕ میٚسر چھِ کران مگر کاشرِ زبانی ہنٛد حال نظر تل تھاوِتھ

چھُ اتھ یوٚت وتیوٚت نثری سرمایک ضرورت یُس امہِ کِس شاعری ستیٚ مالامال خزانس موٗلُل بُرزر کرِ۔ سانین خاصکر نوین تہٕ نوجوان لِکھارین چھُ بہرحال میون یی مشورہٕ زِ تِمن پزِ بالخصوٗص کاٗشرِس نثرس تہٕ بالعموٗم کاٗشرِس افسانس، ڈرامہس، ناولِ تہٕ انشائیش کُن تہِ پننین صلاحیژن ہُند روٗخ پھِرن۔

سانین نوجوان قلم کارن منٛز چھِنہٕ فن شِناسی تہٕ فن کاٗری ہنٕرٕ کاہنہ کمی تہِ یہِ دولت چھےٚ تِمن تِتھہٕ کٔنۍ خرچاوٕنۍ زِ یِگاہ روزن تِم تِتھ فہرستس منٛز ٹاکارٕ پاٚٹھۍ درج یُس کاٗشرِ زبانۍ ہندین مخلص دگ دارن تہٕ بے لاگ فن کارن ہنٛز اکھ نٔیہ نٔیہ کروٕنۍ موٚختہٕ مال آسہِ۔

# حالس چھُ روٗتُل ــ اکھ مطالعہ

نذیر احمد ملک

"حالس چھُ روٗتُل افسانہٕ" چھُ لفظ 'ترٕ' سٍتی شروٗع گژھان تہٕ افسانہٕ کِس متنس منز چھےٚ ترٕ نہ صرف پیش منظرس بلکہ چھُ ترٕ متعلق افسانہٕ کٮ۪ن کردارن ہُند انفرادی ردِ عمل تہٕ بروٗنہہ کُن ییوان۔ ترٕ تہٕ ترٕ متعلق لفظیات مثلاً روٗد، ژُلہٕ کُرٕ، کٹھکار، واو، پانٕژ آلی واو، ژھٹھ، شیشہٕ ژھٹھ، گگرایے، واوٕ دکہٕ، روٗدٕ راٹھ، طوٗفان، پانٕژ ادر، ترٕ سٍتی لایے پھٹنٕ وغارٕ چھُ امہٕ افسانُک ٹیکسچر (TEXTURE) تہٕ ڈِسکورس تہٕ تشکیل دِوان یتھ پٲٹھۍ کِنہٕ کیٛنہہ منفرد آواز چھِ ووتلان تہٕ افسانس چھےٚ اکھ کثیر الآواز (MULTIVOICED) متن بناوان۔

افسانس منز چھِ ترےٚ کردار اکس ہٕدرِس کمرس منز پناہ نِوان

ہٕ سرد ترین راتھ گٔذرنٕک اِنتظار کران ۔ اَتھ کمرس چھِ دارٕ ٹۍ دِتھ
آسان مگر شیشو رٕوستے اَمہِ سرد راتٕچ ہُند DESCRIPTION چھُ
افسانٕکس پوٗرٕ ماحولس پیٹھ چھاوِتھ ۔ تہٕ نیار چھُ نہٕ صرف یہندِس
اوٗتٕ نٕکیس منٛز بلکہ افسانٕکِس مرکزی کردارٕہندِس گفتارس پیٹھ حاوی ۔
افسانٕ چھُ یِتھ کٔنۍ شروٗع گژھان ۔

”تہٕ زَن بہٕ ماگنس کٔھکارس تٕلہٕ کرس پیٹھ بیٚتھ توٗنے شوٗنگِتھ
اوٗسُس ۔ کمرٕ اوس بڑ لوٗڈے تہٕ اَتھ منٛز آسی اُسی ترٕے ژٔنۍ ۔ دارٕ آسہٕ
دِتھ مگر تمن آسی نہٕ شیشہٕ ژٹی ۔ نیٚبری کنہِ آس روٗدٕ راتھ وسان تہٕ
پانژٕ آلی واو چلان ۔ یہ واو ، بالہٕ ہالہٕ ہتٕ ۔ یہٕ ژھِھِٹ آس ٹوٗرسٹ
ہوسٹلکِس یَتھ کمرس منٛز دٔو دٔو کران تہٕ کمرس اندر اَسِتھ تہٕ اوس
آسہِ باسان زَن اُسی نیٚبر کنہِ شوٗنگِتھ چھِ ۔“

افسانٕکس اَتھ ابتدائیس منٛز یوٗسہٕ اہم آواز ووتلان چھے
سوٗ چھےٚ قُدرتس تہٕ حالاتن برونٛہہ کنہِ انسانٕ سٕنٛز لاچاری تہٕ
بےبسی ۔ جایہِ پناہ تلاش کرنہٕ باوجوٗد چھِ افسانوی کردار فطری
طاقتس برونٛہہ کنہِ بےسروسامانی ہِندِس حالتس منٛز ۔ کمرس
اندر آسنہٕ باوجوٗد اوس تمن باسان زَن چھِ تِم نیٚبر کنہِ شوٗنگتھ ۔
اَمہِ سردی نِشہِ بچِس چیز تمن کُنہِ حدس تام محفوظ تھاوٕہاسُہ اوس

گرم بسترٕ نمرٕ تہٕ ندٕ بستر آسی لبسہٕ ہندِس پَتھس پیٹھ رۄدِ سٕری گامتی

تہٕ وونی آسی تِم کراے کملَن تَل سردی ہُند مقابلہٕ کران ۔ افسانُکی کردار

متکلم (یُس افسانک راوی تہٕ چھُ ) ۔ کمھیہٕ تہٕ سامی جی چھِنہٕ اَمہٕ برونہہ

اکھ اَکِس زانان آسان یِہ چھُ یہند گوڈنیُک تعارف آسان مگر

وونی چھِ یِم ترٛنوَے اَتھ بڈِس کمرس منٛز یکہٕ وَٹہٕ سرد رآژ ہُند مقابلہٕ

کران ۔ یِم چھِ تِمہٕ مسافر لبسہٕ ہُند حصہٕ آسان یِم یہٕ جوٚمہٕ پیٹھ سرینگر

کُن چھےٚ درامٕژ آسان تہٕ وَتھ خراب آسنہٕ کِنہٕ یا ہہالہٕ یپارٕ رُکِتھ

آسان ۔ غارٕ موافق موسمی حالات تہٕ تِمن بچنہٕ خاطرٕ چھِ یِمو

سأتھی مُسافر اَلگ ترأوِتھ ٹورسٹ ہوسٹلکِس کمرس منٛز پناہ

رِمُت آسان ۔ ٹورسٹ کمرس سٕتی چھِ عمومی طور آرام تہٕ آسائیشہٕ

ہُند تصوٗر وابستہٕ مگر یِہ کمرٕ چھُ یہندِ خاطرٕ تکلیفُک تہٕ مصیبتُک

سبب بنان ۔ تِمن چھُ وونی باسان کہِ لبسہٕ منٛز سأتھین سٕتی راتھ

گُزارنی اوس بہتر ممکن چھُ تہٕ ما آسہٕ ہا یِمہٕ کمرٕ کھوتہٕ گرمی تہٕ آرام ۔

وَتھ خراب آسنہٕ کِنہٕ سٕتی مُسافر اَلگ ترأوِتی ، ہوسٹل کمرس منٛز پناہ نیُن ،

ہوسٹل کمرٕچ خستہٕ حالت ، مُسافر سأتھین نِش واپس گژھنٕچ

خواہش وغارٕ چھِ مختلف آوازٕ یِمہٕ یکہٕ وَٹہٕ اَتھ افسانس منٛز درینٛٹھی

چھےٚ گژھان ۔

سرد راتھ، ٹورسٹ کمرس منز ترے مُسافر، وَتہِ پیٹھ رُکیتھ مسافر بس تہٕ بسہِ ہُند ڈرائیور۔ یہِ چھےٚ افسانُک فضابندی تہٕ ماحول مگر اصل پیش منظر چھُ صرف شیشہِ پتھٕ روٗستے کمر، سرد راتھ تہٕ ترے کردار بیٚیہِ سرد راتہٕ متعلق کِرداراتن ہُند ردِ عمل۔ یمو ترٛیو ردِ عملو منزٕ تہِ چھُ مرکزی کردار یعنی متکلم سُند ذاتی ردِ عمل زیادٕ اہمیت تھاوان۔ تکیازِ پوٗرٕ افسانہٕ چھُ اُمی سُندِ نقطۂ نگاہ (POINT OF VIEW)

رِکنہٕ پیش کرنہٕ آمُت۔ افسانس منز چھےٚ ہٕ سامی جیس تہٕ مکھنس درمیان کانٛہہ کتھ باتھ نظرِ گژھان تکیازِ مکھنُن خیال چھُ یہِ آسان کہ اگر سامی جین رام بتہٕ اوٚڈ گنٹہٕ ضایع آسہِ ہانہٕ کوٚرمُت تمِ آسہِ ہان سڑک بیٚیہِ خراب گژھنہٕ برونٛہہ بانہالہِ اپور ترٛی ہتی۔ تہٕ آرامہٕ سان گرِ واتی ہتی۔ مکھنس اوس پوٗرٕ پاٹھی بہتھ کہ یہِ ہُندِ مُصیبتُک بُنیادی وجہ چھُ سامی جی چنانچہِ مکھنہٕ چھُ سامی جیس متعلق پننہِ ناراضگی ہُند اظہار متکلمس نِش یمِن لفظن منز کران۔

"کتھ لگِس تیٚر بگوانن ہے چھُ ویوٚٹھ پوٚٹھ بنوومُت۔ یِہ بس چھا تیٚر پوٚران" مکھنہٕ چھُ افسانس منز اکھ عملی (PRAGMATIC) سوچ نمائندگی کران۔ سُہ چھُنہٕ سردی متعلق کانٛہہ لب کُشائی کران بلکہ موجودٕ حالاتن ہُند مقابلہ کرِتھ کلہٕ پیٚٹھی کمل ڈلِتھ شونگنچ کوشش

کران سُہ چھُ پننہِ تکلیفُک ذمہ دار تہِ، طوُفانہ تہ روٗد بجایہ ڈرائیور
ہندِ خود غرضی، سامی جینیٔ تساہُل پسندی تہ سوارین ہنٛز بزدلی قرار
دِوان۔ تمی ہندِس سونچس، اظہارس تہ لہجس منٛز چھُ اعتماد تہ یقین۔
سُہ اوس موسمچ تہ وتہ ہنٛز غار یقینی صوٗرتحال پیٹھ کُن ترأوِتھ بننس
منٛز بسَ کُن یوٗت پلہِ تیوٗت جلد تکِن یرِتھان۔ بقولِ متکلم۔

"باہہالہِ وأتِتھ ییلہِ ڈرائیورن ووٗن زِ راتس روزو
ییٚتی۔ مےٚ کھٔنے اوس سُہ واحد نفر ییمی اَتھ مخالفت کٔر۔
تمی کوٚر ڈرائیورس سیٹھاہ زور زِ سُہ گڈِن بس۔
راتھ کِتھے سہی کُنہِ ٹھکانس تہ واتو مگر ڈرائیورن
آو وُٹھہِ۔ ہرگاہ اَسہِ تہ آسہا مےٚ کھٔنۍ لُکھ روٚٹمت
ممکن چھُ ڈرائیور ما آسہِ ہا بسَ کڈنس پیٹھ مجبوٗر گومت
مگر اَسہِ آس زِ تھو پہ کرمٕژ۔"

مےٚ کھٔنس اوس پتاہ کہ ڈرائیورن کیازِ رُکاو باہہالہِ بسَ موسم
خراب آسُن اوس ڈرائیورن محض اکھ بہانہ بنومُت۔ بقولِ مےٚ کھٔنہ
تمس ترٛاوِ لیٚج۔ تس اوس سوارین ہندِ آرامہ کھوتہ پننس مفادس
سیتی غرض۔ مےٚ کھٔنہ چھُ اَمہِ کتھِ ہُند اظہار اعتمادٕ سان یِمن لفظن
منٛز کران۔

"حقیقت چھنے یہ زِ اَسی چھنے گیہ ... خبر چھیہ
زِ ڈرائیور کیاز روزہ راتس ییہ۔ تس ترِ ہا ییچ۔ سُہ
کماوِہا ہے۔ اَسہ گرٔ ہی تن تیہ ستی ٹکر۔ تس چھ پننِ یونسس
ستی مطلب، سُہ کرِ عاشِ۔ مگر افسوس اَسی ہیکو نہ تس
کہیں کرِتھ۔"

مکھہ نِس اَتھ کلاسس منز چھ تُہُند اعتماد تہ یقین تہ امی
اعتبارِ چھ تمی سُندِ ین یمن ژھوٹِین جملن منز افعالن (VERBS)
ہنز غار مذبذب کیفیت لبنہ یوان۔ اَتھ صورتحالس منز چھ مکھہ نِس
آواز الگ تہ بدٕ ون سو آواز یوسہ وقتس ستی ہم آہنگ روزنس
تہ پننِس سوچس پیٹھ یقین تھاوُن چھُ ہیچھناوان۔

سامی جی ییمہ سُند ذکر گوڈے کرنہ آو چھ ییمہ افسانک بیاکھ
کردار۔ متکلمہ سُند مکھنس تہ سامی جیس ستی تکلمی ارتباط
(CONVERSATIONAL FAMILARITY) چھ الگ الگ ندائی کلمن
(VOCATIVES) ہُند حامل۔ ییتہ مکھنس ستی متکلمن طرز تخاطب
یگانگتک باس چھ دِوان تہ چھ سامی جیس ستی اُمی ہنز ہم کلامی
ہندِس طریقس منز عزت تہ احترام حالانکہ دوشوِنی ستی چھ متکلمن
یہ گوڈنیک ملاقات آسان یا انگریزی پاٹھی ENCOUNTER وٕنی توس

سامی جی چھ افسانس منز ماضی پسندی، روحانیت تہٕ رجائی نقطہ نظر پژ عکاسی کران۔

متکلم سٕند سامی جیس ستۍ تکلمی برتاو چھ کم از کم امچہٕ عکاسی کران۔ سامی جینۍ اتھ سرٕ دی منز کوٹھین پیٹھ کمل ہٮ۪تھ پوتھی پرٕ نۍ تہٕ چھ یہ ہاوان۔ متکلم ییلہٕ تمس وٕ دہ دٕ ہنہٕ انداز وٕنان چھ کہ "یہ تٕر، یہ انہٕ گٹہٕ، یہ رۄد، یہ طوفان۔ أسی ما گرٕ ھو ییتۍ نس وٕٹھِ سون موت ما چھ یتھے پاٹھی لیکھتھ"۔ سامی جی چھ پوتھی جوس منز تھاوان تہٕ اَمہٕ منز اکھ موم بتہٕ ٹکرا کڈان تہٕ یہ زالان ییمہٕ ستۍ کمرس منز سۄت سۄت گاش چھ پھہلان۔ انہٕ گٹہٕ منز موم بتۍ زالنۍ تہٕ سۄت سۄت گاش پھہلُن چھ اُمید تہٕ رجائی اندازِ فکرٕ ہنز۔ دلیل۔ تمۍ سٕند یہ ونُن کہ راتھ، یہ انہٕ گٹہٕ یہ تٕر یہ سورُے چھ سۄپنہٕ وغاٰرٕ چھ اَتھ ماحولس منز یقیناً رجائی اندازِ فکرٕ ہٕند غماز۔ افسانہٕ کس مرکزی کردارس یمو کتھو ستۍ تسلی دِتھ چھ سامی جی کھور ن گرٕ گا بِی لاگتھ ٹبرٕ نیران تہٕ افسانہٕ اند واتنس تام چھنہٕ کنہٕ نوۍ نے گرٕ ھان۔

تٕر، رۄد، انہٕ گٹہٕ تہٕ طوفانکس اَتھ افسانوی ماحولس منز یُس کِردار ذہنی تہٕ جسمانی طور پورٕ پاٹھی ہیبتہٕ چھ آمُت سُہ چھ اَمیک مرکزی کِردار تہٕ ییمۍ سُند سوچ، عمل تہٕ ردِ عمل افسانکس تعمیرس منز بُنیادی رول چھ ادا کران۔ یہ کِردار چھ شک، غیر یقینیت، عدم تحفظ تنہائی تہٕ وہمک شکار۔ یہ چھ گوڈنچہٕ لٹہٕ کینژ نوو تجربو منز تہٕ

گزران مثلاً کُس چھُ گوڈنچہ لٹہِ اکھ پہاڑ وُچھان وُستھ یوان۔ ہا بتھ ناک گگراے بوزان پتہِ وُستھ ینہ وُچھان۔ تتھ ہا بتھ ناک منظرس منز۔ پتہِ نفسیاتی سہارِ خاطرِ چھُ سُہ گرا کمھنس قریب یوان تہٕ گرا سامی جیس کُن رجوٗع کران۔ گرا کمھنہٕ ہتہٕ ن کتھن پیٹھ یروسہ کران تہٕ گرا سامی جی نین خابن تہٕ سوپنن نش دلاسہ رٹان۔ اَمی ہتہٕ ہر کتھِ منز چھُ شک تہٕ احتمال، بے یقینی تہٕ عدم تحفظ دِرینٹھ گژھان چنانچہِ اَمی ہندین اکثر جملن منز چھُ اگر، مگر، ہرگاہ، شاید، ممکن، یوزِ وے آسہِ ہا، ما آسہِ ہا وغارٕ لفظن تہٕ کلمن ہُند لوتر تہٕ گو بر لبنہٕ یوان، افسانک یہ کردار چھُ اپُز تہٕ پوٚز، حقیقت تہٕ خواب، وہم تہٕ یقینہٕ کِس اَکِس گرداپس منز ہیپنہٕ آمُت یوٚہے وجہ چھُ کہ سُہ چھُ اکِہ وقتہٕ دَزوُن سگریٹ کھورِ نز لاگان۔ تس چھُ توت باسان مگر ستی ونان باسہٕ ستی کیاہ گو۔ بأستھ ہیکہِ کیہنہ تہٕ آبی ہیکہِ خوشکی بأستھ تہٕ خوشکی آبی۔ یہِ باسان چھُ، ضروری چھُنہٕ زِ حقیقت آسہِ تی۔

خوف کہ اَمہِ ماحولہٕ نش نیبر نیرنہٕ تہٕ پانس دِلاسہ یا پانس اندر خود اعتمادی پادِ کرنہٕ خاطرِ چھُ سُہ منز یتھو جملو ستی تسلی حاصل کرنٕچ کوشش کران۔

۱. دیان بگوان یہ کران تہٕ چھ جانٕہ کران۔

۲. دراصل چھُنہٕ خوف انسانس أندٕ ٹکھی آسان۔ سُہ چھُ تِہندِس متس منز آسان۔ ضرورت چھےٚ یہِ زِ اُسی تھووِ پنُن مَن ڈٲنجہِ۔

مگر اَمہِ باوجوٗد چھُ ستی اُمی سندِس دِلس منز وہمہٕ تہٕ بےقراری بنیہِ پاد گژھان یِیلہِ سوم تہٕ واوِ ذکہٕ ستیٚ ژھیتہٕ چھےٚ گژھان۔ اَمہِ پتھ چھُ یہِ وار وار پنُن پان SELF مرکز بناوان تہٕ اَمہِ حوالہٕ اکھ سیاق CONTEXT تشکیل دِوان یتھ منز اُمس پنُن پان کُنے زٕ وٗن چھُ باسان تہٕ أندٕ ٹکھی صرف اَنہٕ گٹہٕ، تیر، روٗد، ژھهٹھ تہٕ ترٛنیار آسان۔ اُمس چھےٚ اکہِ طرفہٕ مکھنتی کتھ بروٚنہہ کُن یِوان کہ حقیقت چھےٚ یہِ زِ اُسی چھ گبہٕ تہٕ دوٚیمہِ طرفہٕ سامی چھُن یہ وٗنُن کہ یہِ سورُے چھُ خواب یِیلہِ اُسی صبحس ہُشار گژھو نہٕ روزِن یم بال کُنہ نہٕ یہِ روٗد۔ نہٕ یہِ ژھهٹھ کُنہٕ تہٕ یہ تیر۔ ششِ وپنج کِس اَتھ ماحولس منز چھُ پانس ستی ونان "صبحس تام چھُ وُنہِ خبر کوتاہ کال" یہِ وُنہٕ چھُ یہِ ٹایم لیسنیسک (TIMELESSNESS) اظہار کران۔ اُمس چھُ باسان کہ اُمی سِنزٕ پریشانین چھُنہٕ فی الحال کانہہ اَنٛد بوٚر۔ حقیقت چھےٚ یہِ کہ حالس چھُ روتُل، حالس چھےٚ اَنہٕ گٹہٕ، حالس

پھِٹے تر۔ اَتھ تر منز چھُ یہِ کُنُے زوٗن۔ اَتھ سیاقس منز چھُ مکھنہٕ
تہٕ سامی جی ووٚنی آمی سٕندِ خاطرٕ "ہُم" Third person بنان تہٕ مکھنٕی
تر، اَنہِ گٹہٕ وناگارٕ زیادٕ قریب باسان۔ مکھنُن تہٕ سامی جی ینِ
کُنھ چھُ ووٚنی 'اکھ' تہٕ بٔینس کرِتھ ییتھ کٕنٕ کران۔

" ہُمو دویو منز چھُم اکھ کلہٕ تلہٕ کمل ہیتھ روٗشتھ ہیتھ تہٕ
بٔینِس پھِٹے تہٕ ترے لگان"۔

" ہُمو تہِ چھُم" الفاظ استعمال کرِتھ چھُ یہِ یمن ستہِ دوٗر رٕ یادٕ
کرنہٕ یا وجوٗد اکہ خاص تعلقُک اظہار کران۔ مکھنس ستہِ روٗشتھ لفظ
استعمال کرِتھ چھُ تمِس ستہِ زیادٕ ہیٚن بے تکلفی تہٕ قرابت داری
ہُند تعلق ہاوان۔ دوٗررک تہٕ نزدیکی ہُند یہِ احساس چھُ عجیب
کیفیت یادٕ کران۔ افسانہٕ کِس اختتامیہ منز یوسہٕ افسانویت
(FICTIONALITY) برونہہ کُن پھِٹے یوان سو چھُ سیٹھاہ متاثر
کران۔ افسانُک اختتام چھُ یہِ جُملہٕ

" سُہ چھُنہٕ وُنہِ تہِ نیٚبر اژان"

سوال چھُ ووتلان اگر نیٚبری بِتہِ اَنہ گٹہٕ، شیٖنہٕ ژھٹھ، روٗد
گگراے، طوٗفان تہٕ کٹھ کار چھُ تیٚلہِ کیا چھُ سامی جی ییتِس کاٗلس اَتہٕ
کران، سُہ ما چھُ کانہہ فوق البشر کردار یا ما چھُ کُنہِ روٗحانی طاقتُک

مٲلک یِمَس پٮ۪ٹھ یِمو سماوی بلایَو ہُند کانٛہہ اثر چھُ پیوان نَتہٕ ما چھُ
کُنہِ جایہِ یِمَو آسمٲنی بلایَن ہُند شکار سپدمُت۔ افسانُک یہِ
اِختتام چھُ یِمَن سارِنٕے تفہیمی امکاناتَن زیرِ دِوان تہٕ اکھ دیرپا
اثر قٲیِم کران تہٕ بیٚیہِ زبان پٮ۪ٹھہِ FICTIONALITY یعنی افسانوِیتُک
زال وہراوان۔

# اختر محی الدینٕن افسانہٕ



گلشن مجید

دنیا چھُ رنگہٕ رنگہٕ چیزو مۄتہٕ ژٔلیتھ۔ ڈُیوکُنہٕ ما چھِنہٕ کانٛہہ خٲلی جایہِ رٲژھا۔ بالکل نہٕ جاے تہٕ ڈیٛتھ گوو space چھِنہٕ بس اکھ بناوٹ یوسہٕ نتیجہٕ چھِنہٕ لِسٲنی جسمٲنی، دماغی ورزش یا علمہِ ہنرٕ۔ وۄنۍ گوو خٲلی جایہِ ہُند یا نہٕ ہیکہٕ خوف (Empty space) یا وہم رۄد لگاتار انسانس اَندری کوٗراں تہٕ سۄ مُژانان تہٕ اَمِس تہٕ اُمی بندین سماجی، اقتصٲدی، سیٲسی تہٕ مذہبی سارنٕے ادارن ہندِس تعمیرس منز تہٕ موجوٗد تہٕ اَمہٕ پتہٕ یمن حبہٕ وبراوان تہٕ منگہٕ ڈالان (لگر شِنہٕ یہنک خوف چھُ یوت جاوی زِ انسان رۄد لگاتارہِ تھس نہٕ آسنس آنگہٕ وان تہٕ یوٗز تہٕ کران۔)

نہٕ آیہ خٲلی جاے چھِنہٕ چھین جاے تمی ہنزِ یس تہٕ بہ چھس۔

یہِ چھُ اکھ تیُتھ خطرٕ یتھ یتھ کانہہ بُتھ چھُ نہٕ تھر۔ سائنس، سماجی قدر اقتصادی ادارٕ تہٕ مذہبی نظام وُتلیہ اَمی خاطرٕ جایہ ہنز بیش بندی کنی۔ یُس نہٕ بہ چھُس تمُس کانہہ جاے موہٕکہ نہٕ تھاوتہٕ باپتھ۔

ژس، وانجہِ منز پیچ، متی کتھ، توتن کھامون، ژے

چھکہٕ زٕے چھکھ۔ حبہٕ صابؔ تہٕ اکھتے اُکس بییس سوتھ رس پیٹھ، ڈرِ یایہِ ہُند یزار تہٕ چھُ اَمی نہٕ ہکہٕ خوفُک۔ یُس نہٕ بہ چھُس تِہُندِ

خطرُکہِ احساسُک افسانہٕ۔

مثلن اخترؔ چھُ پانہٕ لیکھان (افسانس متعلق کیہنہٕ کتھ ۱۹۵۵ء)

"یاشیٹھ وُرِ شہِ بُجہِ چھُ پننِ مہرنہٕ تون کانسہِ ہُندِ ڈرِ یایہِ ہُندِ یزار ستی یاد پیوان تہٕ سو کیاہ چھے تمہِ ساعتہٕ سونچان . . . ."

(نہٕ ہکہٕ خوفکہ حِسہٕ ولسراول احساسہٕ علاوٕ چھِ) چیز وستی ژٕلیتھ یتھ دُنیہس ستی انسانُن رنگہٕ رنگہٕ رشتہٕ۔ یمن رشتن ہنز نوعیت چھے چیز چہ پننہِ ماہتر کنی نہٕ بلکہ انسانہٕ سند لو پننو دا اَیر متیو ضرور تو کنی بدلان روزان۔ یتھ پاٹھی مے ابل وونے وون ز space چھے کایناتس منز جارٕی عملُک ہُند نتیجہ۔ یتھ منز انسان ہنز جسمانی تہٕ دماغی عمل تہٕ چھے۔ لہٰذا چھِ مادی، تمام مادی چیز لگاتار ووپدان روزان۔ یمن چیزن ہنز دستیابی چھے سانین

ضرورژن اُکساوان تہٕ مقرر کران تہٕ انسان چھُ چیزن ہنٛز دستیابی تہٕ عدم دستیابی تابین سپدِتھ ضرورژن ہندِس زالس پھسان۔

ضرورژن ہندِس اتھی زالس پھسِتھ چھُ اختر افسانچہٕ سماجی یا سیاسی لگہٕ ہاری ہنٛز کتھ کران۔ تِہنٛد بوابتدائی افسانو پونڈرِچ (اردو زبانی منز) دندوزن پیٹھ برابر تِہنٛدِ بن نمہٕ کس ڈھلس منز لیکھنہٕ آمتین جیبی افسانن تام رودی اُمی ہندی تخلیق کری متی کردار خارجی حالتن منز ہینہٕ آمتین ہنٛز نمایندگی کران۔ اُکس سیاسی، سماجی پسِ منظرس بروٚنہہ کنہٕ پتِنہٕ آسنک برزم ہیتھ (تہٕ نہٕ آسنہٕ کہ بیمہٕ)۔

دندوزن چھُ اندکُن بیمتین لوٚکن ہُند دوٗر بیتہٕ منٛزی یا "غبی خرقہٕ وُلِتھ" وُچھنہٕ آمُت حال۔ اَتھ منز چھُ موضوٗع تہٕ معروضنگ ژھبن ٹاکارہٕ۔ اختر چھُ کردارن ہنٛز عملٕ ستی افسانس تہٕ افسانہٕ کِس قارئس (بوزکس) دوہ شونی کاپہٕ ژٹھ یمن یکہٕ واٹھ کرِتھ تھاوان۔

یہٕ چھُ پزرزِ کاشرس افسانس منز چھُ قاری (بوزکھ) خال خالے پنُن آسُن، خود مختار وجوٗد بچاوِتھ ہیکان۔ اختر تہٕ چھُ تمِ ساری حربہٕ ورتاوان مثلن زبانی ہندی سہٕ چھُ زبانی ستی ووتلاوتہٕ آمتو جذبٔی تہٕ جذباتی ولوستی بوزکس یِر والان۔ لہاذا چھُ معنین ہُند طلسم شاپھس تلِے روزان۔ اُمی سُند کردار چھُ اُکس تِھس سفرس

منز آوری یتھ منز کردارن ہنز شخصیت دوہ دِن کین مسلن منز ہینہ یتھ کاڈلبان چھِ۔ عام پاٹھی چھےٚ (کیہنہ وۍچھ پوچھ مثالہ تراوِتھ) یہ سارۍ عمل کردارن ہندِس ذہنس منزۍ پوٚر سیدان۔ تِہنز جسمانی بے عملہ تہٕ ذہنی عملہ درمیان کشمکش چھےٚ اُمس کردارن ہنز ذہنی کیفیتھ تمن خارجی ضرورژن تابین روزان یم اختر ہنز لگہ ہارۍ ہندِس اصولس ستۍ آشناوِتھ چھِ۔ اُسی ہیکو کھوٚژی صحیح یہ ونِتھ ضرورُتھ زِ اختر نہ پننہٕ دلچسپیہ، تِہنز زبانۍ ستۍ، ماحولس ستۍ تہٕ مروجہ تصورن ستۍ رشتہٕ چھِ نامعلوم تہٕ بے شوٚنگی پاٹھی نہٕ بلکہ دیدٕن پاٹھی تِہندین کردارن ہنز دلچسپیہ تہٕ رشتہٕ بنان۔ اَوے چھِ یتھی ہوی کردار زِن تہٕ اختر سندی ہمزاد۔ کینژو گوڈنکٲلی افسانو ورٲے روٗدی اختر سندی افسانہٕ تِہنز پننہٕ سماجی زندگی اَندرۍ ژینہ تہٕ پرگی ہنز روٗداد۔ یم چھِ زنتہٕ عصری تہذیب کیو بازرو منز بی تِہنز آوارگی نما جستجو۔ جستجو یمیک اختتام مزید ناآسودگی تہٕ مزید جستجو، بدلہ اخترس ژبڈ ژلنگ احساس ہیوٚ بخشان اوس۔ اختر سندین افسانن منز چھ کردار پننہٕ عملہٕ پیٹھ اکھ واقعاتی تِہندِس بخشنہٕ باپتھ پوٚت نظر (ہش) تراوان۔ کردارن ہنز یہ پوٚت نظر تراونی چھےٚ نہ صرف عملہٕ منز ژھوٚر تہٕ پرگی ہُند احساس

وٙتلاوان بلکہ چھ کِرداروس منٛز روایتی لطافژٕ تہٕ ضرورتن ہنٛدس ناوس پیٹھ کھوچر تہٕ یادٕ کران ۔ یۄدوٚے یِم کردار پننہِ عملہٕ ہنٛدی وجہ تہٕ علت ژھارنس منٛز پتھ روزن (مثلن ژٕس یا ژٕے چھکھ ژٕے چھکھ ۔ اتھ سلسلس منٛز ہیٚکن میانۍ یوزکھ رتن لال شانت صابٕن مضموٗن افسانہٕ تہٕ حکایت: سہل تر سلیک سوال صفہ ۱۱ ۔ کاشُر افسانہٕ از تہٕ پگاہ زیرِ نظر تھاوِتھ ) اختر چھُ لوٗتی پاٹھۍ پانہٕ یِمن کردارن تسلسل تہٕ یِہنٛز عملہ کانہہ معتبر درجہ دِتھ یا پتھ یِہنٛز وضاحت کران تہٕ یِمن کردارن پننٛز مخصوٗص نظر بخشان ۔

اختر سندین افسانن منٛز چھےٚ اکہِ ترٛتھ حقیقچ تلاش یوٚس انسان سندِ اندروٗن پیٹھ وٙتلتھ خارجی ٹکلین اوٚیزان گڑھان چھےٚ ۔ یِم کِردار چھِ مصنف سنٛز خاہشہِ ہنٛد نمایندٕ ۔ کِردار سنٛز عمل تہٕ کردار سند برتاو ، یہٕ سورُے چھُ مینتھ تہٕ توٗلتھ ۔

اگرچہ کُنہِ کُنہِ اخترن کیہنہ تھٕی ول تہٕ ورتاوی یِمہٕ سِتۍ کردار سند اندریُم دُنیا ۔ اُمی سندِ اندرمہِ دُنیہکۍ مسلہٕ وٗتی راوٕنہٕ یوان چھِ مگر کلہم پاٹھۍ روٗد اختر خارجی دُنیہچ پرگی ژٕرژان ۔ امکےٚ دود تہٕ تردُد ہیتھ ۔

"جَلہٕ ہندی دَندٕ ہِلی" افسانہٕ چھ تمہٕ اکہٕ ژیٹھک ژینہٕ حِس (تجربہٕ) یتھ منز۔ تمہٕ سٕڑکہٕ پیٹھ اُنی کھلہٕ جلہٕ ہندی دَندٕ ہِلی ژھاران چھُ۔ باقی سوٗرے بیان چھ امہٕ تجربُک "کیازِ؟"۔ یعنی اکہٕ متوقع سوالٕچ وضاحت۔ افسانہٕ نگار سنز۔ کاٚریگری ہُند "وونُن" (فعل) تہٕ لوٚتاہ افسانہٕ نگار کاٚریگر آسہٕ تیٚژاہ روزِ وضاحژ منز۔ مانٛین ہندِ گنجارِچ (پھیوٚلنچ) گنجایش۔ تجربہٕ چھُ بجاے خوٗد اکھ انتہاٰیی ذاتی دَگ۔ بےناو تہٕ بے صورت۔ افسانہٕ نگار چھُ اتھ تجربس کینژن شرطن ہُند تابع کرِتھ تہٕ کرِتھ ژٕھتھ ؤنی راون یژھان۔ جل چھے تمہٕ نٛین خوابن تہٕ یژھاین۔ ہنز ورِۍ صوٗرت۔ تمہٕ سٕاری وٲنسہٕ ہنز بے صوٗرتی ہنز صوٗرت۔ جلہٕ ہُند مارِ گرٕ ژھن چھُ تمہٕ نِس سٲرِسے آستس پھیش۔ مکتی ساٚرے دگ تہٕ امہٕ دگہٕ ہنز متوقع باکھ چھے جلہٕ ہندِ ن داندٕ ہِلین ہنز ژھارُن۔ ہیرِ کنہٕ درج جُملہٕ چھِ ہراوو آسی (رژھایدِ لاوِتھ) بیٚیہٕ۔

افسانہٕ چھُ ژھاٚرِ ہند کیازِ؟" ژھاٚر چھے کمی ہُند ظوٗن۔ اکھ وِرژھے ییمیک آسن چیزن ستۍ سانٛین رشتن ہنز۔ نوعیت مقرر کران چھُ تہٕ یم چیز چھ سانہٕ وِرژھیہ ہندی تھوٚ بنان۔ جل چھے اکھ سو تھوٚ یتھ اندی اُندی تمہٕ یژھایہٕ پھولنہٕ لگان چھے، یعنی جلہٕ ہُند وجوٗد چھُ تمہٕ یژھایہٕ ہُند وجوٗد اُمی سندِ ن سٲرِنے ژھرِن ہُند برزرٕ۔

اُمِہِنٛز شخصیژ ہنٛز ظاہری صوٗرت ۔ جلہ ہُند مرن چھُ تمٕیُن المیہ ۔
اُمی سٕنٛز کلہم شخصیژ ہُند چھلہ چھلہ گژھن ۔ جلہ بیش ینہٕ والہ حادثچ
نوعیت چھنے صرف افسانہٕ پرٛن وٲلس (یا بوزکس) تس اکہ ویٚنز
صوٗرتِ حالہ ستی ڈلیتھ تھاونٕی ضروٗری تہٕ افسانہٕ بایتھ کار آمد جذبات
ووتلاونی ۔ ووٗنی گوو لفظن تہٕ سونچہ پدن ہُند باہمی تسلسل ہیکہ پرٛن
وٲلس (تہٕ بوزکس) افسانہٕ کس پسِ منظرس منٛز ووتلن واجہ سیاسی
بے معنویژ منٛز ۔ ہیتہٕ آمژ زندگی اکہ عذابہ ژنگی تہٕ ہاوِتھ تہٕ مُروجہ
سیاستس مقابلہ پان کھوکھر آسنک احساس تہٕ ووتلاوِتھ ۔ مگر یتھ پاٹھی
راوِ ہنگہ منگہ تہٕ تمٕیُن ذاتی عذاب (مگر ذات لگہ آفاقیژ ہنٛز برکر ۔)

اخر صابن چھہ افسانکی ساری کوٚن یلہ تراوی مِتی ۔ پرٛن وٲلی
ہند بایتھ ہیکہ مگہ سیاست چہ برکرِ لگی مِتہ کاشُر قومُچ تہٕ علامت
آسنہ پُس "جلہ ہتدِن دند ہلبن" ژھاران چھُ ۔ ۔ ۔ ۔ ۔ یامِ سورُے
راورِتھ ووٗنی سوٗرس ژاگی دِوان چھُ ۔ یامِ پننہٕ کلہم شناخژ ہتدس
تلاشس منٛز ۔ کینہ رسمی علامژ پننہٕ شناخت مازان چھِ تہٕ پان فنداوان
چھُ ۔

اُتھی پننہٕ شناخژ ہنٛز ژھانٛڈ منٛز ۔ چھُ ژٕ ے ژھکھ ۔ ژٕ ے چھُکھ
افسانک بہ یعنی راوی تہٕ ۔ یس پتین کاروباری رشتن منٛز ۔ آؤر

روزِتھ پننی صوٗرتھے مشان چھے۔ یس یہٕ "فاصلے" راوان چھُ زِ سہٕ چھا
کنہٕ اندیمہٕ کہانی ہُند انت کِنہٕ کُنہٕ شروع گرٛژھن واجنہٕ کہانی ہند تمہید۔
سُہ چھا کہانی ہُند مرکزی کردار (حرکژ ہُند بُنیادی محرک) کِنہٕ مرکزی
کِردارس بھٔولہِ دِنہٕ آمُت کائنسہِ ہُند قوربانہٕ کٲٹھ۔ سُہ چھُ نیستی تہٕ
ہم ہستی درمیان بے مطلب ہیوٗ روٗزِ۔ "ژرے چھکھ ژرے چھکھ" افسانہٕ
چھُ اختر نِہند لوٗتموکینہٕ واَفسانوٗ منز۔ اکھ افسانہٕ یتھ منز اصل کتھ پننی سایہٕ
تیہ ہیتھ دِنہٕ آمٕتین لفظن درمیان چھے۔ افسانک معنے چھُ افسانہٕ
پرَن واَلی ہندِس ردِعملس منز۔ نہ زِ راوی ہندِس وقتس منز۔ راوی
چھُ چھرا "ہاوکھ"۔ اختر چھ وننچ ترے تہٕ دگ تمہٕ آیہِ رٹان زِ افسانکُ
"بوزکھ" یا پرَن وول چھُ امہِ کِسِ مرکزس منز۔ واتان یہِ چھُ بوٗزِ زِ افسانہٕ
(تہٕ ڈیچھ گوو کاتھہ تہٕ افسانہٕ) چھُنہٕ صرف کتھ (دلیل) کتھ باتھ (مکالمہ)
یا کتھ کتھ (دعوا تہٕ دلیل)۔ افسانہٕ چھُ تتھ یسِ منظرس منز (تہٕ اکھتے تتھی
منز) یتھمیک یہِ سورُے "ونت" (بیان!) معروضی اظہار چھُ۔ تخلیق
چھے ہمیشہ کنہٕ تتھِ تجربچ باوتھ آسان یس اکائنسہٕ تہٕ تجربہ سیدن واَلی
ہندِ باپتھ) اَچھو چھُ تہٕ خوابکِ یا بُڈکِ کنہٕ ژھلیہ تہٕ موچھِ منز۔ (یعنی وننس
منز) لیوان چھنہٕ۔ اَتھ تجربس نکھ روزنہٕ باپتھ چھُ تخلیق کار واریاہ وُل
ورتاوان۔

اختر چھُ یتھ افسانس منز۔ نم وٕد ہتر۔ تمثیلہٕ رٔنگی پننین متضاد کیفیژن
ہتر۔ باوتھ کرنٕچ کوشش کران۔ افسانک "بہ" چھُنہٕ کانہہ تہٕ اقداری فاصلہ
کران۔ سُہ چھُ فقط اَکس شاعر سندی پاٹھی "پیکر" گران۔ اکھتے چھُ سُہ
زنہٕ اَتھ پتہٕ حالتس اکھ گیُدُن بناوان یعنے سُہ چھُ پننین متضاد کیفیژن
پیتہٕ تگن گری ہُند "جوہر" بناوان۔ نہ چھُ کُنہٕ (کردہ یا ناکردہ) گونہٕک
احساسے تہٕ نہ پتہٕ موجوٗد کیفیژ منز۔ آسنک کنہٕ (لاگتھ ژٔرِ برتھ؟) عذابُک
احساس۔ افسانس نسبت چھےٚ پرٚن والی ہتر۔ آزادی (کانہہ خود مختار
فاصلہ کرنٕچ قوت) تہٕ مشکوک۔ پرٚن وٲلس چھنہٕ راٰوی ہتر تگن گری
خطاپنچ قوت) ییلے تراوان۔ افسانہ نگار چھُ اَس (بوزکس / پرٚن وٲلس)
موچھہ پھلس پیٹھ والہ واتہٕ لاگان۔ راوی چھُ دوٚن سپدیمتین (دونوے
چھِ پتھ کالس منز) تجربن درمیان معلق شک۔ افسانہ چھُ ژکہ اکھ بحث۔
اکہ طرفہ چھُ راوی سندی حس (جبلتہ) تہٕ دوٚیمہ پاسہ عقل (منطق)۔ باسان
چھُ راوی آسہ ہے معصوم پاٹھی تہٕ بےشونکی پاٹھی اُکس خاص برمس منز۔
پتہٕ اُمی سُندرے راجاتا جا آسہے تس آسہے تنیس کرنس پیٹھ، تنیس تگنس پیٹھ
پرتھ تہٕ تھفِ تس آسہے فقط "بہ تہٕ بے" باسان۔ مگر ووتی چھُس تگن حاوی۔
پیمہٕ کنہ گوڈنیک برم پھٹس۔ مگر دوٚیم برم گوس تیتھ اگادہ زنہٕ صرف
روٗزہس گوڈنکہ برمٕچ ہانتہ اَتی بلکہ آیس نوٚژ ولہ ووتلتھ پتھ ہم۔اد ہیتھ

وونی چھُس "ژٔرے تہٕ ژٔرے" بہٕ نہٕ کُنہٕ ۔ مگر افسانہٕ ؟ وَنتہٕ کس زاوِی جارُس
ؤلِتھ (مزید اکس بھس براروُن ۔ اردو پاٹھی (ایک آنچ کی ضرورت؟)
اخترٕ بنن افسانن منز چھ عام لوکھ ۔ ویدی تہٕ کالہ کاجہٕ نکھ پکہٕ وٲنی ۔ یہندین
رِشتن تہٕ یہندٕ ن یژھاین ہنز ۔ نوعیت تہٕ چھے عمومی تہٕ ویز ۔ مگر یمہٕ آیہٕ
تہٕ یمہٕ تگنگری سۭتؠ اختر بعضے یمن کنہٕ تمثیل ہندِس پوٚت منظرس منز وۄتلاوان
چھُ سُہ چھ یمن رِشتن تہٕ یمن کردارن ہنز ن سونچن تراین ٹنگے اُلہٕ راوان ۔
تہٕ یہنز عملہٕ ہند تضاد تہٕ رِشتن ہُند مشروط آسُن ژٕنہٕ راوان ۔ "پرالب"
تہٕ "توتن کھامون" ہِوین افسانن منز چھے تمثیل کردارن ہنز ملے عملی عملہٕ
ہُند اظہار تہٕ واقعاتی وسجار تجتشان ۔ بیٚیہِ واُلی کلامہٕ افسانس منز تہٕ ہیکہٕ ہے
دوٚیمِس کردارس ہنز ۔ دلیل تمثیلہٕ ہنز ۔ کام کرِتھ یوٚدوے تمہٕ راوی ہندِس
بیانس سۭتؠ کانہہ سیوٚد یا ورگہٕ رشتہٕ آسہے ۔ مگر یہ چھُ ہنگہٕ منگہٕ تمہید ہیوٚ ۔
جایہٕ ہند ، زبانی ہُند ، زمانن ہُند ناو تہٕ ہیتھ بٔلی سرسا وِی فضا یا کتھہِ ہنز
آفاقیت قایم کرنچ کوٗشش ۔ بیٚٹھ چھُنہٕ اکھ منز ۔ اخترٕنہٕ زبانی ہُند میچھر
تہٕ ۔ یہ بٔلی تمہید چھُ "ہتک" افسانس منز تہٕ مگر اتہٕ چھُ یہ کینژہاہ ۔ یمہٕ
موجوٗب وٕ بژن لایق ز علی بلس چھ اکھ پتھ کال ( یعنی تواریخ) میلان
زِ آخر علی بلہٕ کیا ز تہٕ کمی بنوو علی بلہٕ ۔ حالانکہ یوزدے تہٕ اتھ کتھ چھنہٕ کہنہٕ
"افسانوی گنڈ" قیمتھ یا وقعت باقے دلیلہٕ سۭتؠ ییتہٕ علی بلہٕ صرف اکھ بہانہٕ

یا اکھ "کیازِ ؟" چھُ رحمان وانہٕ آشنہٕ تہٕ پوشہٕ کجہٕ ہنٛدِس رشتس منٛز۔

اخترٕ ہنٛدین افسانن منٛز چھِ کردار واریاہ کٕھل، کأنٛگی تہٕ تقریر باز۔ مثلن: ،ژرس، مٔتی کیتھ تہٕ دندوزن افسانن منٛز۔ یِم کردار چھِ کانٛہہ گلہِ زِہو گرٛتھ حصہٕ باوجوٗد زنتہٕ کُنہِ بِیار ریہرسل، سپدیمتہِ پأتھرکین کردارن ہندی پأٹھۍ ہر کانٛہہ لفظ وٲتِھ تہٕ کہانی ہنٛد "مُشخص" ضرورتہٕ حسابہٕ ورتاوان۔ یِم کردار چھِ خود آگاہ تہٕ پننین خیالن تہٕ جذبن پیٹھ پوٗر پوٗر نظر تھاوِتھ۔ یِم چھِ کہانی تابین۔

# امین کامل بحیثیتِ افسانہ نگار

فاروق فیاض

امین کاملن ییٚمہٕ آیہٕ کاشرِ شاعری ہٕتہٕ خصوصاً کاشرِس غزلس نوٚو لہجہٕ آہنگ ہٕتہٕ طرح عطا کوٚر تمی آیہٕ دِژیوٕ تموٚ کاشرِس افسانس تہٕ ابتدائی کالس منز اکھ منفرد اسلوٗب، اکھ نوٚو فنی ہوا نوا ہٕتہٕ ساٰدر وار اظہار۔ یتھ منز چھُنہٕ کانہہ شک زِ امین کاملن ژور رٔنتہٕ تخلیقی شخصیژ ہندِ اظہارٕ خاطرٕ گوڈٕ شاعری ہند وسیلہٕ تہٕ اَتھ منز اوس ہٕ کُنہٕ خارجی اثرُک عمل دخل تہٕ نہٕ آس یہٕ عمل کُنہٕ نظریہٕس تحت تخلیق سپز مژ۔ یہٕ آس اکھ خود مختار فنی عمل یوٚس شاعرس محض ذاتی محسوٗساتن تہٕ تجربن ہندِس بُنیادس پیٹھ ڈٔرتھ آس۔ اَتھ برعکس اوس یِہند افسانہ نگارِ بنتس منز تہٕ افسانہٕ بحیثیت اکھ فنی اظہار ورتاوُنس منز اکِ خاص نظریُک عمل دخل ضروٗر۔ وُہمہِ صدی ہندِس ژوٗرمِس تا پوٗنژمس ڈٔلس

منز یَیلہِ کشیرِ منز ترقی پسند تحریک عروج پیٹھ اٲس تہٕ ساری اکثر پٔرۍ مٕتۍ
لیکھی مٕتۍ أدیب پننین تخلیقاتن منز اَکِس خاص نظریس سٕتۍ وابستہ
موضوعاتن مرکزیت بخشان آسی، اَمہِ سٕتۍ سپُد مقدارہٕ رٕنگۍ واقعی کاشرِ
زبانہِ ہندِس شعری سرمایس وارِیاہ بٔرتھر مگر اَتھی سٕتۍ سپُد اتھ تحریکس
سٕتۍ وابستہ أدیبن تہٕ شاعرن منز یہِ احساس تہِ پأدٕ زِ شاعری مقابلہ
چھُنہٕ کاشرِس نثرس منز یمن موضوعاتن (SPACE) یا جاے لبان دِنہٕ
چنانچہ یہے کمی پوٗرٕ کرنہٕ خاطرٕ تہٕ کاشرِس نثرس پوٚچھر دِنہٕ باپتھ تُل سانہو
کینژَو گاٹہٕ لبوٚنہٕ جیٚبہٕ ہُشار قلمکارو کاشرِس منز افسانس دَس۔ اتھی
ابتدأیی کاروانس سٕتۍ وابستہ أدیبن تہٕ شاعرن منز چھِ امین کامل تہٕ شامل۔
افسانس کُن مأل پھرنس متعلق چھِ امین کامل اَکِس انٹرویوس منز یتھ پاٹھۍ
پننہِ رایہِ ہُند اظہار کران:۔

"۱۹۴۸ءس اندر یَیلہِ کشیرِ منز ترقی پسند تحریک شروع
گیہٕ، یم ادیب تہٕ شاعر اَمِچہ گیٚجہِ گنڈنہٕ آے، تمن منیوزِ
کاشرِ زبان چھےٚ نثرٕ رٕنگۍ بالکل ژھٔر تہٕ چھیٚنۍ۔ مےٚ ہیٚتۍ
ادبی مضموٗن تہٕ افسانہٕ لیکھنۍ یمہِ زبأنۍ، موادٕ تہٕ طرزِ
اظہارٕ کِنۍ بالکل وکھرٕ تہٕ بدٕ وٗن رٔودی۔"

اگرچہ پننہِ شاعری ہندی وساطتہٕ امین کاملن کاشرِس ادبی دنیہس

منز اکھ معتبر مقام پرٛوٗمُت اوس مگر یِہندِ ین افسانن ہنز ادبی تہٕ ہیتی نشان، یِہُند گرٛوٗمُت، ہوانوا، canvas، کِردارن ہند اِنتخابک نبرل ورتاو ہیتہِ گوو یِہندِس ادبی شخصیژ واریاہ وہراو عطا تہٕ یِہندِ ین افسانن آو عالمی تہٕ قومی، ادبی تہٕ علمی زبانن منز ترجمہٕ کرنہٕ، تہٕ تیتھٕ پاٹھۍ سید یِہندِ ین افسانن ہندِ ترجمہٕ دُسی کاشرِ زبانۍ تہٕ خصوصاً کاشرِس نثرِس اکھ ماریمُنٛز دانشورانہٕ جہت عطا تہٕ کاشرِ زبانۍ میج۔ الٕمی ییٛتھ سوٗتھرِس اکھ باوقار RECOGNITION حاصل سپدٕ ہاہ کم وقتس منز یتھ کامیابی پرأوِتھ کٔس ورسپد کامل صأبس زِ تموتھوو تہٕ شاعری مقابلہٕ افسانہٕ لیکھنُک عمل تمہٕ آیہِ برقرار۔ نتیجہٕ دڑاو یہِ زِ سانین نوجوان افسانہٕ لیکھن والین بر وۄنہہ کینہہ گوو اکھ زبردست سوال ووتلتھ زِ اَمہٕ نثری صنفہٕ ہنز فنی ساخت ما چھےٚ ترٛشہ پیچیدہ تہٕ مشکل زِ کامل صأبس ہیوٚس صاحب طرز افسانہٕ نگارس پیٚیہ یہِ صنف ABANDON کرٕنۍ یا مُشراوٕنۍ۔ ووٚنۍ گوو پرٛزرٕچھ یہِ زِ اختر محی الدین رتن لال شانت، ہری کرشن کول، امیش کول، ہردے کول بھارتی بنسی نردوش، اوتار کرشن رہبر، فاروق مسعودی تہٕ بشیر اختر ییٚمہِ افسانہٕ نگارو ہنز و کوٗشش وستی میوٚل اَتھ نثری صنفہٕ فن فکرِ تہٕ اظہارُک واریاہ بتھ۔ رٕہہ بجر۔ مگر کامل صأبُن اَمہٕ صنفہٕ نِش پوٚت

ہیوٚن چھُ از تہٕ کاشُر زبانِ ہندِ ہُنٛز کی دُرن خاطرٕ اکھ بوٚڈ سوال۔
یَمیُک جواب کامل صابٕس ضرور دیُن پییہ۔

کاشرس منز پییہ وُہمہِ صدی ہندِس ژوٚرمِس ڈہلِس منز
افسانہٕ ہیکھنچ روایت تھٲنہ۔ اگرچہ دلیلن تہٕ داستانن ہنز روایت
کُشیر منز سیٹھاہ مضبوط اَس مگر افسانہٕ بحیثیت اکھ آزاد تہٕ منفرد
فنی اکائی یا نثری صنفہٕ رٔنگی سپُد کاشرس ادبی توارٕخس منز ہنا زیرٕ
نموٗدار۔

اُردوٗ زبانِ منز اَس اَمہِ صنفن اَمہِ برونٛہہ داریاہ کال روٗمانی
مزاز پیٚچھ ترومُت تہٕ ترقی پسندی ہندِس اثرس تحت اوس اَتھ منز
حقیقت پسندی ہندی رجحانن موٗلہ دٕر آوی ہتی۔ اگرچہ اُردوٗ
زبانِ منز حقیقت پسندی ہُند رُجحان رٗومانوی مزاز کس ردِعملس
منز کاڈ اوس کوٚڈمُت مگر کاشرِ ہِنٛز افسانن منز اوس حقیقت پسندی
ہندی رٗوین ترقی پسند تحریکہِ ہندِس اثرس تحتے زایُن لوٚب مُت۔

اردوٗ زبانِ منز یِمو افسانہٕ نگارو اَتھ رُجحانس معیار تہٕ مقدار رٔنگی
تُرزر عطا کوٚرتمن منز چھِ منشی پریم چند، غلام عباس، ممتاز شیرین،
بلونت سنگھ، حیات اللہ انصاری، سہیل عظیم آبادی، احمد ندیم قاسمی
حسن عسکری، علی عباس حسینی ناوہنٛز لایق۔ چونکہٕ سأنی

اکھ مقتدر ادیب تہٕ شاعر تہٕ آسہٕ اُتھی وقتس منز ادبی آسمانس پیٹھ نمودار سپدیمتی لہٰذا اوس قدرتی امر زِ یموتہٕ کوٚر عصری ماحولس تہٕ جاری ادبی تقاضن تہٕ زٕرِیس مطابق پننین فنی اظہار کِین وٕسیلن امی انمانہٕ شیر پارٕ کرنچ کوشش۔ نتیجہ دراو یہ زِ شاعری ستی گیہ ساٚنی ادیب تہٕ شاعر فن افسانہٕ نگاری کُن متوجہ چونکہ اختصار تہٕ دلیلی عُنصر کمی آس یہ نثری صنف اُردو میڈیم کہ وساطتہٕ لوٗکن منز سیٹھاہ مقبوٗل سپزمژ۔ چونکہ اَتھ صنفہِ منز اوس اُردوٗ زبانی منز عملی زندگی منز پیش سپدن والین متضاد تہٕ وُکھتی حادثاتن، حالاتن، دوٗکھن تہٕ دادین، امارن تہٕ خوابن، آرزوین تہٕ ارمانن ہُند پُرکشش اندازس منز اظہار سپدان تہٕ یوٚہے چھُ وجہ زِ عوامی حلقن منز اوس افسانہٕ اکھ نمایندہ عوامی صنفہِ ہُند زِنگی شمالی ہندوستانس منز سیٹھاہ مقبوٗل سپُدمُت۔ چونکہ یہ دور اوس کشیر ہندِ سماجی تہٕ سیاسی تواریخُک اکھ زبردست سنجیدہ تہٕ حساس دور TRANSITION ہُکھ دور، شخصی نظام اقتدارس خلاف تحریکہِ ہندِ کامیابی پتہٕ یم ماضی ستی وابستہٕ فیوڈل دورٕکی آثار کاشر زندگی منز نوٚ آیہ، اُبھار تہٕ اتمانہٕ کاڈ آسی کڈان جمہوریت سماجی برابری تہٕ مذہبی آزادی ہندِس آڈس منز عوامی تہٕ اقتدار

دوشوٗنی سوٚتھرِ پیٹھ استحصالی قوت یمن غار صحت مند قدرن
آبیاری کران آسی تمہِ ستی آس عام لوکن منز سیٹھاہ بے چینی تہٕ بدظنی
نظر گژھان ۔ اتھ نوٚس سماجی، سیاسی تہٕ اقتصادی ماحولس منز
یوٚسہ دگ عوامس تہٕ بے وسیلہ لوکن ورتاونی پیوان آس تمی دگہ ہنز
شدتک اظہار چھہ امہِ دورِ کین اکثر افسانن منز نظر گژھان ۔

"کتھہِ منز کتھ" افسانہ سوٚمبرن ہندین تمام افسانن ہندی کردار ،
واقعات ، ہوانوا ، canvas چھُ چھرا کأشر ۔ منتخب کردار چھ کأشر
میٚنز ستی وأتھ تہٕ یُہند نفسیاتی رُویہ چھُ کأشر PSYCHE ساکی ستی
رتہٕ پاٹھی جُڑتھ یتھ پاٹھی تم تہٕ مار چھُ ۔

شخصی حکمرأنی خلاف عوأمی جہد و جہدس دوران یم خواب
تہٕ امار کأشر یو جمہوری نظام حکومتکی چشمن منز وٗنی ہتی آسی ۔ تم
خواب ییٚلہ کأشر یو لۂتہ موٗنجہ گژھان وُچھ تہٕ امہِ کس نتیجس منز یوٚسہ
بے یقینی، اجتماعی نفسیاتی پریشانی تہٕ نو سماجی تنظیم کأری ہندی چھوکھ
دہ کھ کأشرین سٕرنی پیٚیہ ۔ تمیک ٹیس تہٕ دگ چھے امین کأمل
ہندین افسانن ہُند غالب موضوع ۔ مگر پیٚتہ نس چھے یہ کتھ ونُن لایق زِ
ترقی پسند تحریکہ ستی نظریاتی وابستگی أستھ تہٕ چھُنہ امہ کأمل ہندین
افسانن منز ظاہری مقصدیت یا doctored سماجی حقیقت

پسندی ہندی نقوش میلان بلکہ چھ یہندین افسانن منز فنی
تہ تکنیکی پوختگی ستۍ موضوعن ہنز رنگا رنگی کردارن ہند زند
زوبر تہ افسانوی Landscape پکر متضاد تہ متحرک کیفیژ درینٹھ گژھان۔
اُمہ ہندین افسانن منز چھ کأشر معاشرتی زندگی ستۍ وابستہ تضاد اتن
نفسیأتی کھرین، جذباتی ووتل مُجن، سماجی بے حسی تہ تواریخ چہ کوچھ
زاویین واجنہ کأشر PERSONALITY ہندی اکھ ژھایہ گژھ
اَسہ درینٹھی گژھان۔ اَمہ لحاظہ ہیکو نہ اَسی اَمہ ہندین افسانن پیٹھ جھرا
ترقی پسندی ہنز لیبل چسپان کرتھ۔ یمن موضوعن پیٹھ کتہ اگرچہ
خاص زمانی تہ زمینی صداقتہ ڈکھس چھے مگر یمن افسانن ہند فنی
گرُت زبان تہ کردارن ہند انتخاب، چھ یمن مخصوص زمانی تعاضو
نش ہیور کھأرتھ یمن تیژ طرحدأری تہ تہہ دأری عطا کران زِ
یہنز RELEVANCE چھے پرتھ زمانس خأطرِ معتبر تہ مستند
روزان۔ "کوکرجنگ" افسانہ چھ کأمل صأیبن تمن کامیاب افسانن
منز اکھ نمایندہ افسانہ یمن ہندوستأنی تہ یورپی زبانن منز ترجمہ کرنہ
آو۔ افسانس منز چھ پوت منظر زنگی اکھ غریب کأشر شہری گھریچ
تصویرکأری آمژ کرنہ۔ افسانہ یوت بروٗنہہ پکان تہ کاڈ
کڈان چھ یہ چھ سماجی طور کمزور شہری کأشر زنانہ ستۍ کلہم کأشر

سماجی PERSONALITY ہُند اکھ فنی اظہار بنان۔ اَمہِ افسانُک اُسی یِلہِ نفسیاتی تجزیہ کران چھِ اکھ سو کربناک صوٗرتحال چھےٚ دیدن تل یِوان یتھ منز کاشُر زنانہٕ خارجی ماحولکی پُشرِ ہتی سارے معاشی تہٕ معاشرتی بدحالی نِش دامن بچاوِتھ داخلی تہٕ ذاتی سوٗتھرس پیٹھ تمن نارٕ صحت مند قدرن پھٕہ چھےٚ دِوان یم تمِس بربادی، تباہی تہٕ شرمندگی بغارٕ بیٚیہِ کیٚہنہٕ چھِنہٕ عطا کران۔ "شاہ مال" چھےٚ کاشرِس سماجس منز امی طبقہٕ چین کاشرِن زنانن ہنز نمایندٕ کردار یوٚس منفی رُوِیس تہٕ سونچس ستہِ سارے اَرزِتھ گروی تھاوِتھ گھرُک سوکھ تہٕ خوشحالی گارت چھےٚ کران۔ پیٚش چھِ افسانُک یہِ ژور مُت حصہٕ یُس میانہٕ دٔلیلِ تائید چھُ کران:۔

"کتھ آس ژکہِ تکہِ یہِ زِ شاہمالہِ اوس یہِ کو کُرجانہٕ برٕ ہندِ شرٕ اَنومُت۔ جانہٕ برٕ اَسی یانٕتھ کو کرتہٕ اکھ کو کُر تہٕ شاہمالہِ آسہٕ کو کریٚیے یاژ۔ جانہٕ برٕ ہُند کو کُراوس دوہس منز اکِہِ دوٚیہِ پھِر یِتہٕ آنگنہٕ منز دوسہِ پیٹھ وُپھ تُلان تہٕ تویِتہٕ شاہمالہِ ہندِس آنگنس منز وسان۔ شاہمال آس یِہنی کو کرنہٕ آسنہٕ کِنی اَتھ خُدائی یاری زانان۔ مگر یِمہِ وِزِ شاہمال آنگنس

منز دانہِ یا بیٚنیہ کانہہ کُیتھ چیز تاپس ترا وہے۔ یہ اوسُس
دوٚن اچھن کھران۔ تکیازِ یہ اوسُس براٚنٛہ دٔر ہیوٗ
اگادِ گرٛ ژھان۔ چھگ دی دی تہٕ اوسُس نہٕ یہ چھلہِ
ڈٔدر کرنس پرٛژان۔ پچھ کھنڈ بروہہ بیلہِ اُمی تیھےٚ پاٹھی
سٕح جیر تُلکُس شاہمالہِ ہیوٗتُس بیٚنیہ ۂن و وہوٗن۔ جانہِ
برٛ یوٗز تہٕ سو درائیٚ دارِ کِنہِ واوکرنہٕ تہٕ اُتھی منز
دِرژنس پام۔"

اختر محی الدّین چھُ پننس اکِس مقالس" افسانہ کیا گوٚو" ؟
منز افسانہ کس فنس پیٹھ کتھ کرنہٕ وِزِ امین کامل ہندِ امی افسانہٕ
منزٕ پننُ دعویٰ معتبر بناونہٕ خاطر دلیل پیش کران۔ افسانس منز علہِ
نبسبتھ کتھ کران چھُ اختر پننہٕ موضوٗع خاطر کوٚکر جنگ افسانک یہ
حوالہ پیش کران تہٕ ونان:-

"کُیتھےٚ غلام خان کوٚکر ہیتھ آنگنس منز ژاو شاہمال
گٔیہ تھوٚد وُتھِتھ۔"

بقولِ اختر محی الدّین:-

وُچھو یہ افسانہ چھُنہٕ روایتی داستانہ ہندِس
اندازس منز شروٗع سپدان۔ پرٛن وول چھُ حارتس

پیوان زِ امایہ غلام خان کُس گوو؟ ۔ یہ کیا زِ آو کو کر ہیتھ؟ تہٕ کوکرُ و چھتھ کیا زِ گیہ شاہمال تھوّد وْتھتھ۔"

افسانُک فن چھُ مُشاہدٕ تہٕ تجربہ ARTICULATE کرنُک فن۔ یَتھ منز عمل کِردار، واقعہ تہٕ حالات اَکِس منظم تہٕ مربُوط طریقس منز پیش کرنٕ وانٛنہ کوشش چھ کران ۔ یہ چھُ انسان سُندِ علمی زندگی ہُند فنی نقشاوٕ، مُشاہدٕ یوت سروْن آسہ تہٕ ہرگاہ فنکار سُند تخیُل تہٕ اَمی آیہ گہرٕ تہٕ وسیع آسہ ۔ واقعی بنیہ شاہکار کہانی تھٕہ ۔ کُنہ کُنہ ساعتہٕ چھُ اکھ معمولی واقعہ، اکھ نفسیاتی کیفیتٕ تہٕ اکھ لمحاتی حادثٕہ تہٕ اکہِ بڑٕ تہٕ کامیاب افسانُک موضوع بنان ۔ غرض کہانی ہندس تھٕہ بیٖنس پٹھ کُنہ چھُ کہانی کارٕ سُندِ مشاہدُک تہٕ تخیلی ہُنرُک سیٹھاہ زبردست عمل دخل آسان ۔ امین کامل سُندی اکثر افسانہٕ چھ سرٕ نہٕ مشاہدٕ کی تہٕ تجربکی پٲداوار ۔ سُہ چھُ اکہ لمحکس مُشاہدس پتہٕ تخلیقی شخصیژ کہ قوت تہٕ تحریکہ سیتؠ اکہِ دوٗرک ترجمان اکہ آفاقی نفسیاتی صداقتُک اَتہٕ بناونس منز کامیاب سپدان ۔ "کوکر جنگ" افسانہٕ کِس بُنیادس متعلق کتھ کران چھُ افسانہٕ نگار یِمہ آیہ وضاحت کران: ۔

اَسی آسی بٹہٕ مالِنہ کرایہ روزان ۔ سانہٕ لرِ پٹھ کُنہ آسی صرف زٕ گرٕ ۔ اکہ دوہٕ صُبحے گو وُمین پانہٕ واتی

سٕے بکواس ۔ مے دِژ دار کِنۍ نظر ۔ اَتہٕ وچھُم اُتی
آنگنس منز کوکر جورا جنگ کران ۔ دوٕنوٕنی گرن
ہنز خاندار بِہ پَنَنِہ پَننہٕ مکانہٕ دار کِنۍ اَتھ پیٹھ
پانہٕ وأنی مالا یأنی تہٕ دونَہٕ دونھ کران ۔ بہٕ مند چھس
تہٕ ژاس اندر ۔ یہ بنیو "کوکر جنگ افسانچ بنیاد ۔"

امین کامل چھُہٕ پنٕنین افسانن ہندِ ذریعہٕ سماجس منز مُروج
خرابین تہٕ یمن ہندِس تہس منز پوشید ناکارٕ گین VULGAR آیہٕ
نَنہٕ کران زِ قأری سید کُنہٕ ہنر مندی ہند شکار ۔ اَتھ برعکس چھِ تِم
سماجی تہذیبکی سأری حد نظرِ تل تھاوِتھ تِمہٕ آیہٕ اشارن منز کتھ کران
زِ چھوکن چھُ تِمھُن ہیوٗ ضرور تہٕ وُہ تھان مگر بلغار تہٕ چھکھ آیت
روزان ۔ "سوال چھُ کلُک" افسانس منز چھُ اَکس خاص دورس
منز کشیر منز مُروج OFFICIAL VANDALISM ہیٚچ تِمہٕ آیہٕ کردارن
ہنز ذریعہٕ تصویرٕ کأری کران زِ اکہٕ مخصوص دورُک انتظامی رُویہٕ
چھُ پتِنہٕ سأرے ناکارٕ گی ہیتھ اُچھن بہٕ وتہٕ کُن یوان ۔ آدمی دگ
تہٕ انسان ہنز بے بسی تہٕ مجبوری کتھ پٲٹھی قانوٗنی داو ییچن ہندِس
میزانس پیٹھ یوان تولنہٕ ، افسانہٕ کہ کامیأبی ہند راز چھُ یتھ کتھِ منز
مضمر زِ افسانہٕ چھُ سیٹھاہ وہرأوِتھ آستہٕ تہٕ پَرن وألِس خاطرٕ پُر اسرار

روزان۔ مکالمہ تہٕ تاثرات چھ تیتھ پاٹھی زٲلتھ میلتھ کام کران زِ افسانک اند چھُ کہانی ہُند گوڈٕت باسان۔ افسانہٕ اند واتِتھ تہٕ چھِنہٕ پرن وٲلِس نتیجن ہُند تکمیل دیدن تل یوان۔ بلکہ چھ افسانکُ اختتام قٲرِیَس اکِہ توِ پراسرارِ ماحولک تخیلی سٲر کرناونس پیٹھ مجبور کران:

"مگر اتھ لاشہٕ ___ وُچھ حض سوسٕرِ۔ آخر کوت
کال.....۔" تمہِ دِژ نہٕ مےٚ پوٗر کتھ تہٕ کرنہٕ۔
"سڑنے دوجی۔ سوال چھُ کلک۔ سُہ کور کُن اوسُس؟
یوٗتام نہٕ سُہ نیاے اَندٕ، اوری چھُ معاملہٕ اوٚیزان۔
مےٚ گیہ ژھوپہٕ، وَنہانہٕ کیاہ؟"

دوٚیمہِ عالمگیر جنگہِ (۱۹۴۴-۱۹۳۹) پتہٕ جنس (SEX) اگرچہ عالمی افسانوی ادبک غالب موضوع اوس مگر امین کاملس چھُ تیتھن موضوعن پیٹھ قلم تُلنہٕ وِزِ علاقٲئی تہذیبی شخصیژ ہُند سرٕون پاس تہٕ احترام سُہ چھ جسمانی مظاہر بدلہ اکہ صحت مند جنسی توازنُک تبلیغ کران۔ سُہ چھ کاشر زنانہٕ ہندِ تنوزُک احساس عکٲسی تتھ پاٹھی کران زِ جنسی بوچھ چھےٚ اکہ لطیف نفسیٲتی کیفیژ ہنز جاے رٹان۔ کامل نہٕ چھُ D.H. LAWRENE ہندی پاٹھی جنسس مذہبُک درجہ

دِوان تہٕ نہٕ منٹو ہٕندی پاٹھی زنانہٕ ہٕندٕ ہن نرم و نازک انگن ہٕنٛد اچھرٕ نقشا وکرِتھ جذباتن وُتلش دِنٛچ کوٗشش کران زِ جنسی تپش برخلاف چھُ صحت مند سماجی قدرن ہُنٛد تعین سپدان ۔ یہِ نفسیاتی کیفیژہٕ ہٕ سماجی تہذیب چھُ "ظاہر باطن" افسانس منٛز گل جان تہٕ سارٕ کردارن ہٕندی دُسی ووتلان ۔ شک تہٕ بے یقینی ہٕندِس افسانوی کینوا سس پیٹھ مثبت نفسیاتی عملہِ ہُنٛد ظہوٗر سپدان :۔

دوٚیمے بہٕ نیرے وونی ۔ ژیر گژہ ھم ۔ سارن تراو دارِکن نظر "ژٕمہٕ کھوٗر" بہٕ نیرٕ رسہٕ پاٹھی والیس ۔ کاتہہ تہِ ڈیشم نہٕ ۔ اُمی سُنٛد سُبتھ اوس ونان ۔ یہِ چھےٚ تہِ وَنُن یژھان ییمہِ موکھہِ اور ژامٕژ آس نگر وسٕتاپ اوٚسُس تہٕ یوان۔"

"آہہٕ" افسانس منٛز چھُ افسانہٕ نگار اَکِس بُزرگ کردار ووسہٕ غفوٗرٕ ہٕندی دُسی اَمہِ قبیلہٕ کین مردن ہٕندِ نفسیاتی محروٗمی تہٕ جنسی ژھر رٕچ اکھ دردناک تصویر پیش کران ۔ ووسہٕ غفوٗر چھُ خیالی تجربن تہٕ اندٕرٕنی احساسن منٛز اکھ سہٕ دُنیا تخلیق کران یُس تٔمی سٕندِ عملی زندگی کینژہ ھس وقتس خاطرٕ صحیح اکھ میوٚھ تہٕ موٚدُر طرح عطا کران چھُ ۔ ووسہٕ غفوٗرس ییٚمِس زندگی وُبوٗدُر بنیمژٕ آسہٕ

ییٚمِس ہٕنہٕ کارِس کِنبس ستۍ کانٛہہ لےٚ رۄزِتھ آس۔ زندگی آس تِمُس نِش
اکھ بےٚ معنے تہٕ بیکار چیز۔ مگر یُتھے تِمُس اکِہ دوہ ڈۄنٛی بچہِ کارخانہٕ چِر
دارِ کِنۍ دۄیمِس ہمسایہ مکانس پیٹھ الغابہ زِیہ کانہٕ پیٹھ نظر پیوان چھےٚ۔
اُمہ ہٕنزِ نَن خَستہٕ اُڈۍ جن منز۔ چھُ خۄن بٔنیہ اکِہ لَٹہِ دورٕ کرنہٕ لگان۔
تہٕ زندگی نِسبت چھُس بٔنیہ اکِہ لَٹہِ لول تہٕ ملے گنان۔ گُلبن منز
چھُس کارِگری ہندی گوان تہٕ وصف بٔنیہ وۄتلان۔ تہٕ سورمیتِن
اُچھن منز چھُس امارِکی تہٕ جوانی ہندی خواب رقص کرنہٕ
لگان۔

"مگر یَنہٕ پیٹھ اُمہِ (وۄستہٕ غفورٕ) زِیہ کانٛۍ وُچھ تہٕ
تَس ستۍ آیہٕ اندری عشقِ لۄگ کرنہٕ۔ اُمس زن آو
تاوَن زد دُنیا دُبارٕ کۄمہِ۔ وآنس زن نِیہ ہس ترہ وٕری
پَتھ۔ اُمہ ہیوٚت ہنگرِن تہٕ ریشس کرٕہن بسمہٕ کرُن۔
کلَس ہیٚرن عرق چینہٕ بدلہٕ چُرۍ ٹۄپۍ دِنۍ۔ تہٕ شوخ
رنگہٕ نیلامی کوٹ ناکی تراوُن۔ نقش گری کرنہٕ وِزِ یِمہ
ترِ زنگہٕ بھُچہٕ مٕژ آسس باسان تِمن لۄگُس نوٚو خۄن گرہ تہٕ
گَرہ تہٕ کرنہٕ۔ اُمہ ہیٚژ بٔنیہ اکِہ لَٹہِ زآوِ لِبن طرحن
اَوِج کرٕنۍ۔ ترِتھ کام ترِ اَستی ترِ ژاٹہٕ باج غلام

تہٕ زیبہ گیہ ہے بُنگہ تمن ہیٚرِن ہنٛس وۄستہ کار
ہندِس اَتھ کسبس پیٹھ چاٲلی کھسنی۔ اکہِ لٹہِ پرٛژھس
تہٕ غلامن" وۄستہ ازکتھ سہ پیٹھ یوت زاوِجار"۔

وۄستہ غفورنس کردارس منز چھُ افسانہ نگار تمن اڈور مردن ہنز نفسیات پیش کران یم سماجی قدرو، مذہبی بندشو تہٕ والنہ ہندیو تقاضو نظرِ تل تھاوِتھ پانٛس منز۔ شدید کشمکش تہٕ تضادس منز ہیٚنہ چھِ آسان آہتی۔ مگر یہِ محرومی یہ تضاد تہٕ کشمکش چھےٚ عملی زندگی منز کینٛژھن انسانن منز شعوری تہٕ کینٛژھن منز غارشعوری بے چینی تہٕ اضطراب کِس صورتس منز ظاہر سپدان۔ اَمی کو میہ ہندِن اڈور مردن ہنز ذہنی حالت، نفسیاتی بے چینی تہٕ جنسی محرومی چھےٚ امین کامِلن وۄستہ غفورنہِ کردار ذریعہ وۄتلاونچ کوشش کٔرمٕژ۔

"کفن ژوٗر" افسانس منز چھُ امین کامل داستانوی ٹکنیک کِس پوٗت منظرس منز اکہ ترژھہِ شرمناک عملہٕ ہُند تنبر کران یتھ مذہب سماج تہٕ انسانیت ترٛنشوے لعنہ تعنہ کران چھ۔ انسان یُس اشرف المخلوقاتک درجہ دِنہ چھُ آمُت۔ کتھ حدس تام ہیکہ پننین حقیر مقصدن ہندِ حصولہ خاطرٕ بوٗن وۄسِتھ۔ یہے کیفیت، یوٚہے

خیال چھُ افسانُک مرکزی موضوع بناونہٕ آمُت ۔ سُل دبد یَمِس کُن
کمایہ کلٕ نیٚچُو پننِہ حیاتی منٛز ے ہوتہٕ کہ کانٛہہ شکار چھُ سپدان تہٕ یوٚہ
نیٚچو ہُنٛد جُدٲیی منٛز ۔ سبہ منٛز ۔ رأتس تٔمِ ہُنٛدِس مقبرس وُنی دِتہٕ گرٛزھان
چھِے ۔ سو چھے یہ وُچھِتھ ترٛہران زِ کوس تام بلایہ چھے تَسنٛدِس نیٚچوس
لحدِ ستی چھیڑ خوٲنی کران ۔ سو ییٚلہِ ہنا بروٚنٛہہ پکان چھے تَس چھُ یہ
واضح سپدان زِ یہ کانٛہہ چھُنہٕ کانٛہہ بالافطری کردار انجام دِوان بلکہ چھُ
کُستام ماجہ گوٚبُر یہ شیطنت کران ۔ اکِ دوہ یَتہٕ چھُ بستی منٛز یہ اکھ
ROUTINE EXERCISE بنان ۔ ییٚتھ کانٛہہ لاش دفناونہٕ یِوان
چھے دوٚیمِہ دوہ چھے سو لاش بے کفن پأٹھی لحدِ منٛز عیان آسان ۔
اَمہِ ستی چھُ ساری ہسے ییٚتھ منٛز اکھ خوفُک سمان پأدٕ گژھان تہٕ کانٛہہ چھُنہٕ
شامہٕ پتہٕ دروازٕ نیٚبر نیرنُک جُرٲت پأدٕ کران ۔ صرف چھے آسان افسانکہ
مرکزی کردار سُل دبد یوسہٕ کُنِس گبرٕ ہُنٛد مرنہٕ پتہٕ تہٕ تٔمی ہتہٕ لاش بے کفن
وُچھِتھ پاگل چھے آسان گمٕژ ۔ کُنہ کُنہ باکہٕ ژھٹ ژھٹ یا وحشتناک کریکو
ستی ییٚتھ ہُنٛدِس واتاوَس ماحولس مزید ہابتناکھ بناوان ۔ افسانہٕ چھُنہٕ
غنی جوٗنس CONFESSION ہس ییٚتھ انداتان ، بلکہ چھُ غنی جوٗنہٕ مرنہٕ
پتہٕ تہٕ یہ پُراسرار عمل جأری روزان تہٕ یمہٕ ستی انسانی بوٗدِ
بروٚنٛہہ کنہٕ نوٚی سوال وٚتلان چھِہ ۔ یہے چھے افسانکہ کامیابی

ہنرٕ بڈ دلیل ۔ افسانچہِ کامیابی ہنز بیاکھ اکھ دلیل چھےٚ زِ افسانہٕ اگر
داستانوی طرزس پیٹھ ضرور لیکھنہٕ آمُت چھُ مگر اَتھ منز چھنہٕ داستانٕچ
طوٗل کلامی لبنہٕ یِوان ۔ یِیمہِ کہ عادتہٕ عام حالتن منز داستان گو وزِ چھِن
اَنہِ گینہٕ راتٕن بوزن والین زیرِ کران اوس ۔ یہِ چھُ سُہ زھوچر یُس
کہانی بیانیہ دایرِ منزٕ نبر کڈِتھ اظہارکہ کُنہِ تجرباتی لہرٕ ہُند آنہٕ بناوان
چھُ ۔ کہانی خاطر چھُ زیادٕ زیچھر تہٕ تیوٗتے نوقصان دِیہہ یوٗتاہ حد کھوتہٕ
زیادٕ زھوچر اَمہِ خاطر مُہلک چھُ ۔ اَمہِ اعتبارٕ چھُ امتیاز حسین ہندی
پاٹھی کامل ۔ ینٛہنٛن افسانن منز ہیت کہ توازنک تہٕ تناسُبک سُہ اکھ
معیار قایم کران یُس نوِ کاٹھرِ افسانہٕ نِش یمن اکھ منفرد شناخت بخشان
چھےٚ ۔

نوٚ بوٗ افسانہٕ نگارو یمو پلاٹ کِس ترتیبس کلایمیکس تہٕ کہانی
خاربادکو زمُت چھُ تہٕ تمن افسانوی منطق نبر ووٚتی گنز ۔ ران چھ مگر
اَتھ برعکس چھ کامل نبن افسانن منز افسانکی ساری ELEMENT دریٹھی
گرٹھان ۔ سُلہٕ کردار، پلاٹ، ہوانوا، مکالمہ، کلایمیکس تہٕ واقعاتن
ہنز رِوٲنی بیتر بیتر ۔ کامل نبن افسانن ہندی کردار چھ کٲشرٕ ہند معاشرتی
زندگی ہند تمہِ طبقچ نمایندگی کران یُس غریب ہندٕ سوتھرٕ منا تھوٚد چھہ تہٕ یم عام طور شہری کاٹسن ہندٕ
چھوکرٕ ستی تعلق تھاوان چھہ ۔ یہندن کردارن ہندس ضمیرس منز چھےٚ گامی

ساگ زارن ہنز خوشبوے تہٕ شہری زندگی ہنز ژھرٕ ژھرٕ ژھ
تہٕ۔ یہندِ افسانوی CANVAS چھُ سیٹھاہ کُشادٕ۔ یہندِین افسانن
ہندی کردار چھِ کاشُر سماجی زندگی ہندی ویدی تہٕ زندٕ زُو کردار۔
یم چھنہٕ محض افسانہٕ نگارٕ سندِ تخیلکی پیٲداوار بلکہ ساںہٕ زندگی منز
سٲنس اندی پکھس منز، سانین اچھن برونٹھ کنہٕ تہٕ سٲنس ماحولس
منز بسن تہٕ بسن وٲلی کردار، زیب کاک، راجہ بٹ، وو ستہٕ عفور، غنی جو
بیتر چھِ امکی زندٕ ثبوت۔ کامل چھنہٕ پننین کردارن پیہہ انان بلکہ
چھُ سُہ کردارن پننہِ میٹرِ منز ژٲرِتھ تمن شخصیژ کی نوی اظہار تہٕ نفسیاتکی
نوی طرح عطا کران۔ کامل نین افسانن منز چھِ سیاسی، سماجی، اخلاقی
تہٕ معاشرتی بحرانکی تم ساری آثار میلان، ییمہٕ بحرانک کاشرین ۱۹۴۷ء
پتہٕ تجربہ ہیوٚ کرُن۔ یم ساری آثار تہٕ نقوش چھِ ورگہٕ پاٹھی تہٕ اشارن
منز کامل سندین افسانن منز میلان۔ اکہِ دورٕچ مکمل دگ تہٕ کرب
چھُ کردارن، مکالمن، واقعاتن تہٕ افسانوی پوٚت منظر تہٕ پیش منظر
ڈُسی جایہِ جایہِ اظہار لبان۔ کامل چھُ پننین افسانن منز خارجی
حقیقژن ستی عہ ستی تمن داخلی قوتن تہٕ نفسیاتی سنرن تہٕ تلاش کرنچ
کوشش کران یُس نوی نوی منزل بدکڈنس منز یہندی معاون
تہٕ مددگار بنان چھِ۔ امہِ طرحکی نقوش چھِ اسہ یہندین یمن افسانن

منز میلان ۔ لاگ، جھنمی، آنہٕ بیتر۔

ظرافت تہٕ طنز۔ چھِ یِہند اَفسانوی اسلوٗبچ اکھ منفرد پہچان۔

"کوکرجنگ" افسانہٕ چھُ اَمِچ بہترین مثال۔

اَتھ کتھِ چھِ کاشُر اکھ نقاد یِمہٕ آیہ وہ کھنٛے کران :۔

" کاشرِس افسانس منز چھِ ظرافت پنِنس کمالس

پیٹھ کوکرجنگ افسانس منز میلان ۔

تہٕ نیب رسالکی مدیر چھِ ۲۳ شمارکس اِیڈیٹورلیس منز "کوکرجنگ"

افسانس منز ظرافت کِس موضوعس پیٹھ کتھ کران یِمہٕ آیہ پنٛنی رلے

وہ کھناوان :۔

" اَمِہ افسانٕچ (کوکرجنگ) ظرافت چھٔ جِنٛن تہٕ

چاٹن پیٹھ مشتمل بلکہ چھِ یِہ سو ظرافت یوسہ طنزچ

لطیف مِل مشتہٕ یِتھٕ چیزن، واقعاتن تہٕ کردارن

ہندس حقیقتس اُنزی مُنزی گرشھنگ موقعہ تہٕ حوصلہ

دِوان چھِ"۔

کامل صابٕنین افسانن ہنز منفرد موضوعی، ہیتی تہٕ تکنیکی

شناخٕچ کہ حوالہٕ چھِ جیالال کول پنٛنہٕ کتابہٕ "STUDIES IN KASHMIRI"

اندر یِمہٕ آیہ پنٛنہٕ رایہ ہند اظہار کران :۔

" امین کامل ہنز کتھ منز کتھ " سوٚمبرنہٕ منز درج داہوے افسانہٕ چھ ممتاز۔ اکھ منز چھ شاہ کار 'کوکرجنگ' یتھ منز شاہ مال تہٕ جانہٕ برٛز ہندی یادگار کردار چھ۔ یم تہند لو کو کرو ہند ڈسی ووتلاونہٕ چھ آمتی۔ "جہنمی" یتھ منز وقتہٕ کین حکمرانن تہٕ سرکارن پیٹھ زبردست طنز چھُ۔ "نوٚوتاون" یتھ منز کامل صابنین افسانن ہنز منفرد موضوعی ہیتی تہٕ تکنیکی شناخت کہ حوالہ چھ جیالال کول پنٕنہٕ کتابہٕ "STUDIES IN KASHMIR" اندر یتھہٕ آیہٕ پنٕنہٕ رایہٕ ہُند اظہار کران :۔

" امین کامل ہنز " کتھ منز کتھ " سوٚمبرنہٕ اندر درج داہوے افسانہٕ چھ ممتاز۔ اکھ منز چھُ شاہکار " کوکرجنگ " یتھ منز شاہ مال تہٕ جانہٕ برٛز ہندی یادگار کردار چھ۔ یم تہند لو کو کرو ہند ڈسی ووتلاونہٕ چھ آمتی۔ " جہنمی " یتھ منز وقتہٕ کین حکمرانن تہٕ سرکارس پیٹھ زبردست طنز چھُ۔ " نوٚوتاون " یتھ منز اخلاقی ڈینجرچ تصویرکشی چھےٚ، یُس سماجس کھوکھُر

کرنہٕ چھُ لوٗگمُت۔ "پوٗت کل" یتھ منز گامہٕ چہ اُکس
بے اولاد زنانہٕ ہٕند نفسیاتی مطالعہٕ چھُ۔ "آنہٕ" یتھ منز
اُکس عمر رسیدہٕ شخصیژ ہٕند دُبارہٕ گومُت محبت چھُ۔
"یئیٚنڈ پرُن" یتھ منز زمینچہٕ نوٚو زرٲعتی پالیسی بدولت
لوکن ہٕندین اخلاقن، انسٲنی رشتن اندر تبدیلی متعلق
اہم نوکتہٕ چھہٕ۔ یہ چھُ جان تنوع مگر تمام افسانہٕ چھہٕ
پٮ۪تہٕ پٮ۪تہٕ جایہ سہٕ معیار پراوان یتھ منز مثلن "آبہٕ سر
تہٕ کنہٕ پل" اکھ ماحول پٲدٕ کرنس منز کامیاب چھُ۔
لیُس دَباوہٕ تہٕ آمتہٕ محبت چہ ولولہٕ انگیزی موافق چھُ
ترژھ زبانی منز یوسہ پٮ۪تہٕ سادگی، نفاست تہٕ اثر
پذیری کنہٕ غارٕ معمولی چھےٚ"۔

# ہری کرشن کول سُنٛد افسانہٕ
# "تاپھ" افسانہٕ کہِ حوالہٕ

رتن تلاشی

ہری کرشن کول سُنٛد افسانہٕ "تاپھ" چھُ تِہندٮ۪ن نُمایندٕ افسانن منٛز شامِل۔ یہِ افسانہٕ چھُ کول سٕندِ ابتدائی دورکہِ افسانو منٛز۔ اَتھ افسانس متعلق چھُ وَنُن ِیوان زِ کاشُرِ زبانی منٛز چھُ یہِ تِہُنٛد گوڈنیُک افسانہٕ۔ کول اوس اَوتام صرف ہندی زبانی منٛز لیکھان۔ وَنٕنہٕ چھُ یِوان زِ کُنوُہ شتہ شیٹھٕ کِس ڈٔہلِس منٛز اوس جموں کشمیر کلچرل اکادمی اکھ افسانہٕ مجموعہ شایع کرُن۔ چنانچہِ ہری کرشن کولس سمکھ امین کامِل تہٕ وَوُنُس اَمہِ باپتھ کاشرِ پاٹھی افسانہٕ ہنا لیکھنہٕ باپتھ تہٕ یتھ پاٹھی پیو وَتِہنٛدِ ڈٕسہ "تاپھ" افسانہٕ تھَہ تہٕ ییٚنہِ اَمہِ گوڈنکی افسانہٕ ستی کوٚر تمۍ کاشرِ ادبی حلقہ پانس کُن مُتوجہ۔ یہِ افسانہٕ چھُ تِہنٛزِ گوڈنچی افسانہٕ سوٚمبرنہٕ "پتہٕ لاران پرٕبتس" منٛز گوڈنیُکے افسانہٕ۔ یہِ افسانہٕ مجموعہ چھُ ۱۹۷۲ ہس منٛز شایع سپُدمُت۔ "تاپھ" افسانہٕ چھُ ییٚمہِ لحاظٕ تہٕ اکھ اہم افسانہٕ تکیازِ اَتھ منٛز چھِ تِہنٛدِ فنکی تِم کیہنہ عنصر درِ ینٛٹھمان سپدان یِم برونٛہہ کُن تِہنٛدٮ۪ن مختلف

افسانن منز پوٗر بہار ہ تہ جہار سان پھوٚلتھ آیہ ۔ مثالے نی تو "یتھ راز دانے"
افسانہ ۔ یُس وُہمہ صدی ہندِ اوٚڈمہ ڈلٕکی افسانہ چھُ ۔ امہِ وقتہ اوس
ہری کرشن کول کأشرِ زبأنی ہُند اکھ با اسلوٗب تہ نمائندہ افسانہ نگار تسلیم کرنہ
آمُت ۔ امہِ افسانہ ناوِ سپز پتہ اَہنز اکھ افسانہ سوٗمبرن تہ شایع ۔ یوٗدوے
یم دٕہ شوٚے افسانہ تھیمیأیی لحاظ اکھ أکس نِش مختلف چھِ مگر تمہِ باوجوٗد چھِ یمن
دٕہ شوٚنی منز افسانہ فنکی تم کیہنہ مُشترکہ عنصر موجوٗد یم ہری کرشن کول ہنز پھیرہاو
خصوٗصیژ مانہ ین ۔ یمن مشترکہ عنصرن ہُند تعلق چھُ یمن افسانن ہندِس
بیانیہ ساختس ستی تہ ہۄ کردارن ہندِس بافتس ستی تہ ۔ یمن مشترکہ عنصرن
ہنز وضاحت یوٗدوے پانے بر وہہ کُن سپد مگر یتھن یوٗدوے دٕہ شوٚنی
سرسری نظر تراوَو ، گوڈنچی نظرِ سپد یہ عیاں زِ یمن دٕہ شوٚنی افسانن ہُند
واقعأتی تنوظر چھُ کشیرِ ہبر بڈِ ملکچ بڈ راز دأنی لینے دلی ۔ یُتھ ہیوٗ واقعأتی
تنوظر یا ماحول چھُ کول ہندین بیٛیہ تہ کینژن افسانن منز ۔ خاص پأٹھی
تمن افسانن منز یم تمی گُنوہ شتھ نمتھ پتہ لیکھی یا یم ہشترن تمہِ پتہ شایع
سپزمژن افسانہ سوٗمبرن منز شأمل چھِ ۔ ہری کرشن کول ہندین افسانن
منز چھُ امہِ زٕنگکی افسانہ جان تعدادس منز ۔ مگر یتھین افسانن ہُند ڈسلا بہ
چھُ "تا پھ" ۔ امہِ سیبہ چھُ تسندین افسانن ہنز بیانیہ ساخت زانتہ موکھ
اکھ افسانس اہمیت ۔

کأشُر افسانہ نگأری منز چھُ ہری کرشن کولس یہِ امتیاز حأصل زِ تِمن افسانن منز مشرود ٚ تِمہِ بیانیہ عنصر زانہہ تہٕ۔ تتھ دورس منز تہِ یِیلہِ کیٚہنہ کأشری افسانہ نگار (یِمن منز بارِ زبأنی ہندی کیٚہنہ صف اولکی افسانہ نگار تہٕ شأمل أسی) آیہ افسانہ صنفِ ہند بُنیأدی واقعأتی اظہار افکٕرٕف ترأوِتھ جدیدِکی زیرِ اثر یا جدید باسنہٕ کہ مارِ متہِ کأشُر افسانہ جدید کأشر مو خصر نظمہِ نکھہٕ وأتناونس جنونس منز ہیہنہ۔ ہری کرشن کولن یِیمہِ ساعتہٕ "تاپھ" تخلیق کوٚر تمہِ ساعتہٕ آسی جدیدیت کأشرس ادبس منز وأرِد سپز مژ۔ مگر "تاپھ" افسانہ پیٚٹھےتھوو تِمہِ پتِمن افسانن منز دیٖلی عنصر قأیِم۔ شعوٗری کولہِ تہٕ دأخلی خود کلأمی ہندِ طرزِ اظہار چہ ژٕوشہِ ہندس بہاوس ستی سیر وسنہ بجایہ کٔری تِمی زیادہ پہن تم افسانہ تخلیق یِمن أسی عام زبأنی منز پلاٹ بند افسانہ وَنُو۔ حالانکہ "بیتہ لاران پربت" ہیوٗ افسانہ لیکھتھ کریا یہ تِمہ تہٕ دأخلی خود کلأمی ہنز ٹیکنیک ورتاوٕنٕچ کوشش۔ مگر یہ طرزِ اظہار چھُ گوڈنچی نظر یہ باسِ دِوان زِ یہ چھُنہ تسندس مزاجس برٕ ژٕ وُن۔ تِمی چھُ اتھ افسانس متعلق کتھ کران کینژَو نقادَو اتھ محض تگنگری ناو دیتمُت۔ یہ طرزِ اظہار ورتاوٕنٕچ کوشش چھےٚ امہِ پتہٕ "سٔرٕزِ کھیل" افسانس منز تہِ کرنہ آمژ یتھ منز موجوٗد زندگی ہنزن تلخ حقیقژن تہٕ سماجکہ اکہ خاص طبقہٕ ذٕسی عوامچن ووہمیزن ستی گِندنہ یِنہ والہِ اتھ ہوٗژ بلواسطہ طور باوتھ کرنٕچ کوشش کرنہ آمٕژ چھےٚ

مگر داخلی خود کلامی بنہٕ بجایہ چھ ٹیکنیکی طور پٲٹھۍ افسانہٕ رواں تبصرٕ تہٕ مکالمک
رل بنِتھ اکھ کمزور ہاے برڈ افسانہٕ بنیومُت۔
یتھ پاٹھی برہ نہہ تہٕ وَتہٕ آوزہری کرشن کول ہندی نُمایندٕ
افسانہٕ ہیکو کھ اُسی آسانی سان پلاٹ وٲلۍ افسانہٕ قسمن منز شامل کرتھ۔
مگر تِمہٕ باوجود چھنہٕ یِمن ہنز ساخت تہٕ پُلاٹ سازی روایتی طرزکہٕ
پُلاٹ غالب افسانو نش مختلف۔ یِمن منز چھُ "تاپھ" تہٕ شامل۔ روایتی
طرزکین پُلاٹ غالب افسانن منز ہیکو اُسی پُلاٹہٕ کچہ ترےٚ خاص خصوصیژ
بدِ کڈتھ۔ اول اکثر چھ یِمن ہُند تعمیر خارجی تضادس پیٹھ ڈرِتھ پُلاٹس
پیٹھ استادٕ آسان تہٕ یِمن منز یوٚہے تضاد عملہٕ تہٕ پلاٹچہ حرکژ ہُند موجب
آسان چھ۔ دوٚیم یہ زِ یمن ہنز عمل چھنہٕ زمانی لحاظہٕ مستقیمی ' باترتیب
تہٕ بعضے سلسلہٕ وار آسان تہٕ ہرتی یہ زِ افسانکین سارِنے لوکٕن ٹڈِن
واقعن ہُند آے چھ تضادس نسبت منفرجانہٕ برعکس مائل یہ تضاد
آسان۔ تریٚیم یہ زِ تضاد اُنز راوہٕ یتھ چھُ افسانہٕ کُنہٕ مصدلق نتیجس
پیٹھ اند واتان۔ یتھین افسانن ہنز خاصیت چھنہٕ یہ زِ یِژ ہنز ہِش
تہٕ قاری لیٚس چھُ افسانہٕ اند واتنس پیٹھ تیتھے تشفی میلان یُتھ یہ زِ حل
سَیدتھ میلان چھُ۔ یہ خصوصیت چھنہٕ کانٛسہ منز۔ امین کانٛہ ہند پن
کینژن افسانن منز مثلن ' پھاٹک" کُھن ژوٗر بتر۔ ڈرامائیت چھُ

یِتھِن افسانن ہُند خاصہ ۔ قأری تہٕ چھُ تضاد کہ آغازٕ پٮ۪ٹھے سلجاوس تام اَمی
تضادُک ہم سفر بنان، تکیازِ تِسند باپتھ چھے افسانہٕ نگارن یِہے وَتھ بتہٕ
واقعاتٕ ترتیبہٕ سٟتؠ مقرر کرٕنۍ آسان ۔ مگر "تاپھ" افسانکِس بیانیہ ساختس
منز چھےٚ یِمو منز بیشتر خصوصیژ غأر موجوٗد ۔ یا وَنَو یہِ زِ پلاٹ سازی منز
چھےٚ نہٕ تمی یِمن اصوٗلن ہنز شٔرط پابندی کرٕنۍ ۔ تمی چھنہٕ اَتھ افسانہٕ کِس
ساختس منز شعوری تعمیر کأری ہُند باس میلان ۔ یہِ کتھ سپدِ یِمہِ تلہٕ تہٕ
عیاں زِ افسانہٕ پرتھ وِزِ چھےٚ نہٕ سأنؠ ترجیع افسانچ دلیل روزان بلکہ چھُ
سانہِ توجہُک مرکز پوشہٕ کجہِ ہُند سُہ وطیرٕ تہٕ ردِ عمل روزان یُس تس بدس
صوٗرتحالہِ کِہ نتیجہِ برٕوٕہہٕ کُن یِوان چھُ ۔ دوٚیِم یِتہٕ زِ افسانچہِ عملہِ کانہہ
مخصوٗص سمت دِنس منز چھُنہٕ اَمِس مرکزی کردارٕ سُند زیادٕ دخل بلکہ
چھُ امیک رموٹ کنٹرول تتھ ماحولس اَتھِ یتھ منز یہِ کردار ترٛاوتہٕ
آمُت چھُ ۔ اَمہِ لحاظٕ چھےٚ پوشہِ کجہِ ہنٛدِس کردارس منز کینژھا مجہوٗلی
کردارٕ ہنز خصوٗصیژ وۄتلیمژٕ ۔ مجہوٗل کردار چھُنہٕ عملہِ ہُند آگر آسان بلکہ
چھُ سُہ اَمہِ باپتھ حالاتن آویزٕ یُس تس اَمہِ باپتھ وُتشاوان چھُ ۔ مثلن وچھتو
یٮ۪لہِ دوٚیِمہِ پورچہِ ڈبہٕ بٮ۪ٹھ چھوٹی کیہہ بلوٕ ہو کھناوتہٕ باپتھ وہراوِ مٮ۪تۍ آے ۔
نبس کُن نظر دِتہٕ وِزِ بٮ۪نیہ پوشہِ کجہِ یِمن کُن نظر تہٕ چھوٹی ہنٛدِس اَکِس
سِپلوٕس کُن نظر پٮ۪تھ ووٚشلیہ تہٕ لٔج توبہ کرٕنہِ ۔ تمہٕ سوچ

زہرگاہ ہمسایین تہٕ اور کُن نظر پیٚمژ آسہٕ تمو کیا آسہٕ سوچمُت ۔ اُتھی وِسوَس
منز۔ وُژھ سو تھوٚد تہٕ آس پوٚش ژٹنُک خیال ۔ اگر وُچھوا تھ افسانس منز
چھِ مِسز کپوٗر، صابہٕ تہٕ چھوٚٹیس حرکت کرن وٲلۍ کردار تہٕ پوٚشہٕ کجہٕ
ہُند وٲلیرہٕ تہٕ رَدِ عمل ظٲہر کرُن باپتھ چھِ تمے وُتش فراہم کران ۔ ماحولُک
وُتشاو چھُ زوٗل ایٚارمُ" افسانس منز تہٕ نمایاں ۔

پوٚشہٕ کجہ ہُندِ کردارُک خاصہ چھُ بدس ماحولس نسبت تہِنز غار ہم آہنگی ۔
مگر یہٕ غار ہم آہنگی نہٕ چھنے افسانس منز اندوند غاًب تہٕ نہٕ چھنے آخرس یکدم
ظٲہر سپدان ۔ بلکہ ہم آہنگی تہٕ غار ہم آہنگی ہنز رسہ کشی چھے افسانس منز
اندوند تہٕ یوٚتام غار ہم آہنگی ہُندے پوتُر گوٚب گرٛھان چھُ ۔ اُتی چھیس
دِلہٕ وٲتھ فراغت گرٛھان زِ حالس مو کلاو بگوان زِ چھِہ نوشہٕ ہیٚندِ
ژوٚرِ یہٕ نش تہٕ دِلہٕ ہُند تاپھ چھاوِتھ وَناں زِ سو تر تہٕ ربتہٕ کالہٕ تہٕ کشیر ۔ مگر
اُتی چھیس پوٚش ژٹنس پیٚٹھ چھوٚٹی ہنز نس تالہٕ کھار نی موتہٕ کھو تہٕ سخ گرٛھان ۔
اُتی چھیس ترپن زگن تاپھ دِنہٕ ستی ترپن زگن ریٚہہ ژلان مگر اُتی چھیس چھوٚٹی
ہندِ پوٚن کُن نظر پیٚتھ پتہٕ زندگی ہنز قدر بیچہٕ نوٚ ماحولیچ اُتھر اُلجمژ
باسان ۔ اُتی چھے پانس ستی خوش زہرگاہ دِلی روز صابہٕ کرناوس اٲش
مگر اُتی چھس چھوٚٹی تہٕ مِس کپوٗر ہِندِ اسن موتہٕ کھو تہٕ سخ گرٛھان تہٕ سوچان
پیٚتہٕ زیادہ کالس روزُن گوو غلط ۔ ماحولس ستی ہم آہنگی تہٕ عدم ہم آہنگی

ہنز یہ دلہ ہل چھے کردارسند وۄتلن بوڈُن کامیابی سان برۄنہہ کُن
انان۔ مگر پوشہِ کجہِ ہُند وۄتلن بوڈن چھُ تمن ہیجانی افسانن ہندِ توژہ
رنش وکھ میہنز۔ بنیادی خارجی تضادس بیٹھ اسان چھے تہ یمن منز اہم کردارس منز
ناکامی تہ کامیابی ہُند تذبذب روزان چھُ۔

ہری کرشن کول سند بیانیہ ساختک اکھ مۄتہ کونچھ ول چھُ یہ زِ
سُہ چھُ اکثر بیک وقت زِ منظر لرِ لوٗر تھاوان یا کردارس دۄن لرِ لوٗر
صوٗرتحالن منز تراوان۔ بیانیہ ہس منز چھِ اتھ طریقہ کارس JUXTAPOSI
TION وننہ آمُت۔ یہ طریقہ کار چھُنہ کول سُند امتیاز بلکہ ہکو اَسی یہ
ترائے مختلف افسانہ نگارن منز وُچھتھ۔ مگر تس نش چھے یہ تراے
گوڈ پیٹھے اَسہ منز تیمہ ٹاکارہ مثال "پتہ لاران پربت" سوٗمبرنہ منز شامل
"أذ" افسانہ چھُ تہ یہ ول ورتاونچ کوشش چھے تمی "سرُِ نی کھیل" یا
"پتہ لاران پربت" ہوٚن کمہ ورافسانن منز تہ کرمژ تہ "یتھ راز دانے"
تہ "زول اپارم" ہوٚن کامیاب افسانن منز تہ۔ ہرگاہ وَتوزِ کول چھُ یہ
طریقہ کار ورتاوتس منز وۄستاد غلط گژھِہ نہ۔ امیک ورتاو چھُ تیہندِ
ڈسی مختلف فنی مقصد وموکھہ کرنہ آمُت۔ بیانس منز دۄن منظرن ہُند
رل کرنہ سِتۍ چھُ سُہ افسانہ کِس بیانیہ ساختس منز زمانہ یا جایہ تبدیلی کرِتھ
عملہِ ہندس تسلسلس منز خلل تراوان یمہ سِتۍ پلاٹچ مستقیمی تہ سلسلہ وارتیب

ترٛاے گَتّاں چھےٚ ـ "تاپھ" افسانہٕ چھُ اَمِچ رٔژ مثال ـ یَتھ منٛز افسانچ
عمل دلہِ منٛز سپدان چھےٚ مگر اتھ سٟتۍ چھُ کشیٖرِ منٛز مقیم پوشہٕ کُجہِ ہندِس
زِہٹس نوشہِ نٟچوی سٟتۍ زندگی ہندی منظر تسندِس ذیٖہہتہٕ کٔسہِ پردس پیٹھ
بِہتھ قارِی ین تہٕ دیدمانہٕ سپدان ـ یتھ پاٹھۍ چھُ کول دۄن منظرن ہٕنز
متوازیت پادٕ کرنہٕ سٟتۍ رِوٲیتی پلاٹچہِ تعمیر کٲری نش مُچھ رٕ وٗزِتھ ہیوکمُت ـ
دوٚیِم امہِ سٟتۍ چھُ راوی کردار ہٕنز عملہٕ تہٕ وطیرس متعلق تجزیہ یا تبصرٕ کرنہٕ نش
پٔتھ رۄزِتھ تسُند رول محدوٗد کرنہٕ آمُت ـ اَمہِ سٟتۍ چھےٚ افسانس منٛز باونہٕ
بدلہٕ ہاونچ خصوٗصیت وۄتلِتھ ڈرامٲیی عنصر تہٕ وارد سپدی مٕتۍ ـ کردارن
ہُند اندرۄن بیروٗن عیان کرنُک چھُ یہ اکھ موثر ول تکیازِ دۄن
متضاد صوٗرتحالن سٟتۍ بُتھی لاگے کرنہٕ سٟتۍ چھُ کردار پانے پننۍ نہاں پہاں
ہاوِتھ دِوان ـ اَوے چھُ کولس متعلق وَننہٕ آمُت زِ تسندی کردار چھِ پانے
پننہٕ بُتھہِ پیٹھ نکھوٹہٕ ہٹاوِتھ پننۍ خصلت ہاوِتھ دِوان ـ یہ ول ہیوکُس
کولَس ہندین بٔییہ تہٕ کینژن افسانہٕ منٛز وُچھِتھ ـ مثلن "یتھ راز دانے"
منٛز موہن جی تہٕ زندگی لرٕ لوٗر لو یہ ٹاکۍ زندگی ہندی جلوٕ،" "نہ وننہٕ لایکھ
کتھ" افسانس منٛز راوی ہندی کٕس تہٕ مقبوٗلِ صاٮ۪بس سٟتۍ وابستہٕ واقعہٕ یا
"زوٗل اپارِم، افسانس منٛز" میرین ڈرایو تہٕ ڈلہِ اپارِم منظر ـ اَمہِ علاوٕ تہٕ
چھِ بٔییہ تہٕ کینژن افسانن منٛز منظرن ہندِس اتھ رلاوس کام ہینہٕ آمٕژ،

بعضے نمایاں پاٹھ تہٕ بعضے کم نمایاں پاٹھ۔

اَمہٕ سِتۍ چھِ نے کوٚل ہنز کردار نگٲری منز تہٕ اَکھ سَنٛنس لایق خوٗبی وۄتلیمژ۔ سوٗ گیہِ یہِ زِ کردارس دوٚن صوٗرتحالن سِتۍ بُتھی لاگے کرناوِتھ زِنہٕ سُہ پانہٕ کُنہِ تھر۔ رِ بیٹھ ہیٚنہٕ تیز مشاہدٕ سِتۍ یہندِن روِین تہٕ ردِ عملن نہٕ صرف پانہٕ ژرژان تہٕ تماشہِ وُچھان چھُ بلکہ چھُ قٲری ین تہٕ تماشہٕ بین بناوان۔ قٲری تہٕ چھُ یہِ وُچھتھ کردارٕ ہندِ شخصیتکی مختلف پن سوٗمبرِتھ تسٕند تصویر پانٛی پانے گران۔ یہِ چھُ پوشہِ کجہٕ ہندس کردارس متعلق تہٕ صحیح۔

ترٛیٚیم چھُ اَمہِ طریقہ کارکہِ ورتاوٕ سِتۍ صوٗرتحالن منز تقوٗبل پادٕ سپدمُت۔ تخلیقی ادبس منز چھُ یتھ ہیوٗ تقوٗبل ٹھیم کہٕ واتناوٕ رِ باپتھ اَکھ کارگر وسیلہٕ۔ "تابھ" افسانس منز چھُ اَمہٕ تقوٗبلچہ خوٗبی کِنۍ زندگی ہندی تضاد تہٕ تفاوژن ہندی مختلف رنگ بروٗنہہ کُن آمتی تہٕ یہِ تقوٗبل چھُ اَتھ منز مختلف سوٗتھرن پیٹھ لبنہٕ یِوان۔ اکھ طرفہٕ دلہٕ ہند تابھ تہٕ دوٚیمہِ طرفہٕ کٔشیرِ ہنز ٹرتھ گرٛتھ وُنی تر۔ اکھ طرفہٕ کٔشیرِ ہند بُرتھ طرفہٕ بالوٚ وُلتھ محدوٗد آسمان تہٕ دوٚیمہ طرفہٕ دلہٕ ہند کُھلہٕ ڈُلہٕ آسمان۔ اکھِ طرفہٕ صابٕنۍ تہٕ چھوٹی ہنز پُرسکوٗن تہٕ پُر آسایش زندگی تہٕ اَتھ مقابل گاشنۍ پُرانتشار زندگی۔ غرض یہِ تقوٗبل چھُ نہٕ صرف ماحولس بلکہ کردارن ہٕتہ تہندِن رُوِین تہٕ سوچن ترابہٕ منز تہٕ وۄتلاونہٕ آمُت۔ بیانیہ ساختس منز چھُ اَمہِ تقوٗبلہ سِتۍ افسانکس

تو ژس منز ہر بر سپدمت۔

بیانیہ ساخت کہ امہِ تقوب علاوہ ہرگاہ کردار نگاری ہند نوقطہ

نظرِ وچھو تقوبلیہ عمل چھے پوشہِ کجہِ ہند ذہنس منز چلہ ونی تہ یہ چھے

ظاہری صورتحالس تہ حقیقی صورتحالس درمیان تہ۔ ابتدا ہس منز چھ پوشہِ

کجہِ ہند صورتحال یتھ ژِ سوہ چھے ونان "ژِ سوہ ترِ تہ ریتہ ہ کالہ تہ کیشرِ والیس"۔

مگر واہ واہ چھ تس حقیقی صورتحالک اندازہ لگان تہ چھیکرس چھے ونان،

"اگر ستی دول بنہِ ہیس، سوہ ترِ ہے دہن ژہ ن دوہن تام کیشر"۔ چنانچہ

حقیقی صورتحالس متعلق یہ انزاگی چھے ہاوان زِ افسانکس افسانوی دنیہس منز چھ

کردار تبدیلی منزہ گذران۔ کردار تبدیلی ہیکہ کلی تہ آسِتھ تہ جزوی تہ،

حسبِ توقع تہ تہ غار متوقع تہ، واضح تہ تہ اشاراتی تہ۔ روایتی

افسانن منز چھے یہ تبدیلی کلی یا واضح آسان۔ یکیارِ یمن افسانن ہند

اختتام چھ مصدیقہِ نتیجس پیٹھ سیدان۔ کینہہ افسانہ چھِ تم تہ یمن غار متوقع یا

اچانک پاٹھی کردار تبدیلی سیدان چھے۔ یہند اند تہ آسہ ہے بنگہ کرون۔

مگر افسانہ فنس منز چھے یژھ تبدیلیہ فن کہ نوقطہ نظر کم۔ ور مانہ تہ آمژ۔ مگر یتہ

چھ یہ ز کمہِ آیچ تبدیلی چھے موزون تہ کوس جھتہ۔ امیک دار مدار

چھ افسانہ کس ساختس تہ یتھمہ کسِ واتناو برس پیٹھ۔ افسانہ نگار سند فن

چھ یتھی نے موقعن پیٹھ درینٹھان سیدان نیسہ کمہِ آیچ تہ کمژا تبدیلی

ہاوِ کردارس منز۔ تہٕ افسانٕک اختتام کتھ پأٹھۍ تہٕ کتھ نوٚقطس پیٹھ کرِ مشلن
کولہٕ ہندی "شمسان واراگ" تہٕ "اکھ صأب بیاکھ صأب" چھ غأر متوقع
کردار تبدیلی پیٹھ اند واتان۔ گوڈنکس منز چھےٚ ٹارزن تہٕ پیڈروس
منز۔ آخرس تٔرِتھ تبدیلی رونما سپدان یمیٚک باس بیاکھس منز اَمہِ برٕونہہ
کُنہِ تہٕ میلان چھُہ۔ مگر اَمہِ باوجوٗد تہٕ چھےٚ یہِ کردار تبدیلی ہےٚ نگہ
کرِوِنی تہٕ کھروٕنی تہٕ یہِ تبدیلی چھےٚ واضح تہٕ۔ اَتھ برعکس چھےٚ دوٚیمہِ
افسانکس آخرس پیٹھ یہِ تبدیلی واقعأتی سلسلس تٔھیسے دِنٕچ کوشش
باسان۔ "یتھ راز دانے" منز تہٕ چھےٚ کردار تبدیلی ہنز وضاحت
کرنہٕ آمٕژ۔ مےٚ چھُ باسان زِ ہرگاہ یہِ افسانہٕ موہن جی تہٕ ٹکہٕ فارم
ژٹہٕ کس واقعس ستیٚ اند ووتمُت آسہِ ہے یہِ روزِ ہے زیادٕ پُراثر۔
تیٚندی دُسی پہتہٕ شُرِن اَڈ زاڈ کرنی تہٕ فاقےٚ شوٚنگُن چھےٚ محض کردارٕ تبدیلی
ہنز وضاحت۔ یوٚس نہٕ افسانہٕ کس کلہم توٗژرس کانہہ تہٕ ہُر بر کران چھےٚ۔
اَتھ برعکس چھےٚ نہٕ پوشہٕ کُجہِ ہند کردارٕچ تبدیلی ہنگہٕ تہٕ منگہٕ باسان
تکیازِ اَمہِ تبدیلی ہُند ہوا توا چھُ بروٚنہہٕ قٲیم کرنہٕ آمُت تہٕ امیٚہ آلایشہِ
چھےٚ وقتہٕ وقتہٕ برونہہ کُن تہٕ یوان۔ یہِ تبدیلی چھنہٕ کُلی تہٕ بلکہ اشاراتی
تکیازِ اَمیُک اظہار چھُ شرطیہ اندازس منز کرنہٕ آمُت۔

اَمہِ افسانٕک اختتام چھُ دلکش تہٕ اختتأمی جملہٕ چھُ توٗژرس

کشادگی بخشان۔ تا پتھ چھُ وُشنیر تہٕ دِلہٕ منز پوشہٕ کجہٕ باپتھ سوکھُک وسیلہٕ تہٕ۔ مادی تہٕ ازدواجی سطحس پیٹھ چھُ یہٕ سوکھ صابتہٕ زندگی منز تہٕ مگر گاشہٕ تہٕ زندگی منز چھُ ہتر نیار۔ وونی گوو دِلہٕ ہُندیہٕ ہوانوا چھُنہٕ پوشہٕ کجہٕ ہتر۔ زندگی ہترِن قدرن راس یِوان تکیا زمین ہندی موٗل چھِہ کیشر منز ے۔ تمی پتہٕ سوجسمانی طور دِلہٕ آستہٕ باوجوٗد تسُند روح پھری پھری کیشر یِوان تہٕ گاشہٕ زندگی تہٕ سوکھُک وُشنیر کانچھان۔ دِیو تَسہٕ ترِن قدرن آے تہٕ پاے لگہٕ۔

# بھارتی ہندی زَبانۍ ہندی زٕ ژورافسانہ :

## کیٚنہہ سرسری کتھ

مجروح رشید

جدید افسانن تہٕ بدلوو دوٚیمین ادبی سرگرمین ہندی پاٹھۍ پٮ۪ٹھ رنگ تہٕ روٗپ تکیاز تبدیٖلی ہنٛز۔ ناگزیر ہیٚتر تہٕ امکس لامحالتس ہستۍ ادیبن نامیاتی ہم آہنگی چھےٚ اکھ فطری عمل۔ تبدیٖلی ہندی آگرہ تہٕ تمیٚ نوعیت آسۍ تن کیٚنہہ تہٕ یہٕ چھےٚ بہرحال سماجی تہٕ فکری زندگی پٮ۪ٹھ پٮ۪ٹھ رنگ کھاٚلتھ، تہٕ پنٛنۍ معنویت ٹاکارٕ کٔرتھ، پرانین سماجی، فکری تہٕ فنی قدرن کھوچہ کھاٚلتھ نوٚین تہٕ لگہار قدرن ہند تلاشک ناو۔ کاشُر افسانہٕ آوٕ اکہٕ سماجی، سیاسی تہٕ فکری تبدیٖلی ہندِس نتیجس منز۔ بارسس تہٕ یہٕ چھُ مجموعی طور تمن سارنی تبدیٖلین تخلیقی سطحس پٮ۪ٹھ محیط یم یِتھ شیٚتھن وٕرین دوران کاشرِس ذہنس تربیت ہہ تہٕ تہذیب کران آیہٕ۔ کاشرِ افسانن کوٚر سماجی حقیقت پسندی پٮ۪ٹھ پنٛنہ سفرک آغاز تہٕ جدید دورس منز۔ کوٚر امکس ووہ یرادس منز وہمہٕ صدی ہنٛز۔ وفکری تہٕ فلسفیانہٕ نہجو اہم رول ادا۔ نہٕ صرف بدلیو کاشُر افسانک ہیٚم بلکہ ژٕٹی کاشُر افسانکی ساختن تہٕ نوٚی رنگ تہٕ روٗپ۔

جدید کأشرِس افسانس منز چھُ تھیم تہٕ ساخت کہِ حوالہٕ ہردے کوٚل
بھارتی اکھ اہم افسانہٕ نگار ییٚمی پننہِ تخلیقی سفرکہِ آدن کالہٕ پیٹھے افسانہٕ کہِ
مروجہ چوکاٹھ تہٕ طریقِ کارنِشہٕ منحرف سپدتھ افسانہٕ لیکھنہٕ کین نوین طرحن
ووٚن دِیُت تہٕ ییٚمی بیانیہ فنُک نوٚو طریقِ کار پانُنوو۔ کأشرِس افسانس منز
مروجہ ڈِسکرپٹِو نریشنہٕ DESCRIPTIVE NARRATION نِش ژاٚنِتھ مأنِتھ
ژُن تہٕ علامتی نریشنک SUGGESTIVE NARRATION اکھ نامازِس تہٕ
کارگر طریقِ کار بنیوو بھارتی سندِ افسانٕچ تجسیم۔ روایتی اظہارچن وتن
نہٕ کین تہٕ اسلوبکہِ نوٚو وَتہٕ پَدٕ تلاش کرنُک بنیادی وجہ اوس درپیش
نفسیأتی، وردار تہٕ کھوٚرٕ دار ژٕوین آیہٕ اندری آیہٕ ہاوُن۔ فکرتہٕ سوچ
چھُ تمی سندِ افسانُک اکھ اہم پاس یُس بعضے افسانکس بُنیأدی مقصدس
خلاف کھڑا باسان چھُ۔ پننہِ زمانہٕ چین فکری رُوِشن تہٕ تازٕ وارٕ نفسیأتی
کھُرِن ہند پرتہٕ پاٹھی تخلیقی عرفان بنیوو ہردے کوٚل بھارتی سندین
افسانن ہند محاصل تہٕ ہرتر۔ تہٕ امی عرفانہٕ ستی رُوٗٹ تمی سندی افسانن اکھ
غأر رِوأیتی رنگ تِکیازِ بھارتی ییٚس باسیوو زِ افسانُک رِوأیتی بیانیہ
ہیکہِ نہٕ تِتھین حالاتن منز کانہہ تخلیقی اَتھ روٗٹ کرِتھ۔ اَدے کینہہ لیوٚکھنہٕ
تمی شاید کانہہ تیٚتھ افسانہٕ ییٚتھ اَسی کرداری افسانہٕ (character
یا رِوأیتی معنین منز مربوط پلاٹ وول افسانہٕ وَنِتھ (story

ہیکَو۔ عین ممکن چھُ کاُنسہِ پرِن وآلِس باسہِ تمیٚ سُند" آبنوسک رولر جگرپچ مش تہٕ ملہِ ہُند دِہہ" ہیوٚ افسانہٕ تہٕ اکھ رِوایتی تہٕ حقیقت پسند افسانہٕ تاہم چھُ پرزریہِ زِریہِ افسانہٕ تہٕ چھِ روایژنش ڈٲلتھ تہٕ مرد تہٕ زنانہٕ ہندِس رِوایتی، باہمی تہٕ آفاقی رشتس محیط آسنہٕ بجایہِ دوٚنوٚنی درپیش ہُندر تہٕ زندگی کُس مشینی فضہک ترجمان۔

" بہٕ کیازِ چھس نہٕ ژُٹھ، تراٚشتھ جل جل
ییٚمہِ بجہِ مشینہِ ہُند ییٚمہِ بڈِ کارخانک سیٚٹھاہ
لوکٹ تہٕ غاراہم پرُزہ بنان۔ گریسہِ منز
رلتھ وُمُت۔ میٚ کرگرٹھ ییٚمہِ سارچ ہاوٚں"
(آبنوسک رولر جگرپچ مش ملہِ ہُند دِہہ)

بھارتی ہندین افسانن ہنز اکھ بیٚیٹھی بیٚیٹھی پرنے چھےٚ ییٚمہِ کتھِ ہُند شدید احساس ووتلاوان زِ اَتہِ نہٕ چھےٚ رِوایتی پلاٹ ساٚزی تہٕ نہٕ واقعاتن ہنز سو ترتیب یوٚسہ وجوہی رشتو کِنہِ پاہ دِ چھےٚ گرٛھان بلکہ چھُ پلاٹ تمن لوکٹین لوکٹین واقعاتن ہنز صورت رٹان یمن سطحس پیٹھ بظاہر پانہٕ واٚتی کانہہ رشتہٕ چھُ نہٕ تاہم چھِ یِم نفسیاتی سطحس پیٹھ اکھ اَکِس سٟتی ہم آہنگ تہٕ جوڑتھ۔ پلاٹ ساٚزی ہُند یہِ طریقِ کار تہٕ واقعاتن ہنز اَمہِ قسمُک ترتیب سازی چھےٚ شاید تمہِ لےٚ معنوٚیژ ہنز

ژینہ ون یوسہ بھارتی ہندِ سونچیح محور چھے تہ یتھ اُنزی منزی گرٹھن تمُ ہندِ فنک مولہٕ مقصد باسان چھُ ۔ "ہمزاد" افسانہٕ آسی تن یا "اُخری سبق"؛ "ژکرہ وُپہہ" آسی تن یا "شہرزٕ"، "جوٗٹھ گوو یادشاہ" آسی تن یا بێیہ تہِ کانہہ افسانہٕ یم ساری افسانہٕ چھِ بُنیادی انسانی صوٗرت حالکی (Basic Human Predicament) ترجمان ۔ گہے چھُ یہ انسانی صوٗرتِ حال محمد بن اسحاق، ابھیمینیو تہ ارجن سُند روٗپ رٹان تہ بعضے چھُ بینک چہ باہ پور بلڈنگ ہندِس روشن دانس اندراٹھنگ ہاوسناک ہمزاد کو ترائیح تجسیم کران ۔ یتھین افسانن منز چھُ ژیر پاٹھی ساری کال متحرک تہ راوی حبسہٕ ولسبر تھ ۔

"کمر چہ لبہٕ بیٹھ ولسی گومُت یہ ژُپہہ
چھُ شاید میانہِ ژکرہ وپہک اُخری دراز
شاید چھے وونی میانی واری وارژمژ"

(ژکرہ وُپہہ)

"اما کوترس تہ زنٔ گوو انزیر ۔ کیٚنہ
جایہ گوژ ھسہٕ کانسہ واردات کورمُت
آسُن سُہ ہے زامتے چھُ پٔٹس ژٕنہ رکھ کٔرتھ ۔"

(ہمزاد)

"پوٚز شاید چھُ تَنہٕ بنیہِ کیاہ تام سپُدمُت
شاید وولہرش آمژ شُکل چھُ نہ سرٛ کہٕ
دوٗر دوٗر تام نظرِ گژھان یُس اَسہِ دربار ہمکھنگ
نیب اوس"۔ (شرٛز)

"تہٕ بس ستی گوو مندرچہ گھنٹایہ تُیتھ ٹھنُوں
زِ بازگشت ستی گوو سارے شیش چوٗر أندرٕ
تہِ تہٕ نیرِ تہِ تہ بہ آس شیشہ چوٗرِ کُس اتھ ملبس
تَل ہیتہٕ، کھنجہِ سندیہِ أندرِمن تیہن تام تہٕ
بند بند گوو رتہٕ داٚوی۔ وارٕ وارٕ ہیتِن زخم
ہوٚژنی تہٕ وونی چھُس بہ زندٕ لاشہ
مگر یانس ٹوٗکھ دِنس چھُس نہ وُنہ تہِ یہران"۔

(أخری سبق)

"قدم کھٹہر آوِتھ ہرٛاو بیرلن کیاہ تام ونُن
زِ موغلن ووٚنُس ژٹوٚنی کرِتھ: "بس سوالس
میٚوُن جواب ...... درایہٕ پھٹ کیتھ ..."
وناں ونان آیہ موغلس مرنہٕ یہِ أش ٹارٕی!" (جوہٹہ گوو پادشاہ)

یہِ زن گوڈے وَنہٕ آو زِ بھارتی ہندِ افسانُک دُنیا چھُ علامتی نریشنُک (suggestive Narration) دنیا یِتھ منز فردس تہٕ تس درپیش اجنبیژ (Alienation) پرٕناوُنچ اکھ شعوٗری کوشش کارفرما چھےٚ تہٕ یوسہٕ راوی لیس تہٕ دوٚیمین کردارن ہنز "لاکرداری" ہُند استعارٕ یا علامت چھےٚ۔ "پرٕاُرُن"، "بس" (Bus) تہٕ "عذاب" ہوی لفظ چھِ بھارتی ہندین افسانن منز تکرارٕ سان موجود تہٕ یہِ تکرار چھُ تہنز علامتیت درشاوان یوسہٕ فردِ ہنز روٗٹین (Routine) زندگی ہنز علامتی باوَتھ کارٕی چھےٚ۔ اَتھ گوٚٹ، گاش، آزاد، شیشہٕ زہر بوٚستور، باندرِ گوٗمت رٕتھ، تزکی ہوی لفظ چھِ شعر زبانی سیٹھے نکھ تہٕ یم چھِ افسانچہ باوٕژ ہندِ علامتی دوٚ پزاوکی تہٕ جذبچہ قوٗژ ہندی ضامن تہٕ آیینہٕ دار۔

"یہِ چھُس از تہٕ راتہٕ کی پاٹھی لیسہٕ پراران تہٕ رات اوٗسُس بہٕ اوتہٕ کی پاٹھی لیسہٕ پرٕاران۔ شاید پرٕاوٕ بہٕ اُزی کی پاٹھی پگاہ تہٕ بسہٕ۔ بس چھےٚ دوٚہے یوان۔ خبر کیتہٕ پھیر کران۔ بہٕ تہٕ چھُس اَتھ باقاعدگی سان پرٕاران۔ مگر گرا سوٚ یوان تہٕ بہٕ آسان واتنے تہٕ گرا یہِ واتان تہٕ سوٚ آسان درامژ۔

(ہمزاد)

"ہاں، خبر چھم۔ مےٚ وۄنُس ژٕ ٹونی کرِتھ، تکیازِ
مےٚ اٰس خبر زِ سو چھےٚ بسہِ پژارنُک عذاب
کم کرنہٕ خاطر لنڈ زیٹھراوان تہٕ بہٕ اوسُس
اَمہِ عذابُک وۄنی عادی بلکہ اوس وۄنی یہِ
میانہِ زندگیہِ ہُند اکھ حصہٕ ہیوٚ بنیومُت۔"

(شۄزر)

"سُہ چھُ اُکی سے ستیٚ باجِس زار پار
کران۔ مےٚ کرِ تۄ گوٚلی لاٰیتھ ییمہِ عذابہٕ
نِش آزاد تہٕ اگر ہمت آسِس تیلہِ پانہٕ پانس
پانےٚ "عذابہٕ" نِش موکلاوان۔"

( آبنوکُک رۄلر، جگرِچ مرشلہِ ہُند دِہ )

زبان ورتاونکہِ حوالہٕ رُوٗد بھارتی ہمیشہ حدٕ رُوٗس ایجاز تہٕ
اختصارُک قاٰیِل تہٕ زبانی ہنٛبت تمِ ستہٕ اُمی وطیرن تہٕ ژُوٗدین
کوٚرٕ تمی ستہِ افسانیٚ (compactness) تہٕ تمیُک علامتی مزاج
مشخص تہٕ یِم دۄ نوے خاصیژ بنیہِ تمہٕ سنزِ تخلیقی پرزنژ ہُندی نشانہٕ
یِم تھتر۔ ہونرمندی ہندِ شعوٗری ورتاوُک فطری محاصل چھِ۔ تمہٕ ستہ

لفظہٕ ورتاو چھُ نہٕ ریوایتی افسانہٕ چہ زبانی ہندی پاٹھی نریٹیو یا زیادٕ
کھوتہٕ زیادٕ تمثیلی بلکہ چھےٚ اَمِ تراے گوڈٕ بیٹھے مجازی (Figurative
روٗزمُت ۔ اَمی طریقِ کارن ووتلو وتمی سندین کلیدی لفظن منٛز ۔ علامتی تہٕ استعارانی
ہوا نوایتمہ کتِ تمی سندین افسانن منٛز اساطیری فضایہٕ ماحول کاڈ کڈتھ چھُ ۔

"روشن داہن کہ لوکٹہٕ شیشہٕ پٹہِ منٛز چھُ صاف لبنہٕ
یوان زِ اندر چھ دنیہک اَکہ گوٚٹ ژبلہٕ ژرٹ
کرِتھ بند تھونہٕ آمُت ۔ شاید چھُ بینکہٕ والیو یہٕ لاکر
(Locker) بنوومتے پٹن پٹن اَکہ گوٚٹ محفوظ تھونہٕ
خاطرٕ ۔ کم مولل چھا گوڈٕ یہ تہٕ وصف تہٕ چھس نہ کم ۔ بینکہ
واکی ہرگاہ نہ یتھی لاکر تہٕ بناون، لوٗٹھ ووتھ اَکہٕ گٹس ۔
گوڈٕ چھا یتہٕ کم بو چھا کار ۔

(ہمزاد)

"ربٕ تلٕ وارٕ وارٕ سیکہ پیٹھ نوک زٕ تھوٚد تہٕ پھرُن پانس
کُن ۔ یتہٕ کرُن لچہِ ہندی زہر ۔ لوٗستوٗر کرِتھ ہوس
منٛز کھڑا تہٕ اکھ، زٕ، ترٕے، ژور ۔ خبر کیتہٕ پھ درٛن
پاتسے لوٗ یہ تہٕ امہٕ یتہٕ ڈیتن اَتی لنس امانت ۔ پتھس
چمک وٕنس تیشہٕ منٛز س پیٹھ اوس تسنٕد شو عجیب باسان"۔
(آخری سبق)

"کیاہ سپدُس۔ دل پھٹنہ گوس رتھ بانڈ۔ وپھنک
توانگر گوس ختم تہٕ پرٚزی راوُس پہچان۔ تٔرکیو وٚنس
زانتھ چھےٚ دٕرکہ علاج۔ پوٚز دٕرکہ گرٚی اُس کرتام بستی
ترٲوِتھ ژٲلِمتہٕ۔ تکیازِ وٕہ نی اوسُس تہٕ بستی منٛز۔ کأنہِ
رتھ بانڈِ گرٚ ژھان۔" (شرز)

چوٗنکہ بھارتی چھُ پننہِ روشن روایژ تہٕ تابناک پتھ کالس پوٚر پاٹھی وأقف اوکنہٕ چھِن پننین افسانوی واقعن منٛز تہٕ تمن منٛز گیر تہٕ آورن کردارن ہنٛز نفسیات سمجھنہٕ خٲطرٕ گژھے اسطوری گھےتواریخی تہٕ نیم تواریخی واقعہ تہٕ کردار پننیو کارگر تلازموٕ زٕنگی ورتاوِتھ بدست لمحہ بے معنویت تخلیقی سوتھرس پیٹھ تصویر بند کرنہٕ خٲطر نوٗی میتھ ( Myth ) گرٚدمتہٕ۔
بھارتی سندین افسانن ہندی کردار چھِ لاشخصیت تہٕ تم چھِ سیاسی نظریہن ہندس کھوکھریارس منٛز گیر تہٕ ہجومن، جلسن تہٕ جلوسن ہنٛز بربارِ منٛز تحلیل۔ ہہٕ، سُہ، تمہ، تمن ضمیرن ( Pronouns ) تراوِمتہٕ تہٕ تمن واقعن منٛز آورٕ یم وجوٗہی سطحس پیٹھ کم تہٕ نفسیاتی سطحس پیٹھ زیادٕ پیش پیوان چھِ۔ مذکوٗرٕ کردارن ہندِ حوالہٕ چھےٚ

یہ کتھ تہٕ اہم زِ یمو منز۔ چھِ کیہنہ بعضے مؤلہ کردارن ہندِ بن ALTER-EGO
ہن ہندی استعارٕ باسان۔ قارِس امیک باس دِین یا لگُن چھُ بھارتی
ہنزِن شعوری کوشش ہُند نتیجہ تہٕ یہ استعاراتی ترٛاے چھِ تسلسلہ
سان تٔمۍ سندین افسانن منز۔ اکہ ٹیکنیکہ رنگی نمایان۔ اکھ ہے کردار سٕنز شخصیژ
ہندین دوٚن متضاد تہٕ الگ پاسن ہُند کُنہِ یوٚدوے تٔمۍ سندین افسانن
منز مجموعی طور تخلیقی سوتھرس پیٹھ واضح چھُ تاہم چھِ کیٚنژن افسانن منز سیٹھے
مشکوک۔ مثالہِ پأٹھۍ ہیکَو وُنتھ زِ "ہمزاد" افسانک "کوتر" تہٕ "شہر" افسانکۍ
"شرز" تہٕ "سو" کردار چھِ راوی سٕنز شخصیژ تہٕ تمہِ کین دوٚیمین
پاسن ہُند کامیاب باس پیدٕ کرن۔ آخری سبق افسانکۍ "سُہ" تہٕ
"بچ" کردار راوی سٕنز شخصیژ ہُند استعارٕ بنتس منز جمالیاتی سطحس پیٹھ
مشکلاتن منز گیر باسان چھِ۔ یتھ جایہِ یمن ترسونی ہندِ کُنہ رُک باس
ہیکہِ ہے لگتھ یتھی جایہِ چھُ:

"اِں۔ اگر ژٕ نے یِوتے سارِیُوے شیشک موہ چھُ فضوٗل"
"تٕمۍ وُن زن پانسے ستی تہٕ لورک کیہنہ یوزتہٕ لغار دراو کمر منز تیٚر"
مکالمکی ورتاوَن تہٕ تتھ پیٹھ راوی سُند بیانُن چھُ مطلوبہ تخلیقی TRASITION
ہنا مشکل بناوٕ مٕژ یوٚدوے سیکہ ٹکرُک تہٕ پیرانہٕ متدرجہ گنڈاٹ یہ ہندِ تنامیاتی
رنگُک تہٕ راوی سُند بچ بنُنک اشارٕ افسانس منز موجود چھُ۔ یہ بچہ پیدٕ تہٕ وردار

افسانوی ایروچ چھُ بھارتی ہندین افسانن منز۔ گہے مِتھ کہ سأدر وار
ورتاوُک تہٕ گہے نوٚ متھا سکہٕ ( Mythos ) منٕ کانٛہہ تخلیقی
ہاوسک ترجمان۔ مطلب یہٕ زِ باوژ تہٕ ہوتر مندی ہُند یہِ تامیأتی
میُل چھُ بھارتی ہندِ افسانک ساخت تہٕ تمیُک کلہم معنہٕ مطلب
تہٕ۔ بھارتی ہندِس افسانوی دنیہس منز۔ چھُ خالے کُنہِ جایہِ زندگی ہنز
معنویژ ہنز ژینہٕ وٚن موجوٗد تہٕ تتہٕ چھُ یژ پانٛٹھ بے معنویژ تہٕ اجنبیژ
ہُند راج۔ کوژر، شہٕ زِ تہٕ بچ چھِ کأشرِ اجتماعی سائیکی ہندی ترے
اہم ترین آرکی ٹائپ تہٕ یمن ترہنوٚنی آرکی ٹائین ہندِ تخلیقی ورتاوِ
ہستی چھِ افسانہٕ نگارن پننہِ یاوتھ کارگر بناومژ تہٕ ہستی چھِن متھس تہٕ
اکھ نوٚ زندگی عطا کٔرِتھ امہٕ کہ منز۔ یدِ زٕ نکی امکانات ید کڈی متی۔ "جوٚٹھ
گوو بادشاہ"۔ افسانس منز۔ چھُ اکبر تہٕ بیربل (زٕ تواریخی کردار) تہٕ تہند
باہمی رشتہٕ کہ حوالہ جدید تر زندگی ہندین دوٚلاین سام ہیتھ اکھ
اسطوری فضا پأدٕ کرنہٕ آمٕژ یُس زندگی ہنزن ٹھوس حقیقژن تہٕ
نازٕ ترین سیاسی ووہٕ لہرشن زیرپانٛٹھ عکساوان چھُ۔ جدید دورچہ
مادیژ تہٕ امکس نتیجس منز۔ بارسس آمٕژ جنگی ذہنیژ ہنز عکاسی
چھےٚ بھارتی ہندین افسانن منز۔ ہتہٕ یتہٕ نٛیوٚ یہ چھیکرس انسان
ہسنز مجموعی مادی بوچھ تہٕ بے وقوفی پیٹھ زہر لوٚرُت طنز۔ چھےٚ۔

" خبر ہٹس ژٕنہٕ رٕکھ کرٕتھ کو ترٕ ما چھ اُتھی جلوسس منز ہیہٕ ہیہٕ آمُت ۔ یس گرٕشھ ہٕ نہٕ تو تام ییٚ یوٚ تام نہٕ جلوٗس واتہٕ ۔ اَتھ جۄ ہٕ جو شس منز کس روزٕ تس ند خیال اَدٕ ہٕ چھکھ ہٹس ژٕنہٕ رٕکھ کرٕتھ سوٗزمُت ؟ بینک چھ باہ پور بلڈنگ ہُند روشن دان چھُ تس بخار نا مکمل ہٕ " وجارٕ ہیوٗ باسان ۔ حالانکہ اَنہٕ گنڑٕ چھتے لاکرس (Locker) منز باضابطہٕ محفوظ ہٕ گاش چھُ آزاد ۔ بے گنڈ پاٹھی پھیران ۔

( ہمزاد )

" پھِل ژٕندر رہش زوٗن دراہٕ نہٕ دراہٕ زٕ شہٕ اوس اکھ نظر ۔ صرف اکھ نظر ہیوٚر زوٗنہٕ کُن تُلان شاید یہٕ وچھنہٕ خاطرٕ زٕ واتن کتھ جاہٕ چھُم ۔ یہٕ ہٕ اوس یوٚر جتہٕ سان کئی وُپھ اُتھی سیدٕ سیوٚد تُلان " ونان کرٕ تمہٕ رٕتھ پاٹھی ژھوبہٕ زن وُپھ ہٕ ہُند شہٕ ژٕپہٕ سوٗزٕ وان اَس ۔

( شرٕ ز )

" زٕچ ہتہٕ یہٕ خصلت تھوی زٕیاد " تمی ووٗن ڈیکہٕ بیٹھک عارق وہ وہ تھران ۔ " کیاہ ، پانس ٹوٗپھ دٕنچ آ ؟ " " ہاں ۔ اگر تُنے یتے سار یوے تیشنگ موہ چھُ فضوٗل "

( آخری سبق )

"نہ کِتھ پاٹھۍ بنہِ؟" اکبرن کوٚر بیٚیہ سوال تہٕ ہیرٕ آو

سُتیمہِ اَسمانہٕ دلیَس بیٚیہِ ٹھاہ ٹھاہ کران اُسن، سُہ اوسا

بیربلہ سند بےبسی پیٹھ اسان، کِنہ اکبر سنز بیوقوفی پیٹھ

کِنہ دوشوتی پیٹھ، اَتھ متعلق سکہِ وَنِتھ چھُ ناممکن،

دَرِیہ سُند آسُن دیی ہیکہِ جواب دِتھ!"

بھارتی ہندین دون ژون افسانن محیط یہ اجمالی جایزٕ واتناوون

یِیمہِ کتھہِ ہنٛز اند زِ تمۍ سُند افسانوی طریقِ کار پاتناونۍ کٕر تمۍ سند پو کینژٕ و

ہم عصر و شعوری کوشش تاہم میج نہ تمن یہ کرنس منز. کانہہ خاطر خواہ

کامیاَبی۔ مطلب یہ زِ افسانہٕ لیکھنُک یہ اسلوٗب ہیوٚک صرف بھارتی

یس تامے محدوٗد روٗزِتھ تہٕ یہ ہیوٚکہِ اکھ مستحکم رِوایت بنِتھ تہٕ اَمِچ

ذمہ داٖری پٔیہ چھےٚ شاید بھارتی یَس کم تہٕ تمۍ سنز وَتہِ پکن والین زیادٕ۔

# تاج بیگم رینزو: بحیثیت افسانہ نگار

محفوظ جان

کاشُر زبانۍ ہندِس افسانوی ادبس منز چھےٚ تاج بیگم رینزو اکھ مشہور تہٕ معروف ناو۔ تاج بیگم چھےٚ کاشرِ افسانکہِ گوڈنکہِ دورچ کُنی خوتون افسانہ نگار یمیٚ پننہِ وقتہٕ کاشرِ افسانکۍ قاری پانس کُن متوجہ کرۍ۔ اَہندۍ افسانہٕ آیہٕ ۱۹۵۵ء پتےٚ برونہہ کُن تہٕ اَہنز گوڈنیُک افسانہٕ سومبرن ییٚس ۱۹۶۷ء منز شایع۔ یہٕ سومبرن چھےٚ "الاو" ناوہ چھپیمت۔ یتھ جموں کشمیر کلچرل اکادمی ڈسی ایوارڈ دِنہٕ آمُت چھُ۔

تاج بیگمہِ ہندی یادگار افسانہٕ چھِ برم، راجہِ، استان ڈیڈِ تل، بوہٕ صوبہٕ داری تہٕ خوجہ داے۔ تاج بیگمہِ چھِ پننہِ سماجی زندگی ہندین مختلف پہلوہن پیٹھ بارٕیک نظر۔ سوٚ یہٕ کیٚنژھاہ پانس اندٕ کھِ وُچھان چھےٚ تُسند بے سوکھ سوچ چھُ تتھ پننہِ قلمُک نشانہ بناوان۔ سوٚ چھےٚ تہٕ عام کاشر زنانہِ ہندی پاٹھی بدس حالاتن سٕتؠ مفاہمت کرنس پیٹھ آمادٕ۔ بقولِ علی محمد لون:

" وَتہٕ آسہٕ نٕرے۔ یاتہٕ اُتھی اَندی یکبھس سیتۍ مفاہمت کرِتھ نَتہٕ اَتھ خلاف قلم تُلُن۔ تاج بیگم کٔر دوٚیم وَتھ قبوٗل۔ تمہِ تُل اَتھ دم پھُٹہِ ماحولس خلاف قلم۔ تاج بیگم چھِہٕ ہوٚسہٕ گنّجہٕ کنڈان، سو چھِہٕ تَبس گبلہٕ لایان۔ سو چھےٚ یتھِ بُتراتھ پیٹھ کھورٕ ٹھیکہٕ راوِتھ تہٕ پنُن اوٚند پوٚکھ بدِ کڈِتھ کتھ کران"[1]۔

وونی گوو زندگی ہُند سوٗن وۄگُن وُچھتھ چھےٚ نہٕ سو محض احتجاج بلند کران۔ بلکہٕ چھےٚ سو اَتھ سماجی وکھرارس پننہٕ فنی وۄستادی سیتۍ اکھ زوٗزتہٕ واجینٕ تخلیق بناوان۔ یمن منز اکھ فنی وحدت آسان چھےٚ۔ یمن افسانن ہُند دُنیا چھُ تسُند پنُن تخلیق کردہٕ دینا یتھ منز تمیٚ پننی تخیلیچ رنگہٕ سونزل ووتلاوِمٕژ چھےٚ۔

تاج بیگمہِ ہندین افسانن ہنز بییہٕ اکھ خصوٗصیت چھےٚ یمن منز قصیچ ساخت تہٕ بافت۔ ییمہِ کِنۍ یمن منز قصیچ دلچسپی اندوٚند قایم روزان چھےٚ۔ قصس تہٕ واقاتن درمیان ہم آہنگی چھےٚ کردارن ہنز عملہٕ ڈٕکہٕ بروٚہہ کُن یوان۔ یُہے چھُ وجہ زِ کردارن ہنز عمل چھِہٕ غٲرفطری باسان۔ یہِ خصوٗصیت چھےٚ نمایاں پٲٹھۍ "برم" تہٕ "راجہ" افسانس منز نظرِ گژھان۔ افسانہٕ "برم" چھُ اکہٕ تمہِ طبقُک ہاوس یُس بٔڑ مہٕ سوٚتھرٕ پیٹھ تھوٚد وُچھتھ ہیوٚر کھسُن یژھان چھُ مگر امہِ خاطرٕ

---

[1] تاج بیگم رینزو، "الاوٕ پوٚت منظر"۔ علی محمد لون، باز تلاش دہار سرینگر ۱۹۶۷، ص ۵۰

چھُ اَمِس تی کرُن یِم تِمکی لوٲزمات چھِ ۔ حلیمہِ پننہِ شرم داوس لاگنہِ، پننہِ سوٗرِ
رخت بدلاوُن، تِتھہِ سوسائٹی ہندی عادات واطوار اپناوُنی، یِم چھِ تِم چیز یِمو
سٟتۍ تِمِس پنُن آسُن رووو، پننہِ پہچان ہا یہ تہٕ ضایع گیہ ۔ افسانہٕچ افسانویت
چھےٚ یتھ کتھہِ منٛز، کھٹتھ زٕ بنیادی چھُ مجیدہے لیُس پنتہِ آشنہِ برٛمراوان چھُ حالانکہ
یِلہِ تِمِس حالاتن ہنٛز سنگینی ہُند احساس چھُ گژھان تَمہِ وقتہٕ چھُ سٔری پیٹھی سٲلاب
آسان گومُت ۔ افسانہٕ چھُ سماجُچ اصل شبیہہ اَسہِ برٛونٛہہ کنِ انان ۔ یہ چھُ
کردارن ہٕنٛز علہِ ہندِ امہِ قربتُک نتیجہ زِ اَسی چھِنہٕ "برم" افسانچہ "حلیمہ" تہٕ "راجہ" افسانچہ
اہم کردار راجنس وٕطیرس ناوٹی مانان حلیمہ شخصیتکی زٕ جلوٕ چھِ تِمن حالاتن ہُند
نتیجہ یِمن منٛز سو ہیتہٕ یِوان چھےٚ ۔ افسانس منٛز چھِ تَسنٛدِ شخصیتکی زٕ وٕطیر
برٛونٛہہ کنِ یِوان ۔ اول بحیثیت گرٛ گرٲکِنہِ زنان یٚمہ سُند دنیا تسنٛد خاندار
تہٕ تَہندی شُربٲژ چھِ ۔ دوٚیم یِلہِ سو کلبی زندگی ہنٛد ویوٗرٕ تلتھ پننہِ گرٛیلو
زندگی منٛز اوان چھےٚ تہٕ حمید منٛشس سٟتۍ زندگی ہندی بظاہر میٹھی مگر وکھٕتی
رنگ چھاوان چھےٚ ۔ اَسہِ چھِنہٕ حلیمہ نِس وٕطیرس سٟتۍ کُنہٕ قسمُچ نفرت پادٕ
گژھان بلکہ چھِ اَسی تہٕ مانان زِ افسانکس بافتس منٛز چھُ یہ تِمن حالاتن
ہُند نتیجہ یِمن منٛز یہ خارجی وُلتشوکتی وارٕ وارٕ ہیتہٕ یِوان چھےٚ ۔ خارجی
وُلتش اَمہِ موکھ تکیاز سو چھےٚ پتہٕ آمادگی سان اتھ زندگی نٕر آلوان ۔
یُہے حال چھُ راجُن تہٕ ۔ سو تہٕ چھےٚ حالاتن ہنٛز شکار، یہ افسانہٕ تہٕ چھُ

سماجک بناض۔ یوٚدوے افسانہٕ ڈٲلیلہٕ ہندِس اندازس منٛز شروٗع گرٛھان چھُ مگر یہِ دلیل چھِنہٕ کھران بلکہ چھُ دلیلہٕ منٛزے افسانہٕ ہنٛدِس ارتقاہس کنُ لمان۔ افسانہٕ چھُ راجنس کردارس اٙندی اٙندی ووتنہٕ آمُت۔ حلیمہ تہٕ راجہ یمہٕ زٕ کردار چھِنے تاج بیگمہ ہُندہ سماجی حقیقت پسندی ہُندہ جذبہٕ برونہہ کنُ انان۔ سماجی حقیقت پسندی ہُندہ یہِ جذبے چھُ یمن کردارن ہٕتی ہمدردی ہُندہ موجب بنان۔ یہِ تہٕ چھُ پزر زِ یِمو دوٚیو کردارو ڈٲسی چھِنے تاج بیگم سائنٛس تتھ سماجی نظامس پیٹھ طنز کران ییٚمہٕ کِنی زنانہٕ زندگی ہٕنز وٕدہ وٕدہ منٛز استحصال کرنہٕ یِوان چھُ۔ سماجس منٛز مردن ہٕنز پیٹھوولی سببہ چھِ ییٚتھی واقعہ سانہٕ روزمرٕ زندگی ہٕندی اتھیٚتی انگ ییٚنمٕتی۔ چنانچہ تاج بیگم چھِنے پانہٕ تہٕ صنفِ نوزکھ تہٕ صنفِ نوزکھ ہنٛدِ اٙمہ حالت زارک چھُ تس سیٹھاہ سروٚن احساس تہٕ۔ یُہے چھُ وجہ زِ سوٚ چھِنے اخلاصہ سان تس ہٕتی سیدِ ن والِ ظُلمک اظہار مٲری مٔنٛدی آیہ کرنس منٛز کامیاب سپٕز مٕژ۔ مگر تاج بیگم چھِنہٕ یِر یتھ ساعتہٕ مردن ہٕنزِ ی پیٹھوولی پٮ۪تنہٕ طنزُک نشانہٕ بناوان۔ یا یہِ زِ تس نِش چھِنہٕ زنان یِر یتھ ساعتہٕ دوٚد ہٕتی چھِلتھ۔ بلکہ چھِنہٕ تس تِموٚ کمزوٚریو پیٹھ تہٕ نظر ڈٕجمٕژ یِم زنانہٕ ہنٛدِس شخصیتس منٛز موجوٗد چھِنے تہٕ یِم سماجی استحصالکی موجب بنان چھِ۔ یہِ چھِنے الگ کتھ زِ تہٕندی کردار تہٕ واقعات چھِنہٕ غاٚر مانوٗس۔ مثلن "بوٚنہٕ صوبہ داٚری"

افسانہٕ بوبہٕ نی تون یوسہٕ بشیر صأبنی بیگم "بوبہٕ صأب" چھےٚ۔ یہ چھےٚ ہینس خاندارسنز حاکمی ہُند فأیدٕ تُلِتھ سماجی ظلمس تہٕ استحصالس سگ دِوان۔ سأنِس افسانوی ادبس منز چھِ یتھی نسوأنی کردار عنقا۔ تمٕس چھےٚ پننہٕ انفرادی خصوٗصیژ ہیٚچھ نمایندگی صرف تہٕ صرف "بوبہٕ صأب" پانے کران چھِ۔ مگر تمہِ باوجود چھینہٕ سأنِس أندی کِہس منز اتھ تہِ تھٕہِن کردارن ہنز کمی۔ مشعل سلطانپوری چھِ اُمِس متعلق ونان:

> "بوبُن کردار چھُ أکِس ناکارٕ زنانہٕ ہُند کردار یُس ہیٚکہٕ ور تہٕ چھےٚ۔ ہاو باوس لأرتہِ تہٕ اُنہٕ بڈٕ تہِ۔ یِس نہٕ کأنٕہ ہُندے وِہژان چھُ تہٕ یُس اَتھِ آمتین ٹُکن ورٕ أنجرٕ ظلم کران چھےٚ۔ بشیر صأب چھُ رٕوٚن أسِتھ تہٕ تس ماتحتھ۔ کٔرِ مہٕ چھُ مال رٹِنہٕ باپتھ۔ خبر کتیاہ ڈٕلِہ گےٚ یِرشھےٚ بوبُن ہنز لٔتہٕ مونجہٕ"[۱]

بوبُن کردار چھُ افسانس منز پریتھ کردارس حأوی۔ اُمس بروٚنہہ کِنہٕ چھِ سأری کردار غأر اہم باسان۔ دراصل چھُ افسانہٕ نگارسُند مقصد تہٕ بوبنے

---

[۱] مشعل سلطانپوری، "کأشرِ نثرٕکی تعمیر کار"، کأشر ڈیپارٹمنٹ کشمیر یونیورسٹی، سرینگر، ۱۹۸۲ء، ص، ۱۲۲۔

کردار نمایاں کرُن۔ تکیازِ تاج بیگم اُس حقیقت پسندانہٕ سونچ قائیں۔ افسانہٕ نگاری منز چھےٚ سو اُتھی سوچس زیرِ اثر تِھین کردارن ووتلاوان یِم سانہِ سماجکین مشتراویہٕ آمتین طبقن سیتۍ وابستہٕ چھِ۔ تاج بیگمہِ چھےٚ زنانہٕ ہندِس نفسیاتکین مختلف پہلوہن پیٹھ نظر۔ تسنز افسانوی ہونر چھےٚ یہِ زِ سو یتھِ کردار تہٕ فردیاتس اُندۍ نکھٕ وُچھان چھےٚ۔ سو چھےٚ ہوٗبہوٗ یاٹھۍ تمِن ینتین افسانن منز جاے دِوان۔ اتھ منز نہٕ چھےٚ کُنہِ قسمچ کذب آمیزی تہٕ نہٕ بناوٹی انداز۔

ٹیکنیک لحاظ چھُ "استان ڈیڈِ تل" تسُند منفرد اندازُک افسانہٕ۔ یہِ افسانہٕ چھُ استان ڈیڈِ تل روزنہٕ ونین متین تہٕ مرٚن ہنز۔ زندگی ہنز مختلف تصویرہ بروٚنہہ کُن انان۔ افسانس منز چھےٚ تسندین باقے افسانن مقابلہٕ قصس ستھاہ کم اہمیت۔ بلکہ چھُ افسانہٕ نگار تسُند یہِ مُدعا تہٕ مقصد سٔرس روزان زِ سو اَنہِ ہے یہنز۔ زندگی ہندۍ مختلف رنگ بروٚنہہ کُن۔ یہِ چھُ سانہِ سماجک سُہ طبقہٕ یُس نہٕ صرف خاصن بلکہ عوامن تہٕ مشتر وومُت تہٕ منسوومُت چھُ۔ مگر تاج بیگمہِ ہنز نظر چھےٚ ینس اُندۍ نکھس چھِ گرد نزان اُسنز تہٕ تس نِش چھُ یہِ کم اہم طبقہٕ تہٕ انسانی زندگی ہُند اکھ غار معمولی جلو نیومُت۔ سو چھےٚ بارِکی سان اَمہِ پسپایہ طبقچ زندگی ہندۍ اُندری رُذٹہٕ تہٕ تضاد بروٚنہہ کُن انان۔ اَمہِ افسانچ

امتیازی خوٗبی چھےٚ یہِ زِ کُنہِ مخصوٗص قصہٕ چہِ غاٲرموجودگی کِنۍ چھُہٕ اَتھ
کانہہ تہٕ اہم کردار۔ انفراٗدی کردارٕ ہنٛدِ بدلہٕ چھےٚ اَتھ افسانس منٛز متین
ہنٛز اکھ چھوکھ اکھ تہٕ افسانس منٛز چھہِ یمن ہنٛدی باہمی رشتہٕ تہٕ راٲبط
اہم نہٕ زِ خاص کانہہ اکھ کردار۔ پزر چھُہ یہِ زِ یتھ افسانس منٛز چھُہ تاج بیگمہِ
بیانیہ تہٕ مُصوری ہنٛد اکھ ماٲرِ موٚند سنگم پیش کوٚرمُت۔ تہٕ یہِ سنگم
چھُہ کاشرِ افسانہٕ نگاٲری منٛز پننہِ وقتہٕ اکھ نوٚو تجربہٕ روٗدمُت۔

# اکھ صاٮ۪ب بیاکھ صاٮ۪ب:

## اکھ سام

رُخسانہ تبسم

کاشرِس افسانوی دُنیہس چھُ ہری کرشن کول سماجی قولہ ہارٕی ہنٕز اکھ رٕژ مثال۔ یَمنہٕ سماجی قولہ ہارٕی ہنٕز فنکارٕی پرٕ برٕنٛژ ہنٛدٕ تجسیم یا پٮ۪تھ کوٚرٕ تٔمۍ طنٕز بطور اکھ تخلیقی وَل استعمال تہٕ یوٚہے وَل چھُ تمٕس مجموٗعی طور بیٚنٛتھو ہم عصر و تشہ بیوٚن کرِتھ اکھ رٕژ تخلیقی شخصیژ ہُند درجہ دِوان۔ "یہٕ تہٕ لاران پربت" بیٚٹھ از تام یِم تہٕ افسانہٕ تٔمۍ لیٚکھۍ تِمن منٛز چھِ اوٚے طنٕز۔ یا تہٕ سطحس پیٚٹھ نوٚن تہٕ زیرِ سطح کارفرما طنٕز۔ چھُ بنیادی طور صداے احتجاج یا برہمی ہُند اظہار۔ اَمِچ کام چھےٚ سماجکین وچھتین پہلوٗن، انسانی کمزورین تہٕ مروٗجہ نظامچ نشاندہی کرِتھ تِمن ظرافتِکِس پیرایس منٛز۔ دُرکِہ دی دی ٹیپ ژٹنۍ، تاکہ نوٚس طرزس پیٹھ تشکیل دِتھ سپدِ معاشرچ تہٕ سماجک اصلاح۔ یِمُس امیک بُنیادی مقصد تہٕ چھُ۔ صحت مند طنٕز۔ چھُ زندگی ہُند آیِنہ

آسان یُس یِنہٕ وٲپِس وقتس تانی برقرار روزان چھُ۔ جیفر جوسر چھُ اَمہٕ

امہٕ صنفہٕ ہُند بانی کار۔[1]

ہری کرشن کول سُند مقصد چھُنہٕ سماجک تہٕ معاشرک اصلاح۔

وون گوو سُہ چھُ زندگی ہندِس وکھٕ ژارس نٕنہٕ کران۔ سُہ چھُ پننِس ذاتی

تجربس تہٕ مشاہدس بُنیاد بناوِتھ پننہِ نوقطے نظر یِرن والین بروٛنٹھ کنہٕ

تھاوان تہٕ معاشرکین تقاضن ہنز ژینہٕ وٕنی دِوان۔

"اکھ صاب بیاکھ صاب" افسانہٕ چھُ تسُند یِتھے اکھ افسانہٕ۔ یہٕ

افسانہٕ چھُ سیاسی طنٕز پوٚرتھ۔ اَتھ افسانس منٛز چھِ یہِ ہاونٕچ کوشش

کرنہٕ آمٕژ کہ سماجک اکھ مخصوص گروپ کتھہ پاٹھی چھُ لکن پننیو ذاتی مفادو

خاطرٕ استعمال کرِتھ بیوقوف بناوان۔ عوامس نظریہٕ وٲلی یم کردار چھِ

ژٕکہِ کُنی تہٕ حقیقی معنے ین منٛز چھِ اکھ أکس ستہِ نالی نال۔

"اوترٕ پوٚرُم تہُند ایڈیٹوریل، جانہٕ اوسُو لیوٚکھمُت"

اہُن حصہ۔

"اسہِ چھِ تہندس گرو پس ستہِ تہٕ اختلاف جلدی ہموو

توہہِ تہٕ خبر" کینژہ مسٕ کالس رُوٚدی دوشوے

---

[1] طنٕز و مزاح کا تنقیدی جائزہ ۔ خواجہ عبدالغفور ۔ ماڈرن پبلشنگ ہاوس

نئی دہلی ۱۹۸۳ ء

ژھوپہ کرِتھ۔ آخر ووٚتھ گوڈینگ صاب دوٚیمِس
صاٮ۪بس "تیلہِ کیاہ سوٚنچُو کوج کھٮ۪نکھ۔ جناب ضرور
کھیمہٕ۔ یہِ چھُم پننہِ بوٚے کاکنہِ ہُند سال۔ اوے
کوٗز مےٚ قبول۔ اگر توٚہہِ آسہِ ہیو ووٚنمُت بہٕ
کھیمہٕ ہانہٕ ہرگز بتہٕ۔ اصوٗل تہٕ چھا کانٛہہ چیز کیٛنہٕ"۔

اکھ صاٮ۪ب بیاکھ صاٮ۪ب (ہری کرشن کول)

معاملہٕ چھینہٕ اُتھے انْد واتان۔ یمن چھنےٚ اکھ اکی ستہٕ دِن شرِن
ہندِ پکیچ فکرتہٕ لاحق تمن خاطر چھکھ اکھ آیادتہٕ روشن ڈیناتیار آسان تھوٚوُمت
یٮ۪لہِ زن عوام کہن شرِن باتھے دولابن ستہٕ آوراوان چھ۔

"منن ڈِژوو امتحان۔ برونٛہہ کُن کیاہ چھُس خیال
کرنس۔ یہِ چھُس بنیس۔ اگر ژٕ نو ویلایت سوزون برونٛہہ
کُن پرنہِ۔ یا دِموس کانٛہہ جان بہن نوکری۔ اختلاف
چھُ توٚہہِ تہٕ مےٚ۔ یکوٚ کیاہ کوٗر مُنہ چھُنا میون بچہِ"۔

اکھ صاٮ۪ب بیاکھ صاٮ۪ب

افسانس منز۔ ماڈرن آرٹس ستہٕ دلچسپی ہاوِتھ چھ افسانہٕ نگار اَتھ
"رکھ ٹینٹرز" ناو دِتھ عوامچہِ بےخبری ہُند احساس ووتلاوان۔
جدید دورس منز۔ نوینہٕ قسمکی چیز بارسس ینہٕ ستہٕ چھُ انسٲنی ذہن

تہٕ وُسعت تہٕ جدّت پراوان مگر تِکن ہُند تِمہِ آگہی نہٕ پرٲوِتھ چھُ

بیاکھ صاب تُسکر پرٲن زِ سیاست چھےٚ ماڈرن آرٹہٕ نِشہٕ بچتھ۔

" ماڈرن آرٹ وُنی توس یا جدیدیت یہٕ چھُ وٕوٕنی

ادبس منز تہٕ ژامٕژ۔ نہٕ آسان کُنہِ ہوٚٹ تہٕ کُنہِ لوٚٹ۔

تُسکر چھُ زِ سیاستس منز آیہِ نہٕ یہِ جدیدیت تیلِہ کتہِ

آسہے اکھ اُکی سُند نوقطے نظر فکرِ تران "۔

اکھ صاب بیاکھ صاب : ہری کرشن کول

ڈاکٹر رتن لال شانت چھ اتھ افسانس متعلق لیکھان :۔

" اکھ صاب بیاکھ صاب چھ پننس پوس خبر دار۔ جان

کھیوان چوان پنُنین شُرِن وَتہِ لاگان۔ یِم چھِ سیاسی

جلسہٕ جلوس کرنہٕ خاطرٕ تہٕ تِمن اکھ اُکس زندہ باد مردہ باد

کرناونہٕ خاطر اکھ اُکس ستیٚ مشورٕ کران۔ اکھ اُکس ستی

پٲلنگ لین دین کران۔ غرض منز ایجنٹ چھ پالنے یوان

ہارٕ توان تہٕ یہنہٕ سیاسی شخصیت برقرار تھاوان "۔[ل]

دراصل چھُ افسانہٕ نگار سماج کِین تِمن کردارن کُن اونگجِ تلان۔ یِم ظاہری طور

---

ل۔ نثر ژ کتاب۔ ترتیب ڈاکٹر رتن لال شانت : ص ۲۲۶، ۲۲۷ ۱۹۸۱ء

کاشُر ڈیپارٹمنٹ کشمیر یونیورسٹی۔

سماجی ماحولس پیٹھ تنقید کران روزان چھ مگر بنیادی چھ تمے پتہٕ معاشرک شیرازٕ بکھراونکی ذمہ دار۔ یتھ کنی چھ ہرگِز ناکوکن پتمین کردارن ہندِ ذریعہ قدرن تہٕ مُروجہ نظامس طنز۔ کورمُت۔ افسانس منز چھ سہل لفظ تہٕ عام فہم زبان ورتاونہٕ آمٕژ۔ افسانُک موضوع تہٕ چھ فنکارٕی واتاوبرسان تارنہٕ آمُت کانسہِ ہُندناوہیہٕ ورأے چھے تمن کردارن متعلق کتھ کرنہٕ آمٕژ۔ یم ہر زمانکی کردار چھ۔ یم سماجس منز ہر طرف درِ ٹھۍ یوان چھ۔ یمن کردارن ہُند تعلق چھُنہٕ کُنہ مخصوص سماجس تہٕ تمدنس ستی بلکہ چھے یمن ہُنز RELEVANCE ہر ریتھ دورس منز۔

امر مالموہی چھ افسانس متعلق پننہِ رائے باوان لیکھان:۔

> افسانہٕ اکھ صاب بیاکھ صاب چھ استحصالی سیاستس پیٹھ طنز۔ متضاد خیالن ہندی لیڈر چھ فقط اکھ اکی ہندی ژکی در ژکھ بے عقل بناوٕنی تہٕ تہندس رٕتہٕ چھینہٕ لگنس پیٹھ وۄشِس تراوِتھ اکھ اکی ستہِ خاطر جنت کھر کرُن چھ تہند دیُت لہ

افسانٕچ خوبی چھے یہِ زِ کردارن ہُند نفسیات چھ تہنزی کتھ باتھِ منز۔ برونہہ کُن اینہ آمُت تہٕ افسانہ نگار چھ پانہٕ لوب کُن بیتھ۔ آخرس وَنو زِ یتھ افسانس منز چھ سیاسی تہٕ سماجی استحصال ہوی

لہ افسانٕک مُعنی۔ اہار خاص شمارٕ ۲۰۰۲۔ کاشُر ڈپارٹمنٹ کشمیر یونیورسٹی

عامیانہ بگر معنہٕ ساوی موضوعاتن ہُند انتخاب تمہٕ آیہ کرنہٕ آمُت یُس تہندِس فنس پٔتہٕ تکنیکی ورتاوس وسیع دایرن اندر وہراوِتھ معنویت پٔتہٕ تہہ داری بخشان چھُ۔

# کتابیات


۱۔ افسانک فن۔ انہار۔ کاشُر ڈپارٹمنٹ کشمیر یونیورسٹی ۲۰۰۲ء

۲۔ تشریح کتاب ڈاکٹر رتن لال شانت ،، ،، ،، ،، ۱۹۸۱ء

۳۔ طنز و مزاح کا تنقیدی جائزہ۔ خواجہ عبدالغفور۔ ماڈرن پبلشنگ ہاؤس نئی دہلی ۱۹۸۳ء




ارشاد احمد شاہ

"بے اَنتھ" چھُ پروفیسر رتن لال شانت صابٕنُ افسانہٕ۔ یہِ چھُ یِہنٛز ژٔورٕمہِ افسانہٕ سۆمبرنہِ منٛز شامِل۔ یَمُک ناو "ژھین" چھُ۔ اَمہِ برونٛہہ چھےٚ یِہنٛز "اچھر والن پیٹھ کوہ"، "ترٛٚکُونجل" تہٕ "راوی مَتہٕ معنی" افسانہٕ سۆمبرنہٕ بازر یِمٕتؠ۔ "ژھین" سۆمبرنہٕ منٛز شامِل سارنٕے افسانن ہُند مطالعہ کٔرِتھ چھُ ننان زِ یِمن ہند تشکیل چھُ یتھ عدم استحکامکِس دہن پندہن وٕرِیَن دوران سپُدمُت۔ یِمن افسانن ہندی غالب موضوعات چھِ، ہجرت، ژھین، کُنہٕ تنہائی، بے یہرگی، تِوجایہ تہٕ توِ زندگی ہنٛز ناہموارِیہ تہٕ ناآسوٗدگیہ۔ یِم سارٕی اُفسانہٕ چھِ کاشرِس افسانوی ادبس منٛز بالکل اکہِ نۆو تھیٖمکی حامِل۔ یہِ نۆو تھیٖم "ژھین" چھُ وُنکین شانت صابٕنُ شناخت نامہٕ۔ یہِ تھیٖم متعارف کٔرِتھ کٔرِ یمو کاشرِس افسانس نوی آفاق

عطا تہٕ امیک کینوس تہٕ سپُد سیٹھاہ وسیع۔ یِمہِ ستۍ شانت صابُن
افسانوی ادب کاینٲتی سپُد۔ "ژٕھٕین" شایع سپدنہٕ پَتہٕ گوو کاشُرس
ادبس اکھ نوٚو منطقہ عطا۔ چونکہِ بُڈرِس افسانہٕ نگار سٕندِس شعوٗرس
منٛز چھُ عمدہ تہٕ اعلیٰ روایژن ہٕنٛد پارینہ خانہٕ (Secret Archive)
آسان، یِمیک سٕہ استعمال کران چھُ۔ اَمہِ کتھِ ہٕنٛد اطلاق چھُ شانت
صابنین افسانن پیٹھ من وعَن سپدان۔ افسانہٕ نگارن چھِ سیٹھاہ
غارجانبداری کاٚم ہیٚژمٕژ۔ افسانن ہٕنٛد ساخت، کردار نگٲری، مکالمہ
بازی تہٕ ڈکشن چھُ معروضی ورتاوُک اکھ بیٚن ثبوٗت۔ افسانہٕ نگار چھُ
زٕھری جذباتیت تہٕ چھیٚنی سطحیت نِش دوٗر روٗزِتھ ہیوٚکمُت۔
سوٚمبرنہِ ہٕندی اکثر کیو بیشتر افسانہٕ چھِ کردارن ہٕنٛز داخلی کیو خارجی
کشمکش، روحانی اذیت، اژھین مویوسیت تہٕ ہوم sickness
عکساوان۔ پنٕنہِ ماجِہِ نِش دوٗر بر، وجوٗدی کرب تہٕ مہاجر کیمپن
ہٕنٛز ناگفتہ بہ زندگی ہٕندی حامل یِم افسانہٕ چھِ قٲبلِ مطالعہ تہٕ
لایقِ استحسان۔

زیرِ مطالعہ "بے آنٛہ" چھُ حاضر راوی (Ist Person)
وول افسانہٕ۔ اتھ افسانس منٛز چھُنہٕ کانٛہہ اکھ کُن تہٕ مربوط واقعہ
تہٕ چھُ افسانہٕ کیٚن مختلف النوع واقعن منٛز کانٛہہ وجوٗہی رشتہٕ

(causal relation) بلکہ چھُ یمن بظاہر جدا جدا نظریہٕ والین واقعن مابین تھیمیاتی ربط۔ امہٕ افسانک راوی چھُ تیتھ اکھ صورتحالک شکار ییمیُک بیان سُہ کانسہٕ بروٚنٹھ کنہٕ کرِتھ ہیکان چھُنہٕ۔ یودوے تمِس کشیر ترٲوِتھ واریاہ وٕری چھِ گمژِ مگر تمہٕ باوجود چھُ سُہ رتھی خواب وُچھان ییم اُمِس نصف راتھ ولہٕ پاٹھی ہُشار کرِتھ چھِ نِوان۔ اُمِس چھےٚ ہکہ کرِکھ ژلان نیرتھ امہٕ ستۍ چھےٚ اُمی سنٛز آتنہٕ کورِ تہٕ کور ہندین شرٕین ہنٛز بینٛدرتہٕ ڈامکھ گرٕھان۔ یمن خوابن منٛز چھُ سُہ داہ باہ وٕری پرانہٕ کٔشیر ہندی محلہٕ، کوچہٕ گلو تہٕ وٕیدی لڑکہٕ وُچھان۔ یمن خوابن چھُنہٕ کانہہ ہوٚٹ تہٕ اوٚٹ۔ خوابن ہنٛز بے ترتیبی تہٕ بے تعبیری چھےٚ راوی سندِ واُراگ ذہنیچ عکاس۔ سُہ یمو حالاتو تہٕ واقعاتو منٛزی پتہٕ گھرد وٕرجمہٕ چہٕ ترٕتہٕ تادِمنٛز گُزران چھُ تمیچ ری فلیکشن چھےٚ تمی سندین خوابن منٛز عیان یعنے

"...... رتھی سوٚپنُ یوان یِہند پھل نہٕ
کُنہٕ جنترِ یہ منٛز لیکھت اوس نہٕ کانہہ
نانی بُڈبب وُنتھ ہیکان اوس۔"

:: ہتنہٕ زاجاے ترٲوِتھ تہٕ چھُ نہٕ راوی ییس امیک محبت تہٕ عقیدت کم گومُت۔ نہٕ صرف افسانک راوی بلکہ دیگر کرداران

تہٕ چھ اکہِ نتہٕ بیٚیہِ طریقہٕ کشیٖرِ ستۍ تہذیبی، تمدنی، لسانی، ذہنی تہٕ روٗحانی واٹھ۔ یِمو کردارو چھنہٕ پننہِ پان اکس ووہ پرکلچرل یونٹس ستۍ رل ہیوٚکمُت کٔرِتھ۔ راوی ہنز آشیٚنہِ تہٕ چھنہٕ پننہِ پان جیمہِ ایڈجسٹ کٔرِتھ ہیچمٕژ۔ تمُس تہٕ چھنہٕ کشیٖر راوٕنٕچ دگ وچھس اندرۍ اندری کوران۔ تمۍ سُند پننس پانس نہٕ واتُن، پلو پوشاکس کُن نہٕ توجہ دیُن چھُ یِ ہاوِتھ دوان زِ سو تہٕ چھنہٕ تمۍ صوٗرت حالچ شکار یمیک تمۍ سُند خاندار چھُ۔ ووٕنی گوو فرق چھکھ یژھے زِ اکی سُنز حالت چھنہٕ قوبوہس منز تہٕ دوٚیِم ہنز قوبوٚنبر۔

زیرِ مطالعہ افسانس منز چھُ راوی ین جیمٕس اندر رات کیُت اچانک بجلی گژھنس کشیٖرِ ہندِس شبانہ بنٛزلس ستۍ مشابہت کرمژ۔ یِم اگرچہ زِ متضاد واقعہ چھِ مگر راوی چھُ یِمن ہندِ حوالہٕ اکھ متوازی صوٗرت حال بروٚنہہ کُن انان۔ جیمٕس اندر رات کیُت اچانک بجلی بند گژھنہٕ پتہٕ چھُنہٕ کانٛسہ تہٕ کانٛسہ ہُند ہوش روزان مگر اتھ برعکس اوس کشیٖرِ ہند ہُنیُل اکھ اکی سنز ہمدردی وُزناوان۔ کشیٖرِ ہندِس پرانِس رلہٕ ملہٕ سیکولر کلچرس منز اوس بلا لحاظ مذہب و ملت واعتقاد تُلہٕ پتہٕ اکھ اکی سنز خوش خبر پرژھنہٕ یوان۔

اَشھَدُ اَنْ لَا اِلٰہَ اِلَّا اللہ ، اَشھَدُ اَنْ لَا اِلٰہَ اِلَّا اللہ

تہٕ اوم نمازِ شام، اوم نمازِ شامہِ چھ رلہ ملہ آوازٕ پیٚتہٕ اوس
زہ ترٕنے منٹ گڑٛہتھ شور رسہِ رسہِ ہمان تہٕ لوٗکھ آسی وارٕ وارٕ
پننین گھرن اژان۔ بجاے بند تیک تہٕ خیر سگاگی ہُند اوس
یہ عالم زِ عائی کدٕ لگ مام اوس بالکل ہُنلہِ پتے سارٕنی خارٕ باٹھ
پرزٕہنہِ تیران تہٕ اکھتے اوس اورٕ چ یورٕچ خبرا نترٕ تہٕ انان۔

"فتح کدلہ پیٹھہِ نبر سوداگر نی لری۔ گاڈہ کوچس منز
گیہِ زنانہٕ ہیرن ڈلہِ۔ ٹانگس کیتھ آسس ہسپتال
نوان۔ بانہٕ محلہِ چھتے رازدان کوچس منز نار وُتھ
آمُت۔ جوان آسی بجلی گھر دوران زِ اپارٕ کو تہٕ چھو
ہُنلہِ ورٕ بجلی ژھیتہٕ کرمُت.........."

پروفیسر رتن لال شانت چھُ غالباً گوڈنیُک افسانہٕ نگارِس
یاتہٕ پننین افسانن ہند غیر جانبدار ناقد بنیتھ "پوت لوٗگ عرف
چھانس پیٹھہِ بیوٗد پانس پیٹھ" یِس تحریرس منز سام چھُ ہیوان۔

"شین تہٕ تہہ در تہہ بتراتِ لیکھم تیلی مگر
موضوع کہ ہشر کنی تھاوِم یتھ مجموعس منز۔ مطلب
یہ زِ یتھ مجموعس منز چھُ افسانن موضوع لحاظٕ اکھ
الگ رنگ۔ تہہ در تہہ بترات، بنج تنترٕ تہٕ

بے اَنتھ افسانن اندر چھُ موضوع یوٗ ہے حالانکہ

یمن منز چھُ موضوع کھوتہٕ محاورٕ سون توجہ منگان۔"

زیرِ مطالعہ "بے اَنتھ" افسانس پیٹھ یِیلہٕ ہیرِ مہٕ حوالہٕ کُس

گاشس منز نظریہٕ تراونہٕ شانت صابُن بیان چھُ بالکل صحیح ثابت

سیدان۔ حقیقتاً چھُ اَمہِ افسانُک نصف حسن اَمکس محاورس

منز پوٗشیدٕ۔ شانت صابن چھےٚ عام فہم تہٕ ٹکسالی زبان ورتاوتھ

کاشُر زبانِ محاورٕ ژَٹھراوِتھ پرٕژ سبیل کُرمُت۔ کیہنہٕ چیدہٕ چیدہٕ مثالہٕ

چھےٚ بنٕ یمن توکتن منز پیش۔

۱۔ سوٗین یہند ہیل کُنہٕ جنتھر یہٕ منز لیکھتھ اوس۔

۲۔ تراوُن کنٕشیر دلہِ دِتھ یتھ کُنی مےٚ تراو۔

۳۔ وُچھ یمن شُربن تہٕ کرتھ نیٚندرٕ ڈاکھی۔

۴۔ مےٚ پھوٗٹ پھیوٗنٹ پرٕژھی پرٕژھی۔

۵۔ ژٕ چھُکھ روت موکُل۔

۶۔ کوٗلرن ہندی گرٕڈہٕ گیہٕ ژٕ ہ واپاری یک دم ہیتھ۔

۷۔ وُچھان وُچھان گیہٕ کُھٹی توٗندرن منز تبدیل تہٕ شاہ ہیوٗتُن

موٗٹُن۔

۸۔ تم بچارٕی آسن ترٕتہٕ تاوِ پیٹھ گرٕنہٕ ہندی پاٹھی ژھرٕڈہٕ ژھرٹ

کران۔

۹۔ ووٗنی گیہٕ باہ زٕ دٲہ وری تہٕ دماغ تہٕ در ینٛتھے یہ۔ افسانُک عنوان تہٕ چھُنہٕ کنہٕ وضاحتُک محتاج۔ کردارن ہنز بے کسی، بے بسی تہٕ زٕھرہٕ زھرٹ تہٕ چھےٚ پننہٕ بے اُنھ آسنُک پےٚ دِوان۔ کردارن ہُند عذاب چھُ کُنہٕ زھبتہٕ تہٕ زھید رُوس یعنی بے اُنھ۔ پروفیسر مجروح رشید چھِ شانت صابنِس فنس پیٹھ کتھ کران ونان:

"Shant is a committed writer who has a firm belief that art and literature play prominent role in enriching life and help man und-erstand it better. It is because of this very creative outlook that his charaters represent the psyc-hic dilemma of those kashmiris who face the anguish of their in-ner selves and the melancholy of

their restless souls in the far off crowds of alienation. The only thing that helps these charaters in deve-loping close relationships is their mother tongue kashmiri; now the only reminiscent of their cultural legacy. The agony of these charac-ters has been perceived, concei-ved and experienced on human plane and the reader does not face many difficulities in identifying himself with their psychological out-rage and wrathfulness."

مطالعہٕ کِس آخرس پیٹھ ہیٚکو یہِ کَتھ وثوٗقہٕ سان وَنِتھ زِ "ژھینٛ سۄمبرنہِ ہُند" "بے اَنتھ" تہٕ باقی افسانوٕ سٕتۍ یِن تنقیدٕکۍ نوٚۍ دروازٕ مُژراونہٕ تہٕ تحقیق کرن وٲلِس خاطرٕ تہٕ سیدِ خاطر خواہ مواد دستیاب۔

## حوالے:

۱۔ آر، ایل، شانت، ژھین، ییہار پرکاشن، ۹۰۴ سبھاش نگر جوّم، ۲۰۰۵ء ص ۱۰۱ تا ۱۱۰، ۲۰۳، ۲۰۴

۲۔ پروفیسر مجروح رشید (READINGS (Essays on kashmiri literature) جے کے آفسٹ پرنٹرز، ۳۱۵، جامع مسجد، دہلی ۲۰۰۷ء، ص ۱۰۶

# آدم چھُ عجب ذات:

## اَکھ نفسیأتی لسأنی وِرٛژھنے

سجاد حسین وانی

نفسیأتی تنقید یا نفسیأتی لسأنی تنقید چھُ ادبی تنقیدُک سُہ طریقہ کار یتھ منز زن اَکِس ادبی تخلیقس منز موجود نفسیأتی پہلوہن ہنز سام چھے ہینہٕ یوان تہٕ اتھ منز چھُ زبأنی ہُند واریاہ عمل دخل آسان۔ نفسیأتی تنقیدُک آغاز چھُ سگمنڈ فرائڈ SIGMUND FREUD سٕنز و نفسیأتی تھیوریو پیٹھٕ شروع گومُت تہٕ پَتہٕ چھِ اتھ فریم ورکس منز واریاہ تحقیق کرنہٕ آمٕژ۔ فرائڈ چھُ لیکھان:

"The dream-thoughts which we first come across as we proceed with our analysis often strike us by the unusual form in which they are expressed; they are not clothed in the prosaic language usually employed by our thoughts, but

are on the contrary represented symbolically by means of similes and metaphors, in images resembling those of poetic speech"

نفسیاتی تنقید ہکو وارِیہو طریقو سرانجام دِتھ مگر تمام طریقہ کارن منز چھے متنس TEXT اکھ خاص اہمیت حاصل۔ نفسیاتی تنقیدس منز چھُ اکھ اہم ناو جاکیوس لاکان (JACQUES LACAN) سُند یمی سنز کتابہ The Language of the Self: The Function of Language in Psychoanalysis نفسیاتی تنقیدس منز اکھ اہم مقام حاصل چھُ۔

لاکان چھُ لیکھان : "unconscious is structured like a language" تہ یوٗہے جملہ چھُ نفسیاتی تنقیدُک اکھ بُنیادی اصوٗل بنان۔ کأشرِس ادبس منز چھِ نفسیاتی تنقیدکین اصولن تحت سیٹھاہ کم تحقیقی کأم کرنہ آمژ تہ یہ چیز مدنظر تھاوِتھ ییہ یتھ مقالس منز آدم چھُ عجب ذات افسانکین کینژن نفسیاتی پہلوٗہن پتھ۔ سام لبہ کرنہ دِتمتین عنوانن تحت کرنہ :

(۱) انسان تہ قدرت: "آدم چھُ عجب ذات" افسانہ کرٕ نفسیاتی تجزیک آغاز کروان تہ قدرت عنوانس تحت۔ افسانکِ آغازٕ پیٹھٕ انجامس تام چھُ انسان تہ قدرتس درمیان مربوط رشتہ بروٚنہہ کُن اننہٕ آمُت۔ افسانکس پریتھ پڑاوس پیٹھ چھُ قدرت بطے وجود۔ افسانکس شروعس منز چھُ شالیمار باغُک اوٚند پوٚک

سبٹھاہ جان طریقس منز ورتاونہٕ آمٕت ۔ شالیمار باغ تہٕ اَمیک اوٚنڈ پوٚک
چھُ نہایت خوبصورت اندازس منز بروٚنہہ کُن اَنہٕ آمٕت ۔ افسانس منز چھِ
بروٚنہہ یکیتھ قدرتُکۍ دوٚیم پہلو بروٚنہہ کُن یِوان ۔ قدرت چھُ اَکس خوبصورت
نظارس منز اژان تہٕ انسان چھُ اَکس الگ سفرس تیران ۔ حساس انسانی
نفس چھُ تقسیم گژھان ۔ کھبلہٕ وٕتھر بنان، کھبلہٕ وٕتھرس بیٚٹھ آبہٕ قطرٕ بنان
اۄبر لوٚنگ بنان تہٕ دوٗر دوٗر وُڈان ۔ یێلہٕ زن ملہ سبحان تہٕ رمضان
پنٕنہٕ وجوٗدک آبہٕ کھبلہٕ وٕتھرس منز ژھانڈان چھِ، میم صاب چھِنے
رنگ روغنس منز قدرت قاد کٔرتھ سجاوان ۔ ییتھ کنۍ چھِ یم کردار پنٕنۍ
تہٕ قدرتُک رشتہٕ قایم یرٛژھان کرٕن ۔ یم ترہوے بُنیادی کردار چھِ
قدرتکس زالس منز ولنہٕ یِوان ۔ قدرت چھُ اکھ خوبصورت ساتھی مگر امیک
ساتھ چھُنہٕ انسانس ہمیشہٕ راس یِوان ۔ اگر زن قدرت واڑدس وٕرتھنہٕ
روٗمانی خیالکۍ پاٹھۍ بروٚنہہ کُن یِوان چھُ لیکن قدرت چھُ اکھ نرم تہٕ خوبصورت
ساتھی یِتھ منز رمضان سماجک سَنبرتہٕ وو گنیار منتراوان چھُ ۔ رمضان
چھُ بلوکڈان تہٕ ڈلس منز ووتھ لایان ۔ یہ چھُ والٹ وٹمین لیٚس زن
پانس تہٕ قدرتس درمیان کانہہ پردٕ تھاوُن یرٛژھان چھُنہٕ ۔ رمضان
چھُ ویرن ہندس سبزارس پانس منز جذب یرٛژھان کرُن ۔ رمضانس
گوو قدرتک یہ اثر تیلہٕ یێلہٕ تمۍ سُند روٗح ییٚبر ملن ملکن منز چھوکہٕ داوی بیٚند ۔

تس پیٹھ قدرتُک جدید روٗپ پتہٕ لاربو۔ پوٚژ یہٕ سٹرکہ، مشینہٕ آسہٕ تَس پتہٕ لاران تہٕ تس نفسیاتی انتشارس منز مبتلا کران مگر کٔشیر ہنز نرم میژ آسہ رمضانس قدمن میٹھی کران۔ یتھ کنی چھےٚ قدرت رمضانس مسحوٗر کران۔ تہٕ رمضانس چھُ باسان زِ سورُے سکوٗن چھُ قدرتس منز۔ سُہ چھُ پننہِ پان قدرتس حوالہٕ کران تہٕ سماج چھُس مٔشِتھ گژھان۔ اَمی کِنی چھِ لوٗکھ تَس موٚت ونان۔ رمضان چھُ قدرتس یتھہٕ موٚت یُس مارِ موٚند بہارس منز۔ قدرتس ستیٚ یکسان سپدمُت چھُ تہٕ یُس باسان چھُ زِ قدرت تہٕ سُہ چھِ ستیٚ بوچ، اکھ اَکِس ہندی گٔندن بٲج۔ تسُند روح اوس بہار وُچھتھ شولہٕ ماران۔ مگر قدرتِس پیٹھ ہرڈک لباس لوگ، رمضان پیوو چھینِتھ۔ تَس گوو قدرتُک خوٗبصوٗرت منظر ژھٔنہٕ۔ ہرد آو تہٕ رمضان گوو زُو دِنس پیٹھ مجبوٗر۔ جوسیف کانراڈن یُس قدرتُک بھیانک روٗپ ہارٹ آف ڈارکنیس ناولہٕ منز چھُ ہاوومُت تمِ ردِ پن کوٗر رمضان ڈلکِس شِشرِس منز دوڈھ لاینس مجبوٗر۔ میم صٲب تہٕ چھےٚ قدرتچی شکار یوٚدوے زن تس گوڈ باسان چھُ زِ سوکھ قدرتُک حسن فنس منز تھاؤ مگر کوہ بھیکس پیٹھ چھُ تس باسان زِ وآرڈس وُرِتھ سُند خیال چھُنہٕ رہبر۔ سو چھےٚ رمضانس رہبر مانان تہٕ پننہِ زو قدرتس منز ضم کران۔

قدرت تہٕ انسان ہندِ رشتہٕ کہ حوالہٕ ہکوٚ اَسی وٚنتھ زِ

اختر صابن چھےٚ نفسیأتی طور اکھ پیچیٖد تصویر تیار کرٕمٕژ۔ ملہٕ سُبحان

چھُ اَتھ رازس واقف گژھان زِ قدرت چھےٚ ساٖتھی، رہبر مگر انسان چھُ

قدرتس برونٛہہ کنہِ مکمل طریقس منٛز کم پایہٕ تہٕ بےبس۔ انسانی نفس

تہٕ قدرتس درمیان یہ رشتہٕ ییٚس اختر صابن برونٛہہ کُن اوٚنمُت چھُ یوٚہے

رشتہٕ چھُ اَتھ اکھ نفسیأتی افسانہٕ بناوان ییٚتہٕ زَن اِنسان لگاتار قدرتس

ہتیٚ جد وجہد کران چھُ مگر آخرس چھُ ہاران تہٕ حأران سپدان۔

۲۔ انسان تہٕ انسان: دوٚیم پہلو ییٚتھ زَن اَسی ییٚتینس وُرتھےٚ

کرو چھُ انسان تہٕ انسانس درمیان رشتہٕ نفسیأتی طور پیچیٖدٕ طریقس

منٛز پیش کرنہٕ آمُت۔ انسأنی نفسیات تہٕ رشتہٕ چھُ اَکس اکھ ہتیٚ اکھ

سروٚن رشتہٕ تھاوان۔ اکہٕ طرفہٕ چھُ ملہٕ سُبحان اکھ بےبس مول ییٚس زَن

نیٚچو ہندِ غمہٕ اَچھن گاش سوٚتان چھُ سُہ چھُ نیٚچوٕس سمجھان مگر اَتھ منٛز چھُ

ناکام گژھان۔ ییٚلہِ تمِس رمضان پرژھان چھُ زِ سبزار کوٚت گوو۔ سُہ

چھُ رمضانُن تہٕ قدرتک رشتہٕ سمجھان تہٕ ونان چھُس زِ سُہ ییِہ بٔییہ۔

اکھ مول ییٚس اولادٕ ہندِ بابتھ ژھرٛٹ ژھرٛٹ کران چھُ تمیُک اکھ صحیح مثال

چھُ ملہٕ سبحان مگر اختر صابن چھُنہٕ اَتھ پیٹھ بس کوٚرمُت بلکہ یہِ چھُن انسأنی

رشتہٕ اَکس نفسیأتی پیچیٖد شکلہِ منٛز نوٚن کوڈمُت۔ انسان تہٕ

انسان سُند رشتہٕ چھُ قدرت کِس بٔڈِس پیمانس منٛز بھرنہٕ آمُت۔

رمضان تہٕ میم صاأب چھِ قدرتکی شکار تہٕ اَمیُک تماشہٕ وُچھ ملہٕ سُبحانن
پننیوٕ اچھو۔ سُہ چھُ تیوٗتاہ متاثر گومُت کہ تس چھُ پرتھ کانہہ انسان اَکِس
اکھ ہیوٗ باسان۔ تس چھِ چون تہٕ میون مُشتہ گومُت۔ قدرتن چھُ تس یہِ
سبق دیتمُت زِ پرتھ انسان چھُ قدرتُک اکھ نایع تہٕ انسان تہٕ انسان
چھُنہٕ مختلف بلکہ ساریٖ انسان چھِ اکھ کُنےٚ وُجوٗد تہٕ ساریٖ رِشتہٕ چھِ اَکِس
اکھ ستۍ ملون تھاوان۔ یہِ پہلوٗ چھُ ہیومینٹیرین فلسفس (humanism)
ستۍ کافی وابستگی تھاوان۔ تیوٗتاہ سروٚن اثر چھُ قدرتُک انسانی نفسیاتس
پیٹھ زِ ملہٕ سبحان چھُ میم صاأبس منٛزٕ آشنۍ وَنان، منٛزٕ کوٗر تہٕ منٛزٕ نوش
وَنان۔ اختر صاأبن چھِ انسان سندِ نفسیاتچ ژھرِ ژھرٹ تہٕ کشمکش
انسان تہٕ انسان سندِ رشتہٕ ذریعہ بروٚنہہ کُن اَنیٚمٕژ۔ انسانی نفسہٕ
کِنۍ چھِ ساریٖ انسان کُنہِ پیٹھ پادٕ سپدی متۍ۔ یہِ یہِ تمِس سمجھیس زَن
قدرت کِس نارس منٛز۔ دُزِتھ بیومُت آسہِ۔ ملہٕ سُبحان چھُنہٕ اَکِس فرہنگ
کورِ تہٕ بیٚترِ آشنہِ منٛز۔ فرق ہکان کٔرِتھ۔ اختر صاأبن چھُ انسانی رشتن
ہُندِ پیچیدٕ زال کافی آسانی سان بروٚنہہ کُن ترومُت یتھٕ زَن
انسانی نفس صرف اَکِس انسانس پرٕ نٕ تھاوان چھُ تہٕ انسانی نفس
منٛز چھُ چانہِ تہٕ میانہِ فرق نیست تہٕ نابود گژھان۔

۳۔ زبان، وقت تہٕ نفسیات : آدم چھُ عجب ذات

افسانُک بیاکھ مٲری منز چھے اَمہِ افسانچ زبان یوسہٕ زَن پرَن وٲلِس ہمیشہ پانس سِتۍ جوڑِتھ تھاوان پٔچھ یتھ افسانس منز چھ واریاہ لفظ اکھ کھوتہٕ زیادٕ مطلب تھاوان تہٕ زبانٕ ہند یہِ بسیار پاسل ورتاو چھ اکھ نفسیاتی بزرگاشراوان۔ بلواسطہٕ تہٕ بلاواسطہ ورتاو چھ استعمال کرنہٕ آمُت۔ پرِتھ کانسہِ کردارس چھے اکھ منفرد زبان دِنہٕ آمٕژ۔ یوسہٕ زَن تمِی سُند نفسیاتی پہلوٗ بروٚنہہ کُن انان چھے۔ ضرورتہٕ وِزِ چھ اختر صاب پانہٕ بتھنہِ آوازِ ہُند استعمال کران۔ بیاکھ اکھ اہم پہلوٗ یُس زَن تہٕ نظر انداز کرِتھ ہکو چھ یہِ زِ یمہِ افسانُک آغاز تہٕ انجام چھُ وقتُک اکھ ژٕنہہ یعنے افسانہٕ چھُ تتیتھ ختم گژھان یتیتھ شروٗع چھُ گومُت آسان۔ درمیانس منز چھُ افسانہٕ یتھ کالس گژھان تہٕ مَنز حالس منز یوان۔ وقتس منز یہِ یتھ کالچ تہٕ ازکالچ تبدیلی چھے اکھ اہم تکنیک۔ اگر زَن اَتھ کتھِ سام ہیہِ ہیمنہٕ زِ افسانہٕ کیاز چھُ وقتہٕ کِس اُکِس نوکتس پیٹھ شروع تہٕ ختم گژھان۔ امیُک ژوٚک چھُ یوٚہے نفسیاتی پرزرٕ زِ میم صابٕ ہنز لاش، رمضانُن مُرن تہٕ ملہٕ سبحانُن بالہٕ پیٹھ وُستھ اوٚش ترٲوُن چھُ انسانی نفسیچ اکھ بُنیادی پرزرٕچ عکاسی کران۔ انسان چھُ یتنہٕ نفسیچ تلاش توٚتام جاری تھاوان یوٚتام تس موت اَمہِ تلاشہٕ منز نیٚبر کڈان چھُ۔ ملہٕ سُبحان چھُ زندگی ہُند یہِ تماشہٕ وُچھتھ انسان ہنز بےبسی پیٹھ اوٚش ہاران۔ بالس وُسنُک

عمل چھ ملہٕ سُبحان سُند نفسیاتی بٔرژرُک استحار۔ ملہٕ سبحان چھ انسٲنی نفسیچ ژھرژہ ژھرٹہٕ ہُند اکھ منفرد گواہ۔ اُمی چھ رمضانُن تہٕ میم صاب بہ ہُند سفر برنہٕ برنہٕ سرکوٚرمُت۔ سُہ چھ افسانُک شروع تہٕ آخر۔ بیاکھ اکھ اہم لسانی صفت یُس زن یتھ افسانس منز بخوٗبی موجوٗد چھ، چھُ زبان تہٕ خاموشی ستی وابستہٕ۔ سُہ پہلویُس انسانس انسانس ستی دوری پأدٕ کران چھُ۔ ہیملٹ ڈراماہس منز تہٕ چھ شہزاد ہیملٹ تقریباً پرٛژھے ہشہٕ کیفیژ ہُند شکار گژھان۔ رمضان چھ پننُن اندروٗن بیان کرنس منز قاصر۔ رمضان چھ ملہٕ سُبحانس ونان زِ بہ وُنہٕ ہا ژےٚ نِمگرمےٚ چھٕنہٕ وُنہٕ نےٚ تگان تہٕ اُمی باوژ وپرٛژھے کِنہٕ تہٕ پچھےٚ یتھ افسانس منز اکھ ذہنی کشمکش ہاوِنہٕ آمژ مطلب یہٕ زِ یتھ افسانس منز چھُ زبان، بیان تہٕ وقتُک تتھ پأٹھۍ ورتاو ییمہٕ ستی زن یہٕ نفسیاتی سطحس پیٹھ ستھاہ اعلیٰ افسانہٕ بنان چھُ۔

۴۔ موت، حیات تہٕ نفسیات: موتچ تہٕ حیاتچ یوسہٕ تصویر یتھ افسانس منز پیش کرنہٕ آمژ چھےٚ، سو تصویر تہٕ پچھےٚ نفسیاتی طور واریاہ پیچیدٕ۔ موت وحیاتُک فلسفیانہٕ تصورُیس یتھ افسانس منز اشارتی اندازس منز درینٹھ گژھان چھُ، چھُ واریاہَن آفاقی تصورن پیٹھ مشتمل۔ مثالہِ پأٹھۍ:

فطرت پسندی ، وجودیت تہٕ ( ABSURDISM ) ۔ ٹی ، ایس

ایلیٹ سٕند لایف اِن ڈیتھ ( LIFE IN DEATH ) تہٕ

( DEATH IN LIFE ) چھُ یَتھ افسانس پیٹھ صحیح بہان ۔

رِمضان تہٕ میم صاب چھِ زندگی ہندِس بنجرس منز بھیسمتی جاناوار تہٕ

یمن چھِ زندگی موت باسان ۔ تِم چھِ مرِتھ زندگی لبان ۔ ملہٕ سُبحان

چھُ زندگی تہٕ موتکس اَتھ تماشس سام ہیوان تہٕ اوٚش ہاران ۔

مگر ستی چھُ اَسہٕ ہناہ تہِ کران زِ تہٕ موٚت چھُ گوٚمُت ۔ ملہٕ سُبحانس چھُ

موت وحیاتُک حلول سیدِ نکُ علم حاصل تہٕ توے چھُس کیتھ شُل دژامُت ۔

یہٕ سوال چھُ تحقیقس لایق زِ رمضان کمیک رہبر اوس ۔ اما زندگی ترک

کرِتھ کمہٕ چیزچ رہبری گےٚ تس حاصل چھُ قابلِ بحث ۔ مقالہٕ کِس

اندس پیٹھ کرَ بہٕ کینژن تتھین خصوصیژن ہُند ذکر یم یَتھ افسانس

آفاقی فنس ستی جوڑان چھِ تہٕ ستی چھِ یم خصوصیژ اتھ نفسیاتی طوراکھ

نہایت بوٚڈ درجہ دِوان ۔

۱، وقتیچ غار وقتی فطرت

۲، انسانی فطرتچ یکسانیت فردٕ سٕند تہٕ زندگی ہُند نامیاتی رشتہٕ ،

۳، انسان تہٕ فطرژ ہُند پُر اسرار رشتہٕ

۴، معروضی تلازمہٕ

۵۔ علاقٲیی تہٕ آفاقی پزرن ہُند منفرد ورتاو۔

Bibliography:

Conrad,Joseph.1998.Heart of Darkness and Other Stories. Wordsworth Editions Ltd.

Eliot.T.S.1961." The Frontiers of Criticism" In on Poetry and Poets.Noonday Press: New York.

Freud. Sigmund. "On Dream ". Excerpts. Art in Theory 1990-1990. Ed. Charles Harrison and Paul Wood. Cambridge: Blackwell Pub., Inc., 1993.26-34.

Lacan. J.M.E. 1968. The Language of the Self: The Function of Language in Psychoanalysis. Baltimore: The Johns Hopkins University Press.

Shah , Asma. (ed.).2007. Aash:Akhtar Mohiudin Special Number. Hamza Printers:Srinagar.

Sherry, Norman. 1980. Conrad's Western World. Cambridge University Press.

Zahoor. Qazi. (ed.) 1995. An Anthology of Kashmiri Short Stories. Indian Printing Press: Srinagar.

# "ژور" نظمہِ ہُنٛد ساختیاتی مطالعہ

قیصر احمد ملک

ساختیاتی تنقید چھُ تنقیدُک سُہ واحد شعبہ یَمہِ امہِ برونٛہہ مٕن
رِوائتی تنقیدی نظرین نہ صرف اعتبار بخش بلکہ کوٚرنکھ اکھ خاطر خواہ اضافہ
یمن منز حقیقت پسندی ہُنٛد تصور یا یہِ خیال زِ فن چھُ فنکار سٕنٛز شخصیژ
ہُنٛد اظہار یا یہِ چھُ کانٛہہ طے کرنہٕ آمتہِ خیالُک، نظریُک اظہار کران یا یہِ
زِ زبان چھےٚ حقیقت کہ اظہارُک وسیلہ۔ ساختیاتہٕ برونٛہہ اوسہٕ
قٲری ادبس منز کانٛہہ اہمیت تھاوان۔ اگر فن پارس متعلق کانٛہہ
تہِ تنقیدی راے آسہے باوٕنی تتھ منز اوس زیادہ معنے تہٕ مُصنفس
پیٹھ زور تہٕ قٲری اوس امہِ منز مُجھ یِوان تھاونہٕ۔ ادبی فن پارس
متعلق کتھ کرنہٕ وِز اوس اکثر فن پارس متعلق تیٚم عنصر زیرِ بحث اَننہٕ
یِوان، یتھ منز فنکار سٕنٛد سوانح، زمانہٕ تہٕ تتہِ کین نظریاتن ہنٛدِ حوالہ

اَتھ متعلق کتھ کرنہٕ یِوان آس۔ یتھ پاٹھۍ اوس متن نظر انداز سپدان۔ دوٚیم یہ کتھ تہٕ زِ ساختیاتن دِژ زیادٕ اہمیت قاری سٕہ سے زِ سُہ کرِ امیک فاصلہٕ زِ فن پارٕ کیُتھ ہٕ کیاہ چھُ یمہٕ ستۍ قاری ادبس منز۔ دبارٕ بارسس آو یمہٕ ستۍ تنقیدُک دامن واریاہ کشادٕ سپد۔ بہرحال اُتھۍ پیش نظر ہمو اُسی ناڈم صابنہٕ "ژوٗر" نظمہٕ اکھ ساختیاتی تنقیدی سام۔

مےٚ چھُ دژامُت کُس تام ژوٗر کرِتھ
ناحقے لاریوس چھٕٹِ پونپُر ژھارنہٕ وارِن منز
اُچھ نارٕ کرِتھ تیٚنہٕ لوٗوس از تام رنگہٕ ژھایو
دوہ دِن گرٕ ریوم زونُم لوٚب مےٚ لوٚب
یِنہٕ کِنۍ تیٚو سورُے کُمۍ تام گوو مےٚ پھیرِتھ
ٹیکۍ تا پکۍ سونتکۍ ہردٕکۍ رنگ
ربتہٕ کالچہٕ ژھانٹ، ہٕ شینہٕ شرط
اَسہٕ وُن شوقا، وسہٕ ؤنی مائے
پرِتھ کُنہٕ ڈوٗ دِتھ گوو ژوٗر
ہٕ ووٗنۍ کیاہ چھُم باقے
اکھ ٹھُمبرِ کانگر
تتھ منز شینہٕ ٹُجاہ

نادِمن کرٕ کاشِر شاعری منز ہیتی سۄ تھرِس پیٹھ کیہنہ تجربہ۔
یہِ نظم تہِ چھےٚ تِیتھیٚن تجربٲتی منزٕ ازٕ بروٚنہہ کُن انان۔ یہِ چھےٚ تہند اکھ آزاد
نظم۔ اکھ نظمہِ منز چھُ شاعر پننہِ زندگی ہندِ سہ حال باوان یہِ زن اُمی سہتر
زندگی ستی لوکچارٕ پیٹھ آخرس تام سپدان چھُ۔ نظمہِ ہند موضوع "ژوٗر"
تہِ چھُ اکھ منز وقتیچ علامت بنان۔ تکیازِ وقتے چھُ دُنیہک سٕہ واحد
طاقت یُس سارِے ختم چھُ کران۔ شاعر چھُ نظمہِ ہُند آغاز یِیمہ مصرعہِ ستی کران:
"مےٚ چھُ درامُت کس تام ژوٗر کٔرِتھ" یعنے شاعر یِیلہِ پننِس پانس تہٕ
پننِس حیاتس سام ہیوان چھُ تَس چھُ یِیمہِ کتھِ ہُند احساس سپدان زِ تس چھُ
کیاہتام رووُمت۔ تس چھےٚ کُمی تام ژوٗر کٔرمٕژ۔ "کیاہتام" لفظ ورتاوتھ
چھُ شاعر پننِ خدشہِ تہٕ تشکیک ظاہر کران۔ شاعرن کتھ پٲٹھی گذٲر زندگی
تہٕ کموکمو دُنیہکو ولو دیُت تس دونکھ۔ امیُک ذکر چھُ شاعر نظمہِ ہندِس
دوٚیمِس مصرعس منز یہِ وُنتھ کران زِ "ناحقے لاریوس چھیٚڑِ پوٚنپرِ ژھارنہِ
وارِن منز" یعنے لوکچارٕ زندگی چھُ شاعر شُری لازی پٲٹھی چھیٚڑِ پوٚنپرن
پیٚتہٕ پیٚتہٕ گذٲرمٕژ۔ تکیازِ لوکچہ واُنسہِ منز چھُ انسان دُنیہکین رنگن منز مس
گژھان یوٚت کال زندگی ہُند نصف سفر گُزران چھُ تہٕ دُنیہکین جیٚرن
اُندی اُندی پھیران چھےٚ اُمس زندگی اکھ منز تیٚرتھ گژھان۔ یہِ
ترٲسہِ یِیمہِ مصرعہِ تلہٕ فکر ییلہِ شاعر ونان چھُ: "اُچھ ناٹہٕ کٔرِتھ تنبلووس

ازتام رنگہٕ ژھایو"۔ شاعرس چھُ اکھ اکھ دوہ گُذرِتھ باسان زِ مے کوٚر دُنیا
منز وارِیاہ کیٚہن حاصل مگر یِیلہٕ سُہ پننِس وجوٗدس نٕنتھ وُچھان چھُ اَتہٕ چھُنہٕ
شاعرس کیٚہنی تہٕ حاصل آسان۔ مگر اَمِس چھےٚ پرٛتھ آسان اَز نہٕ ازکرٕ
حاصل مگر یوٗت کال وقت اتھ منز نیرِتھ چھُس گژھان۔ توے چھُ شاعر
نظمِ منز ونان: "دوہ دِین گُذریوم زونُم لوٚبمے لوٚب" مگر شاعر چھُ
اکھ حساس انسان آسان یوٚر پاٹھی نٕنتھ چھُس باسان آخرس پیٚہ سوٚرُے اوس بَلیہٕ
مے تیوٚکھ سوٚرُے تہٕ ژوٗرِ گرتھ یعنے مے آو نہٕ آخرس کیٚہنی تہٕ حاصل، توے چھُ ونان: "تہٕ کیٚنی
نیوٚ سورُے کمی تام گومے بھیر تھ"۔

زندگی ہندی رنگ چھِ رَنبہٕ وِنی۔ نظمِ منز چھُ امیک انداز نظمہٕ
ہندِس دوٚیمہِ حصہٕ ہتی سیدان۔ یعنے ییٚتہٕ شاعر موسمی وہن تہٕ رنگن ہنٛز
ہنز کتھ کران چھُ تہٕ زندگی ہندی رنگ وُچھِتھ چھُ سُہ یمن رنگن چھاوُن تہٕ
پراوُن یژھان۔ مگر یِم رنگ چھِ نہٕ روزن وٲلی تکیازِ وقتُک سوسر چھُ
پرتھ کُنہٕ گالان یہِ چھُ زندگی ہُند اکھ پزر، تہٕ اَمہِ صوٗرتحالہٕ منٛزی چھُ شاعر
تہٕ گُذریومُت۔ مگر شاعر چھُ ووٚنی زندگی ہندِس تتھ پایدانس پیٚٹھ ییٚتہٕ
وقتن لرٕ پھُرن دِتھ رنگ بدلوومُت چھُ۔ نہٕ چھُ ووٚنی سوٚن تہٕ ہردٕکی
بدلوٚنی تہٕ دلکش رنگ تہٕ نہٕ چھےٚ بے پرواہ زندگی۔ شاعر چھُ ونان:

ٹیکِ تاپکِ سونٛتکِ ہردِکِ رنٛگ
رِتہٕ کالہِ چھِ ژھانٛڑٕ ، تہٕ شیٖنہٕ شرط
اَسہِ وُن شوق ، وسہِ وٕنۍ ماے
پرِ بتھ کنہِ ڈُو دِتھ گوٚو ژوٗر

نظمہِ ہنٛز ہیٚر حسابہٕ ہے وُچھو تیٚلہِ چھٕنے یہِ نظم ہیٚر پیٹھٕ بوٚن تام اکھ وحدت یعنے یِم ساریٖ چیز چھِ زندگی منٛز اکھ اَکِس سٟتۍ واٹھ تھاوان مثلن ٹیکِ تاپکِ ، سونٛتکِ رنٛگ ، ہردِک زرد یار ، رِتہٕ کالہٕ شُرِین ہنٛز آلبس منٛز ژھانٛڑ واینہِ ، وند کالس منٛز لکِن ہندی شیٖنہٕ شرط گنٛدنۍ ، لوکچہِ وٲنسہٕ ہنٛد سُہ شوق یُس اَکِس پرِ بتھ کانسہِ انسانس زندگی ہندِین لوکٹین دوٚہن چھُ آسان تہٕ اَخرس زندگی ہنٛز سو بے ثباتی یوٚسہٕ اَکِس انسانس زندگی ہندِس اندس پیٹھ بُتھ چھنے ہاوان ۔ یہِ حال وُچھتھ چھُ شاعر بٔنیہ اکہِ لٹہِ نظمہِ منٛز غمگین گژھان تہٕ باسان چھُس یِم سارِے یادِ یاد پیٹھ رٔتہٕ ساری وقتن ژھلہٕ ژھلہٕ منٛے نِش یعنے اُمس چھُ باسان اَخرس یِم ساری چیز چھِ فنا گژھن والۍ آسان تہٕ یِمو منٛز چھُیہٕ کانہہ اکھ انسانس دوٗرتام پوشان تہٕ توے چھُ شاعر وَنان:

"پرِ بتھ کنہِ ڈُو دِتھ گوٚو ژوٗر ۔"

نظمہِ ہندِس ترِیمِس حصس منٛز چھُ شاعر اَسہِ تمہِ معاملہٕ تلہٕ باور

یَژھان کرُن یُس پریتھ اَکِس انسانس زندگی منز۔ اندس سُبتھ چھُ ہاوان یعنے زندگی ہنز بےثباتی یہ ترُاَسہِ نظمہِ ہند ترٚیمہِ ساختہ تلہٕ فکرِ یِیلہِ شاعر ونان چھُ:

تہٕ ووٚنی کیاہ چھُم بلٕتے

اکھ پھٕٹمٕژ کانگر

تٔتھی منز شیٖنہٕ ٹُجا

نظمہِ ہُند یہ ترٚیم ساختہٕ چھُ گوڈنکین دوٚن حصن ہُند ضد۔

تکیازِ اَتھ منز یِم منظر پیش کرنہٕ آمتی چھِ تِم چھِ تتھ برعکس صوٗرتحال پیش کران، یہ اَمہِ بروٚنہہ دیدمان یوان چھُ۔ شاعر چھُ پانٕی پانس ونان مے ژش چھُنہٕ ووٚنی کینہہ تہٕ موجود۔ اگر چھُہ تہٕ کینہہ سوٚ چھےٚ اکھ پھٕٹمٕژ کانگر یَتھ منز مے صرف شیٖنہٕ ٹُجا اکھ چھے، اَمہِ تلہٕ چھُ شاعر اَسہِ یہ باور کرُن یَژھان زِ شاعر وَنہِ ہے زندگی ہندِس آخرس پیٹھ چھُ مے کینہہ حاصل یِمہِ سُہ چھُ اَسہِ یِمہِ کتھِ تلہٕ باس دِوان زِ مے ژش چھُنہٕ کینہہ تکیازِ یِیلہِ سُہ ونان چھُ اکھ کانگر چھے مگر پھٕٹمٕژ تہٕ ووٚنی اگر کانگر منز نار آسہٕ ہس تیٚلہِ ماہو شاعرس چھُ تو تہٕ کینہہ حاصل یِمہِ یِیلہِ شاعر ونان چھُ اَتھ منز چھے صرف اکھ شیٖنہٕ ٹُجا یعنے شیٖنہٕ ٹُجا کانگرِ منز آسٕنی گیہ مایوسی ہنز علامت۔ یعنے شاعرس چھُنہٕ آخرس پیٹھ زندگی منز کینہہ تہٕ حاصل آسان گومُت۔

ووٚنی اگر اَسی نظمہِ ٹیکنیکی نوقطہٕ نظرٕ کنہِ سام ہمو تیٚلہِ چھےٚ یہ اکھ

آزاد نظم آسہٕ سببہٕ ردیف تہٕ قافیہٕ بندی نش آزاد تہٕ اَمہٕ وجہ کِنۍ چھِنہٕ
اَسہٕ نظمہِ منز سو موسیقیت نظرِ گژھان یُس اُسی غنایی شاعری منز وُچھان
چھِہ۔ ووٚنۍ گوو ردیف تہٕ قافیہٕ نہٕ آسنہٕ باوجود چھےٚ اَتھ منز لفظ تہٕ لفظ
ترکیبہٕ مہارتہٕ سان ورتاونہٕ آمژٕ تہٕ اکھ آہنگ چھُ ووتلیومُت۔ نظمہِ ہندس
گوڈنکس حصس منز چھِ زندگی ہنز ووسہٕ دروسہٕ تہٕ خوشی ہاونہٕ باپتھ مختلف
بصری پیکر ورتاونہٕ آمتۍ، یم پرٛن وألس نظمہِ منز باونہٕ آمتۍ منظر دیدمان
کران چھِ مثلاً چھٕٹہٕ پوشہ، رنگہٕ ژھالیو، ٹیکۍ تاپکۍ، سوٚنتکۍ ہردکۍ رنگ، شیشہٕ شرط
کانگر، شیشہٕ ٹھجا بیتر بیترِ۔

نظمہِ منز چھِ اَسی مختلف لفظن تہٕ لفظہٕ ترکیبن ہُند ورتاو وُچھان مثالے
ٹیکۍ تاپکۍ، ہردکۍ رنگ، ربتہٕ کالچہٕ ژھانٹہٕ، شیشہٕ شرط، اَسہٕ وُن شوقا،
وسہٕ ونۍ مائے، یم ساری لفظ چھِ سانہِ دوہ دِنچہِ زندگی سیتۍ وابستہٕ مگر
یتھ پاٹھۍ نادم یمن نظمہِ منز ساختہٕ دِوان چھُ اکھ نوٚو لِسانی ول چھُ وجودس
یِوان۔

نظمہِ ہندس آخرس پیٹھ چھُ زندگی ہُند ژھر برہٕ تہٕ مایوسی ہاونہٕ
باپتھ شاعر بصری پیکرن سیتۍ لمسی پیکرہ تہٕ استعمال کران مثلاً شیشہٕ ٹھجایہ
شیشن چھُنہٕ صرف سانین بصری حِسن آوران بلکہ لمسی حِسن تہٕ۔

بہر حال یم عام تہٕ ونیدی لفظ تہٕ لفظ ترکیبہٕ ورتاوِتھ چھےٚ اکھ ژھ

لسانی ساخت وجوٗدس آمژ نیمہٕ ستۍ اکھ لسانی حسن نظمہِ منز۔ پادٕ سپدمت چھ۔

وۄنۍ اگر اَسی نظمہِ منز۔ ساختیاتی لحاظہ اسلوٗبس پیٹھ نظر تراوان چھا کِ

چھ وُچھان زِ نظمہِ ہُند اسلوٗب چھ عام فہم لفظو ستۍ وۄنہِ تہٕ تمہِ لفظ چھ نظمہِ

ہندِس ساختس منز۔ شاعرن کامہِ لاگِمتۍ یِم زن سانہِ دۄہ دِنچہِ زندگی منز۔

اَسہِ نظر گژھان چھ تہٕ دۄہے یِمن لفظن تہٕ چیزن ستۍ بُتھی لاگے گژھان چھے۔

بظاہر چھ زِ اَکھ موضوٗعس پیٹھ آسن واریاہ نظمہِ ازتام لیکھنہٕ آمژ۔ مگر یتھ

ساختس نادم صابن زنم دیمٕژ چھ سُہ چھ اکھ وکھ ساختہٕ نظمہِ ہُند۔

ساختہٕ لحاظہ چھ اتھ منز۔ ترے حصہٕ اکھ عام شاعر ہرگاہ یوہے موضوٗع تہٕ

ورتاوِہے مگر سُہ ما ورتاوِہے تمی پیمانہ یم تس برونہہ بدس آسہن۔

اگرچہ فطری صلاحیت یا موضوٗع سارنے شاعرن نِش موجوٗد تہٕ چھِ

آسان مگر نادم صابن یُس لسانی ورتاو (parole) چھُ سُہ چھ پزی

باقے شاعرن نِش مختلف۔ یوہے چھُ وجہ زِ اَمی ہنز۔ شاعری منز چھُ اَسہِ اکھ

وکھرہٕ تہٕ دۄہ دشکبن لفظن ہُند اسلوٗب نظر گژھان یہٕ زن اکھ یڈ ہنز مندی

چھے۔ اگرچہ ساختیاتی لحاظہ اَسی نظمہِ ہندِس سطحی ساختس تہٕ زیرِ ین ساختس

سام ہیمو اَسی چھ وُچھان سطحی ساختس تحت چھُ اَسہِ باسان یہٕ چھے اکھ

عام موضوٗع۔ مگر یلہِ اَسی اَتھ زیرِ ین ساختس منز۔ وُچھان چھِ یہٕ چھ اکھ

سُہ موضوٗع یتھ پیٹھ کتابہٕ ہا لیکھنہٕ ین مگر نادم صابن چھُ فن کاری سان

أکس لوکٹس ساختس تحت أکس ہٹس موضوعس وجوٗد بخشمت۔ یُوس
زن یزی اکھ حوصلہ افزا اکتھ چھےٚ۔

ہیتی لحاظہ چھےٚ اَسہ نظمِ أکس ساختس منز۔ نظر گژھان۔ یتھ ہیٚر
پیٹھ بوٚن تام اکھ وحدت چھےٚ۔ مگر نظمہِ ہُندِ یہ ساختہٕ چھُ ترٛن لوکٹین
ساختن منز۔ باگرتھ یم زن بتہٕ بتہٕ جایہ مکمل تصویر تہٕ اکھ أکی ہنز مکمل
عکاسی چھہ کران۔

نظمہِ ہندِس گوڈنکس ساختس منز۔ چھ پانژھ مصرعہ نظر گژھان۔
گوڈنکی ژٕہ نوٚے مصرعہ چھ الگ الگ نوقطہ باوان تہٕ بنٛدک پوٚت ژٕرم
مصرعہ چھُ یمن ژٕہ نوٚنی ہنز۔ عکاسی کران تہٕ وقتہٕ لحاظہ چھےٚ کتھ باتھ
ازکالس منز۔ سیدان۔

ساختہٕ لحاظہ چھ نظمہِ ہُند دوٚیم حصہ ژورن مصرن پیٹھ مشتمل
یمن منز۔ گوڈنکی ترٛے مصرعہ مختلف موسمن تہٕ کالچ کتھ کران چھ تہٕ ژورِیُم
مصرعہ چھُ گوڈنکین ترٛینوٚنی ہنز۔ مکمل ترجمانی کران تہٕ وقتی ساختہٕ لحاظہ
چھےٚ کتھ باتھ پتھ کالچ سیدان۔

نظمہِ ہُند آخری حصہ چھُ بییہ ازکالس متعلق کتھ کران تہٕ گوڈنکین
دوٚنوٚنی حصن ہنز چھ صحیح ترجمانی کران۔ یتھ پاٹھی ہکو أسی وَنتھ زِ
ہیتی ساختہٕ لحاظہ چھ نظمہِ منز۔ ترٛے حصہ موجوٗد تہٕ وقتہٕ لحاظہ چھ ژٕکال

اَسہِ نظرِ گژھان یہ زن اکھ جان شاعرے کرِتھ ہیٚکہِ۔

بہرحال یِتھ نظمہِ پۆرہٕ پاٹھۍ سنیتھ وُچھ اَسہِ زِ اتھ منز چھُ اکھ وکھٕر ساخت نظرِ گژھان یہ زن اَسہِ اَمہِ وقتکین کاشرٕ شاعرن منز نظرِ چھُنہٕ گژھان ییٚکیاز ناآدم صابنہٕ یرِ یتھ کانہہ نظم پرِتھ چھُ باسان زِ ناآدم چھُ شعوری یا غارٕ شعوری طور ساختیات نیٚتین نظمن منز ورتاوان رود۔ مُتٕ یِتھ نظمہِ منز چھُ خاصکر یہ وصف زِ نظم چھےٚ صرف ہٕین مصرعن پیٹھ مشتمل تہٕ ترےٚ ساخت چھِ نظمہِ منز نظرِ گژھان۔ یِم زن یِتہٕ بنہٕ جایہ مکمل ساخت ماننہِ ہیکو کھ تہٕ یہے خصوصیت چھےٚ اَمہِ سترٕ شاعری باقی شاعرن نِش مختلف النوع بناونس منز اہم رول ادا کران۔

Bibliography

1. John Sturrock, "Structuralism": With a new introduction by Jean Micheal Rabate- 2nd Ed. 2003.
2. Richard Machin and Christopher Norris. "Post -Structuralist Readings of English Poetry". Cambridge University Press,1987
3. Terry Eagleton, "Literary Theory , An Introduction", Ed. 2nd, Maya Blackwell, Doaba Publications , 2002

۱۔ ڈاکٹر گوپی چند نارنگ ، ساختیات ، پس ساختیات اور مشرقی شعریات ، قومی کونسل برائے فروغ اردو زبان نئی دہلی ۲۰۰۴ء

۲۔ "انہار" نظریاتی لسانیات۔ ایڈیٹر: قاضی ظہور ، جلد: ۳۲ شمارہ: ۱ (۲۰۰۸ء)

## کأشِرؠ مُصوتہٕ:

# وِیڈٕ تہٕ گریٖسن: اکھ تقابلی مُطالعہ

امتیاز احمد شاہ

زبان کاتھہ تہٕ اَسی تن امیک کرن تہٕ روٗح، زوٗ تہٕ زبہٕ چھُ امیک صوتیات، مارفیمیات، ساخت تہٕ جُملت مانہٕ یوان صوتیات چھِ زبأنی منز اَوکنہٕ زیادٕے اہمیت تھاوان تہٕ کیازِ صوتیات چھِ زبان بولنہٕ خأطرٕ سارٕوے کھوتہٕ زیادٕ اہم مانہٕ یوان۔ آوازو ستی چھِ لفظ بنان تہٕ لفظے چھِ ترتیب پرأوِتھ جُملہٕ بناوان تہٕ جملے چھِ کُنہِ تہٕ زبأنی ہنز گرامری خصوٗصیژ ہٕرکھرٕ کران۔

عالمیہ پرٕ ہِتھ کُنہِ زبأنی چھِ پننہِ بُنیادی آواز یمہٕ انسان پننہِ جسمکی بیوٗن بیوٗن بولن تان استعمال کٔرِتھ ادا چھُ کران تہٕ اتھ علمس چھِ صوتیات ونان۔ صوتیات چھِ لسانیاتچ سوٗ لأنڈٕ یتھ منز آوازن ہندس پأدٕ سپدنس تہٕ تہندس ترسیلس یعنی باوکھس پیٹھٕ یوزکھس تام واتنس تہٕ تہندس یوزنس ستی بحث چھُ سپدان صوتیاتچ

بنیادی اکایی چھِ صوتیم تہٕ صوتیم چھِ دوٚیہ قسمہٕ۔ اکھ گوٚو مصوتہٕ بیاکھ
مصمتہٕ۔ مصوتہٕ گٔے تمہٕ آوازٕ یمہٕ اداکرنس منز شٕہہ کھالنس کُنہٕ قسمُک
ٹھوٚز چھُنہٕ یوان تہٕ اَتھ منز چھِ انسانہٕ ہٕندی وُٹھ، زیٚو، دند بیترِ
استعمال سپدان۔ مصوتے چھِ کُنہٕ تہٕ زبأنی ہٕنز آوازٕ تشکیل دوان
تہٕ آوازے پھٔے کُنہٕ تہٕ زبأنی ہٕندین لفظن صحیح تلفظ اداکرنس منز واحد
ہتھیار۔ کأشرِ زبأنی ہٕندین صوتیمن ہُند مطالعہٕ چھُ یوٗرپی عالموکوٚرمُت۔
یمن منز ٹی۔ آر۔ ویڈ تہٕ جارج ابراہیم گریرسن زٕ اہم عالم چھِ۔ کأشرِ
زبأنی ہٕندس صوتیأتی مطالعس منز چھِٔے تِہٕنز کأم ابتدأیی حیثیت
تھاوان۔ یتھ مضموٗنس منز کرٕ بہٕ تِہٕندِ صوتیأتی مطالعچ سام ہیٚنچ کوشش
یتھ زَن امہٕ مُطالعچہٕ خوٗبیہٕ تہٕ خأمیہٕ برونہہ کُن ییٚن۔ صوتیأتی مطالعس
ستی وابستہٕ چھِ یمن ہٕنز یمہٕ تصنیفہٕ اہم۔

1. A GRAMMAR OF KASHMIRI LANGUAGE AS SPOKEN IN THE VALLEY OF KASHMIR (T.R. WADE 1888)
2. STANDARD MANUAL OF KASHMIRI LANGUAGE. (G.A. GRIERSON 1911)

کأشرِ زبأنی ہٕندی بنیأدی مصوتہٕ چھِ شُراہ مگر کینہہ محقق چھِ

کٲشرِ زبانٕ ہندی مصوتہٕ پنداہ مانان خاص کرتھ چھُ پروفیسر شفیع شوق پننس گرامرس منز۔ کٲشرِ زبانٕ ہندی پنداہ مصوتہٕ مانان لۍ۱ کٲشرِ زبانٕ ہندین مصوتن ہنز اکھ خصوٗصیت چھےٚ یہ زِ اتھ منز چھِ مصوتہٕ جوڑ جوڑہٕ لۄوان یعنے اکھ ژھوٚٹ تہٕ بیاکھ زیوٗٹھ۔ جارج ابراہم گریرسن چھُ کٲشرین مصوتن ہنز بیاکھ خصوصیت مانان زِ اتھ منز چھِ پانژھ SET ترٕ ترٕ مصوتن ہندی لۄوان یمن منز۔ واریاہ ژھوٚٹ، ژھوٚٹ تہٕ زیوٗٹھ مصوتہٕ چھِ۔۲

کٲشرِ زبانٕ ہندی اصلی مصوتہٕ چھِ۔

(ا) (آ)

(اِ) (یہٕ، ای)

(اُ) (اوٗ)

(اۆ) (او)

(أ) (ٲ)

(ٳ) (ٳا)

(اٖے) (اے)

(اٯ)

---

۱؎ شفیع شوق۔ ۲۰۰۸ کٲشرِ گرامر۔ ص۔ ۹۰

۲؎ G.A GRIERSON 1911 STANDARD MANUAL OF KASHMIRI LANGUAGE 3rd.Ed. 2007. P.15.

یِمن سارنے کأشرِن مصوتن چھےٚ پتہٕ صوتیاتی خصوصیت

یوسہٕ یتہٕ پأٹھی چھےٚ۔

| | |
|---|---|
| (ا) منز، بون، ژھوٚٹ | (آ) منز، بون، زیٖوٹھ |
| (اِ) بروٚنٹھ، تھوٚد، ژھوٚٹ | (یہٕ، ای) بروٚنٹھ، تھوٚد، زیٖوٹھ |
| (اُ) پوٚت، تھوٚد، ژھوٚٹ | (اوٗ) پوٚت، تھوٚد، زیٖوٹھ |
| (اوٚ) پوٚت، سوٚم، ژھوٚٹ | (او) پوٚت، سوٚم، زیٖوٹھ |
| (أ) منز، سوٚم، ژھوٚٹ | (اٰ) منز، سوٚم، زیٖوٹھ |
| (ٕا) منز، تھوٚد، ژھوٚٹ | (ٕا) منز، تھوٚد، زیٖوٹھ |
| (اےٚ) بروٚنٹھ، سوٚم، ژھوٚٹ | (اے) بروٚنٹھ، سوٚم، زیٖوٹھ |
| (اوٚ) پوٚت، بون، ژھوٚٹ | |

ٹی، آر، ویڈ چھُ کأشر زبأنی ہندی ۱۳ مصوتہٕ مانان یِمہٕ رُ

روٚمن رسم الخط منز یتہٕ پأٹھی دِوان چھُ۔

| | روٚمن | کأشُر | | روٚمن | کأشُر | | روٚمن | کأشُر |
|---|---|---|---|---|---|---|---|---|
| 1 | (a) | (اَ) | 5 | ē | (اےٚ) | 9 | ŏ | (اوٚ) |
| 2 | (ā) | (آ) | 6 | i | (اِ) | 10 | ō | (اٗ) |
| 3 | (ə) | (ٕا) | 7 | ī | (ای) | 11 | u | (اُ) |
| 4 | (e) | (اے) | 8 | o | (او) | 12 | ū | (اوٗ) |
| | | | | | | 13 | ụ̄ | (ٕا) |

امہِ علاوٕ چھُ وِیڈ کاشُرِکۍ زٕ مصوتہٕ میلِتہٕ مانان (ai) تہٕ (au)۔ وِبڈ چھُ مزید ونان زِ کاشرِس منز چھِنہٕ زٕ واریاہ ژھوچہِ مصوتہٕ آوازٕ یُس سُہ (u) تہٕ (i) ہاوِتھ پیش چھُ کران۔ یِمن دۄن آوازن خاطرٕ چھُ سُہ یِمہٕ مثالہِ دوان۔ (u) خاطرٕ چھُنہٕ سُہ کانہٕ مثال دوان بلکہ صرف یہِ ونان زِ یہِ چھُ دۄیمِس گرِدانس منز کینژھن ناوتن اندس بیٚٹھ یِوان۔ (i) خاطرٕ چھُ سُہ (guə) لفظ دِوان۔ یتھ متعلق سُہ ونان چھُ زِ (gur) لفظ چھُ (اِ) آواز تراوتہٕ ستۍ (nhsu) گُرٕ بنان۔

گریرسن چھُ کاشرِ مصوتن ہُند تعداد ٢٦ مانان یتھ منز پانژھ set ترٕنے ترٕنے مصوتہٕ واکۍ چھِ۔ یِمن ٢٦ن مصوتن منز چھُ سُہ شٕنے مصوتہٕ ماترٕاہ مصوتہٕ مانان تہٕ باقی وُہ مصوتہٕ چھُ بُنیادی مصوتہٕ مانان مگر سُہ چھُنہٕ یتہٕ یِمن مکمل وِبژھنے کرِتھ ہیکان۔ گریرسن سندِ مصوتن ہُند فہرست چھُ یتھ پاٹھۍ۔

| گریرسن سندی مصوتہٕ | کاشری مصوتہٕ |
| --- | --- |
| ١۔ a ، a ، ā | (اَ) ، ، (آ) |
| ٢۔ i ، i ، ī | (اِ) ، (ای) |
| ٣۔ o ، ŏ ، ō | (اوٗ) ، (او) |

| | | |
|---|---|---|
| ۴ء | ūa ، ua ، ua | (اُ) ، (اوٗ) |
| ۵ء | n̄ā ، nā ، nā | (اٖ) ، (اٖ) |
| ۶ء | a | (اٖ) ، |
| ۷ء | ai | (اَے) |
| ۸ء | au | (اَو) |
| ۹ء | ē ، ĕ ، ĕ ، ĕ | (اےٚ) ، (اے) ، (اٖے) ، (اے) |
| ۱۰ء | ŏ ، ŏ | (اوٚ) ، (او) |
| ۱۱ء | ô | (او) ، |
| ۱۲ء | ŏ | (آ) |

گریرسن چھُ پننین مصوتن منز (او) ، (اے) ، (ہٕ) (اےٚ)

دوٚیہ دوٚیہ لٔنہٕ دِوان۔

ووٚنی کرِ یہِ یمن دوٚنوٚنی یوٗرپی محققن ہندٮ۪ن دتیٚمتین مصوتن کاشُر زبانہٕ ہندٮ۪ن اصلی مصوتن سِتی تقابلی مُطالعہ۔ تقابلی مطالعہ پیش کرنہٕ برونٹھ چھُ یہِ وننُ ضروٗری زانان زِ یمہٕ ساعتہٕ ویڈہ تہٕ گریرسن کاشُر زبانہٕ ہندی مصوتہٕ بد چھِ کڈان تمہِ ساعتہٕ اوسنہٕ لسانی علمس تیوٗت ٹہراو لوٗگمُت تہٕ اکثر زبانن ہنز لسانی ورٕتھتے آس وُنہِ کھوکھشی کران۔ شاید چھُ یوٚہے وجہ زِ ویڈہ تہٕ گریرسن چھِنہٕ کاشُر زبانہٕ ہندٮ۪ن مصوتن

ہنز پوٗر پاٹھۍ وَرتھنے کرٕتھ ہیکان یِتھ پاٹھۍ زَن اَتھ اُزکس دورس
منز ماہر لسانیات کران چھِ۔ یہِ کرٕ وونۍ اکہِ اکہِ کاشرِ مصوتن ہنز
وَرتھنے تہٕ سِتۍ کرٕکھ تقابل گریرسن تہٕ ویٖڈ ہندِ مصوتن سِتۍ۔

١۔ الف (اَ) یہِ مصوتہٕ چھُ کاشرِس منز، منز، بون تہٕ زٕھوٚٹ۔
ویٖڈ چھُ اَتھ زٕھوٚٹ مصوتہٕ مانان تہٕ مثالہِ زٕنگی چھُ "بر" لفظ
دِوان۔ گریرسن چھُ ونان زِ (اَ) مُصوتہٕ چھُ ہندوستٲنۍ زبٲنۍ
ہندی پاٹھۍ کاشرِس منز بولنہٕ یِوان۔ مثالہِ خاطرٕ چھُ "گر" لفظ
دِوان۔

(ب) (آ) یہِ مصوتہٕ چھُ کاشرِس منز، منز بون تہٕ زیوٗٹھ۔ ویٖڈ چھُ
اَتھ زیوٗٹھ مُصوتہٕ مانان۔ انگریزی لفظ "Father" تہٕ
"war" مثالہِ زٕنگی دِوان۔ کاشرِ مثالہِ زٕنگی چھُ (آر) لفظ ورتاوان۔ گریرسن چھُ
اَتھ متعلق ونان زِ یہِ چھُ ہندوستٲنۍ زبٲنۍ ہندی پاٹھۍ بولنہٕ یِوان۔ مثالہِ زٕنگی چھُ "کاٹھ"
لفظ دِوان۔

٢۔ (الف) - (اِ) کاشرِس منز چھُ یہِ بروٚنٹھ، تھوٚد تہٕ زٕھوٚٹ۔
ویٖڈ چھُ یہِ مصوتہٕ زٕھوٚٹ مانان تہٕ مثالہِ زٕنگی چھُ انگریزی
"Mill" تہٕ "Bill" دِوان۔ کاشرِ مثالہِ خاطرٕ چھُ "ہِل"
لفظ دِوان۔ گریرسن چھُ یہِ آواز ہندوستٲنۍ زبٲنۍ ہندی پاٹھۍ
مانان تہٕ کاشرِ مثالہِ زٕنگی چھُ "نِشہ" لفظ دِوان۔

(ب) (یہ ، ای)۔ کاشرِس منز چھِ یہ برونٹھی، تھوٚد تہٕ زیوٚ ٹھ۔
وینہِ چھِ یہ زیوٚ ٹھ مصوتہٕ مانان مثالہِ رنگی چھ انگریزی "POLICE"
تہٕ "MACHINE" دِوان تہٕ کاشرِ مثالہِ بایتھ چھِ "میل" لفظ
دوان۔ گریرسن چھ اتھ ہندوستانی مصوتس ہوے مانان تہٕ مثالہِ پاٹھی چھ کاشرِس
منز "شین" لفظ ورتاوان۔
۳۔ (الف) (اے) کاشرِس منز چھِ یہ برونٹھی، سوٚم تہٕ ژھوٚٹ۔ وینہِ
چھُ اتھ ژھوٚٹ مصوتہٕ مانان تہٕ مثالہِ رنگی چھُ انگریزی "Let" تہٕ "Met" دِوان۔
کاشرِ مثالہِ رنگی چھ "میٚز" لفظ ورتاوان۔ گریرسن چھ اتھ متعلق وَنان زِ یہِ آواز چھنہٕ ہندوستانی
زبانی منز۔ یہ چھے انگریزی لفظ "میٹکی (Met)" پاٹھی بولنہٕ یِوان کاشرِ مثالہِ بایتھ چھ "بێنہ" لفظ ورتاوان۔
(ب) (اے) کاشرِس منز چھے یہ آواز۔ برونٹھی، سوٚم تہٕ زیوٚ ٹھ۔
وینہِ چھ اتھ زیوٚ ٹھ مصوتہٕ گنزراوان تہٕ مثالہِ رنگی چھ "ہیر" لفظ
دوان۔ گریرسن چھ اتھ تہٕ ہندوستانی مصوتس ستی ہشر دِوان۔ تہٕ
مثالہِ رنگی چھ انگریزیک "Mare" تہٕ کاشرِ خاطرٕ "تریر" لفظ پیش کران۔
۴۔ (الف) (اُ)۔ کاشرِس منز چھِ یہ پوٚت، تھوٚد تہٕ ژھوٚٹ۔
وینہِ چھ اتھ ژھوٚٹ مصوتہٕ مانان تہٕ مثالہِ رنگی چھ انگریزیک
"Pull" تہٕ کاشرِیک "گُر" پیش کران۔ گریرسن چھ اتھ مصوتس منز تہٕ
ہندوستانی مصوتک ہشر لوٚبمُت تہٕ مثالہِ رنگی انگریزیک "Put"

تہٕ کاشرِ خاطرٕ "کُس" لفظ پیش کران ۔

(ب) (اوٗ) کاشرِس منز چھ یہِ پوٚت ، تھوٚد تہٕ زیوٚٹھ ۔ وِیڈ چھ یہِ زیوٚٹھ مصوتہٕ مانان ۔ مثالہِ ژٕنگی چھ انگریزُک "Rude" تہٕ "Rule" لفظ پیش کران ۔ کاشرِ مثالہِ خاطرٕ چھ "کوٗر" لفظ پیش کران ۔ گریرسن چھ اتھ تہٕ ہندوستانی زبانی ہوٚے مصوتہٕ مانان تہٕ کاشرِ مثالہِ خاطرٕ چھ "ژوٗر" لفظ پیش کران ۔

۵ (الف) (ۂ) یہِ مصوتہٕ چھ کاشرِس منز ، منز ، تھوٚد تہٕ ژھوٚٹ ۔ وِیڈ چھُ اتھ ژھوٚٹ مصوتہٕ گنزران ۔ مثالہِ ژٕنگی چھ "زٕٹھ" لفظ پیش کران ۔ گریرسن چھ اتھ متعلق وَنان زِ یہِ مصوتہٕ چھُنہٕ ہندوستانی زبانی منز ۔ یہِ چھُ جرمنی زبانی ہند (ü) مصوتس نزدیک بولنہٕ یوان تہٕ یہِ چھُ انگریز بولن والین خاطرٕ مشکل ۔ یہِ ہیکن فرانسی زبانی ہند موٚلہِ بولن وٲلۍ بوٚلتھ ۔ مثالہِ ژٕنگی چھُ لفظ "کُر (Küru) دوان ۔

ب (ۂ) یہِ مصوتہٕ چھُ کاشرِس منز ، منز ، تھوٚد ، زیوٚٹھ ۔ وِیڈ چھُ اتھ زیوٚٹھ مصوتہٕ وَنان تہٕ مثالہِ ژٕنگی "ترٕ" لفظ دِوان ۔ گریرسن چھُ وَنان زِ یہِ چھُنہٕ ہندی زبانی منز کُنہٕ جایہِ ۔ یہِ چھُ کاشرُک اکھ مخصوص مصوتہٕ یُس انگریزن ہند خاطرٕ بولُن مشکل چھُ ۔ مثالہِ خاطرٕ چھُ سُہ کاشُر لفظ "ہِستِن" دوان ۔

۶ ۔ الف ۔ (اوٗ) یہِ مصوتہٕ چھُ کاشرِس منز پوٚت ، سوٚم تہٕ ژھوٚٹ ۔ وِیڈ

ہندِ ن کاشرِ ن مصوتن منز چھُنہٕ یہِ مصوتہٕ نظر گژھان ۔ گریزس چھُ
ونان زِ یہِ چھُ انگریزی promote لفظس منز گوڈنکہِ (o) وکی
پاٹھۍ بولنہٕ یوان ۔ کاشر مثال چھےٚ "کوٚر"

(ب) ۔ (او) یہِ مصوتہٕ چھُ کاشرس منز پوٚت ، سوٚم تہٕ زیوٗٹھ ۔ ویڈ چھُ
اتھ زیوٗٹھ مصوتہٕ گنزران ۔ سُہ چھُ امہِ خاطرٕ انگریزی لفظ
"Mole" تہٕ "Mole" مثالہِ ژنگ دِوان ۔ کاشرِ مثالہِ خاطرٕ چھُ سُہ لفظ "موٗل"
دِوان ۔ گریزن چھُ ونان زِ یہِ چھُ انگریزی لفظ "Glory" کہ "او" وکی پاٹھۍ بولنہٕ یوان ۔

۷ ۔ الف ۔ (اٗ) یہِ مصوتہٕ چھُ کاشرس منز ، منز ، سوٚم تہٕ ژھوٚٹ ۔ ویڈ
ہتدِ ن مصوتن منز چھُنہٕ یہِ مصوتہٕ بلکہ چھُ سُہ (اُ) تہٕ (اِ)
خاطرٕ اکے مصوتہٕ ورتاوان ۔ گریزن چھُ یہِ مصوتہٕ کاشرِ یک
مخصوص مصوتہٕ گنزران ۔ سُہ چھُ ونان زِ امہِ مصوتک تلفظ
چھُ "hut" کہِ (u) تہٕ "hot" کہ (o) مصوتس درمیان بولنہٕ یوان
کاشر مثال چھُ سُہ "اٗدرن" لفظ دِوان ۔

(ب) (آٗ) یہِ مصوتہٕ چھُ کاشرس منز ، منز ، سوٚم تہٕ زیوٗٹھ ۔ ویڈ چھُ اتھ
کاشرِ یک مخصوص مصوتہٕ مانان یُس جرمنی ہندِ (ö) مصوتس
ہتی رلان چھُ ۔ کاشر مثال چھُ لفظ "داٗر" دِوان ۔ گریزن
تہٕ چھُ اتھ کاشرِ یک مخصوص مصوتہٕ مانان تہٕ سُہ تہٕ چھُ یہِ

جرمنی ہندِس (ö) مصوتس ستۍ رَلان مانان۔ کاشُر مثال چھُ "ماگۍ تہٕ ماج" لفظن منز دِوان۔

۸ (او) یہِ مصوتہٕ چھُ کاشُرس منز پوٗت، یون، ژھوٹ۔ وَیڈ چھُ اَتھ ژھوٹ مصوتہٕ مانان تہٕ مثالہِ خاطرٕ چھُ "دود" لفظ دِوان۔ گریرسن چھُ اَتھ متعلق لیکھان زِ یہِ چھُ انگریزی لفظ "hot" منز (o) اوۍکی پاٹھۍ بولنہٕ یِوان۔ کاشُر مثالہِ خاطرٕ چھُ "دود" لفظ دِوان۔

یمو مصوتو علاوٕ چھِ دونوے یوٗرپی محقق یعنے وَیڈ تہٕ گریرسن کاشُر زبٲنۍ ہندی زٕ مصوتہٕ مِلہٕ مانان۔ (ai)، (اے)، (au) (او)۔ وَیڈ چھُ یمن دون مصوتہٕ مِلبن متعلق ونان زِ یمن چھےٚ رۄمن اردوکۍ پاٹھۍ آواز۔ گریرسن چھُ یمن دون مصوتہٕ مِلبن متعلق ونان زِ یم چھِ کاشُرس منز تہٕ ہندوستانکۍ پاٹھۍ بولنہٕ یِوان۔ مثالہِ زٕنگۍ چھُ سُہ انگریزی "aisle" لفظ دِوان۔ کاشُر مثالہِ خاطرٕ چھُ سُہ "aith" یا "maith"، "oth" "moth" دِوان۔

گریرسن چھےٚ یمو بنیادی مصوتو علاوٕ کاشُرس منز بیٚیہِ شِن ماترا مصوتن ہِنز نشاندہی کرمٕژ۔ یم ماترا مصوتہٕ چھِ یتھ پاٹھۍ۔ a، i، e، u

نا ہٕ ۓ۔ گریرسن چھُ یمن ماترا مصوتن متعلق پانٕے وَنان

زِیمن چھنٕے ژھوچہ آواز یِمہٕ ہٕنہ کن بوٗزِتھ ہیکن۔ گریرسنٕس

پیٹھ چھِ کینژَو یوٗرپی محققو تہِ ماترا مصوتن ہنٛز ذکر کرمٕژ۔

یِمن منٛز GRAHM BAILEY خاص پاٹھۍ شامِل چھُ۔

مگر یِمہِ اعتبارٕ گریرسن ماترا مصوتن ہنٛز مثالہٕ دِوان چھِ تِموتلہٕ

چھُ ماترا مصوتن ہُند وجوٗد ناممکن باسان۔ مثالے۔

(۱) (اِ) یہِ ماترا مصوتہٕ چھُ سُہ یِمن مثالن منٛز ہاوان "Gare"

(گرٕ) تہٕ TSH (ژٕ) گریرسن چھُ یِمن دوشوٕنی لفظن منٛز

مصوتہٕ (اٗ) ہاوان۔

(۲) (اُ) اَمہِ ماترا مصوتُک مثالہٕ چھُ گریرسن asi بہٕ (اُسی) guri

(گُری) لفظ دِوان۔ اگر پوٗرٕ پاٹھۍ یمن مثالن سام ہیمَو تیٚلہِ چھِ اُسی

کاشرِس منٛز اَمہِ خاطرٕ تالرِی (ی) ورتاوان۔

(۳) (ۄ) اتھ متعلق چھُ گریرسن وَنان یہِ چھُ سیٹھاہ کم استعمال

سپدان۔ مثالہِ چھُ KOTU (کوٚت) دِوان۔ یہِ مصوتہٕ

تہِ چھُ کاشرِس منٛز (اۆ)۔

(۴) (اُ) اَتھ متعلق چھُ گریرسن وَنان زِ یہِ چھُ لفظکِس آخرس

پیٹھ لیوان۔ مثالے KORU (کور) یا بیاکھ مثال چھِنٕے

(او) مصوتہ تکہ یمو مثالو تیلہ چھُ اگر سنو KOR" THAK -

ظاہر گڑھان۔

۵، (ئا) گریرِسن چھُ اتھ متعلق وَنان زِ یہِ ماترا مصوتہ چھُ لفظس منزِ

یا آخرس پیٹھ لیوان۔ مثالے (کُرٕ تھکھ) KÜR" THAK

تہٕ (کٕرن) KÜR"N یمو مثالو تکہ چھُ یا (اٗ) نتہٕ (ا) مصوتہ

ظاہر گڑھان۔

(٦) (ٗع) گریرِسن چھُ اَتھ متعلق (Ban ĕrawun) بٕزراوُن لفظ پیٹھ کران

اَتھ مثالہِ منزٕ چھےٚ (ن) مصمتچ تالریت موجود۔

دہ نونی یوٗرپی محققن ہندین دِتیمتین مصوتن ہُند مطالعہ

تکہ چھُ یہِ نتیجہ اخذ سپدان زِ وَیڈ چھُ یمن پاٹھی کاشرِ زبانی ہندی بنیادی

مصوتہٕ پرٕزناونس منز کامیاب گومُت یوٗدوے زن یمن ہُند تعداد

ترٛوٗہے[۱۳] چھُ۔ وَیڈ چھُ امہِ علاوہ کاشرِ چہ زِ زھوچہ آواز تہ پیش کران یمن

منز سُہ (اٗ) زھوچہ آوازِ ہُنز مثال چھُ دوان مگر سُہ چھُنہٕ اَمِچ یوٗر پاٹھی

وضاحت کرِتھ ہیکان۔ سُہ چھُ (اٗ) زھوچہ آوازِ ہُنز یتھہ پاٹھی

مثال دِوان۔ (gur) ، دگرٕ) لفظ چھُ (اٗ) تراونہ ستی nru

(گُرۍ) بنان۔ مگر اَتھ آواز سُنتھ چھُ یہِ عیاں سپدان زِ یہِ آواز چھےٚ

کاشرِس منز تالریت۔ یتھہ پاٹھی ہیکوٚ اسی وَنتھ زِ وَیڈ چھُ تالریتس

نزدیک ووتمُت مگر وبرٕ ھنے چھُنہٕ کرِتھ ہیوٚکمُت۔ گریرسن چھُ کاشُر
زبانٕ ہندی ارداہ مصوتہٕ پیش کران مگر سُہ چھُ (او)، (اے) تہٕ
(اےٚ) مصوتہٕ دۄ یہ دۄ یہ لٔبہٕ پیش کران تہٕ یتھٕ پاٹھۍ چھُ اَمی سندِ ہِندین
بنیادی مصوتن ہُند تعداد پنداہ روزان۔ اَمہِ علاوہ چھُ سُہ شیٚنہٕ ماترا
مصوتہٕ پیش کران، یمن تہٕ سُہ وضاحت چھُ کرٕتھ ہیوٚکان۔ دوٚیمی تہٕ
یوٗرپی محقق ہندین مصوتن ہندِ تقابلی مطالعہ کرٕتھ چھنے یہ کتھ برٕونہہ
کُن یوان زِ گریرسن چھُ ویڈ سندی ترٕواہ[13] بُنیادی مصوتہٕ پننِس گرامس
منز شامِل کران مگر سُہ چھُنہٕ ویڈ سند کُنہِ جایہِ ذکر کران۔ ویڈس یُس
CONFUSION تالریتس منز چھُ سُے CONFUSION چھُ گریرسنس تہٕ
گژھان۔

چھیکرس وَنوٚ زِ ویڈ تہٕ گریرسن چھِ غار کاشری آسِتھ تہٕ کاشُر
زبانٕ ہندی بنیادی مصوتہٕ پرزناونس منز کامیاب گٔمتی تہٕ یُس کاشُر
زبانٕ اکھ بوٚڈ بار دِیت چھُ۔

## Bibliography

1. Wade, T.R. 1888. "A Grammar of Kashmiri Language as spoken in the valley of Kashmir". Re-print 2007. Gulshan books, Srinagar.
2. Grierson. G.A. 1911. "Standard Manual of Kashmiri Language". Re-print 2007. Gulshan books, Srinagar.
3. Handoo, Jawaharlal, 1975. "Kashmiri Phonetic Reader". CIIL, Mysore
4. Bhat, Roopkrishan , 1987. "A Descriptive Study of Kashmiri", Delhi Amar Prakashan.

شوق، شفیع۔ ۲۰۰۸ء۔ کأشرُک گرام۔ این، ایس پبلیکیشنز، کاپرن شوپیان۔

